

ہردے کول بھارتی چھُ افسانہٕ نِگاری ہُنز وکھر، بدون تہٕ
مأرُ مُنز مِثال، یہٕ چھُ پرٕن وأنِس وُچھان وُچھان ہیرِ
بون ؤتھ نوان، اَمہِ کھوتہٕ بہتر قلم کأری ہُنز جوُدگری
بکیاہیکہٕ سپد تھ (امین کامل)

H.K. Bharati's writing career plans about more than half a century, which among other things has made him a sort of "experimentalist". This quality has made his art of story telling like"insignia" of Bharati------a distinguished stylist indeed, Bharati served as a news caster in All India Radio for about 12 year, but then he resigned, becoming first and the only freelance writer (and that way a professional) in J&K State. His number of plays, short stories, features, skits, talks and commentaries put together run in hundreds bearing the insignia of his style.

(Late) Umesh Koul

# طلسمِ خانہ بدوش

(افسانہ سۆمبرَن)

TILASM-E-KHANABADOSH
A collection of short stories
By H.Koul Bharti

ہردے کول بھارتی

کِتابہٕ ہُنٛد ناو — طلسِمِ خانہٕ بدوش

مُصنِف — ہردے کول بھارتی

چھاپَن وٕری — ۲۰۱۵

پَبلِشر — اِسٹیوڈیو اِن ایکزائل (STUDIO IN EXILE)

سَر ورق — بھوشن کول

کمپیوٗٹر کمپوزِنگ — Mulsoo Computer Printers

9419615261(R),9596846574(P)

پرنٹر

کِتاب میلنگ پتہ —
E-18 RUDRAKSH
BANK OFFICERS COMPLEX
MAHA DEV NAGAR
JAGAT PURA - JAIPUR -302017

کِتاب گھر مولانا آزاد روڈ سرینگر

کِتاب گھر کنال روڈ جموں

مول — Rs 350/-

# اِنتِساب

سوپورکہِ بابا یوسف سکولکہِ ناوٕ

یٚیتہِ مےٚ زندگی ہٕنز گوڈنیچ کِتاب پٔر

(ہردے کول بھارتؔی)

# ترتیب

# گوڑ کتھ

وار یاہ زیٚوٗٹھ تھک کڈٕنہٕ پتہٕ چھُ ووٗنی افسانَن ہُنٛد مجموعہ پیشِ خدمت

،یُوتاہ بوٚڈ تھک کڈنُک اوس نہٕ مَنشا، دَپھ حالاتَو تھوونہٕ 'منشا' تیوٗت خود مختار زِ

اَمہِ حسابہٕ سَپدِ ہے کُنہِ کامہِ پیٹھ عمل نتہٕ زَن گژھ ہےٚ۔ کتاب حسأبی وار یاہ بڑٕ وٕنہہ

چھپنی مگر ییٚلہِ نہٕ حالاتنے کانٛہہ حساب رٲوٗدتہٕ۔ کتاب چھاپ سَپدنُک حساب

کتھٕ ییہِ ہے برابر!

-------- اَتھ مَسلَس پیٹھ اَتہِ اور گتھ کرٕنی چھُ فضوٗل اِسلئے چھےٚ دانأیی

زِ اَتہِ یور کروگتھ۔

گھرِ بَدَر سَپدٕنہٕ پتہٕ آیہِ واریاہہِ رٕنگی تبدیلی تہٕ اَمیک اَثر پیوٚو لیکھنَس

پیٹھ تہِ، ویسے تہِ ہرگا اکی ترأیہِ ہمیشہِ سوچوٗزانُن گژھِ سوچنُک حقیقی توانگر چھُ ختم

نےٚ تہٕ کمزور ضروٗر گومُت۔

پیشِ خدمت افسانہٕ سوٚمبرٕنی متعلق کیٛنٛہہ وننہٕ بڑٕ وٕنہہ چھُ یہِ بیان

کرُن ضروری زِ اَتھ منٛز چھِ کینٛہہ افسانہٕ تِتھۍ تہٕ ییم اَز بڑ ونٹھ لگ بھگ ترٛ ہہ پانٛژ

ترٛ ہہ (۳۰-۳۵) ؤرِ ے بڑ ونٛہہ چھِ لیکھنہٕ آمٕتۍ ،مِثالے

'نٕحہٕ تلُک وو پرٛ' - 'شَب گرُد' تہٕ 'اشرف المخلوقات' ---یِمہٕ افسانہٕ

پَرِنہٕ وِزِ تہٕ یِمَن متعلق رائے کرنہٕ وِزِ چھےٚ یہٕ کَتھ نظرِ تل تھاونۍ ضرٛوری زِ یِمہٕ

چھِنہٕ اَزکو سماجی ،سیاسی یا اِقتصادی حالاتو مُتاثر سپد تھ لیکھنہٕ آمٕتۍ ،یہٕ چھےٚ

وکھرِ کَتھ زِ ییم پرِتھ چھُ یہَے احساس گژھان زِ اَزِکَن حالاتَن زیرِ اثر چھےٚ دلیل

تھَنہٕ پیپَمٕژ مگر پزٕ ر چھُ نہٕ تہٕ :پرَن وول ہیکہِ اَتھ محض اِتفاق وٕنتھ مگر ہر گاسہٕ اَتھ

میانہِ آگہی ستۍ تعبیر کرِ یہٕ گژھہِ خوش ، انا (Ego) گژھم مُطمعین !

میانین افسانَن منٛز چھُ ہنا طلسمی عنصر آسان تہٕ کیاز ِ میانۍ کنۍ چھُ اَکھ

فرد بیک وقت دون متوازی عالمَن منٛز زُوان ،اَکھ سہٕ یتھ منٛز تَسُند آسُن (وجوٗد

)سو کھ دو کھ،عاش آرام ،ردو قبولُک سِلسِلہٕ تَس اَندی پَکی عالمَس ستۍ طابع آسنہٕ

کِس حدَس تام جُڑِتھ چھُ آسان تہٕ دویم سہٕ یُس سہٕ صرِف تہٕ صرِف پنٕنہٕ

حسیتہٕ Sensibility ہنٛزِ بالغی تہٕ توانگری پٮ۪ٹھ زُوان چھُ یتھ منٛز تَہُند بن جبلی

عناصری ہُند عمل دخل تہٕ شامِل روزان چھُ ، اَمہِ عالمُک باڈو کیھو بَندِش

دوشوَ ے چھِ حِسیتچ Sensibility بالغی ،توانگری تہٕ جبلی عناصرَن ہنٛزِ شِدت

متعین کران ۔ سوءِ رے کینژہ مُچھِ ترٛ اُ وِتھ ہرگاسٔنِتھ وُچھو، قرار، بےٚ قرأری، سکوٗن، پریشأنی، لذت ۔ تِتھی ہیوٚی چیز چھِ اُتھی عالمس طابع آسان، باضے چھُ یہِ تہِ سپدان زہِ سہواً یا کُنہِ نفسیأتی حأدثہِ موکھہٕ چھہٕ یم اَکھأ اَکس متوأزی آسنہٕ باوجوٗد اَکھأکی ہنٛدِس بٔنس منٛز دأخل سَپدان، یہِ ژیوٚہہ چھُ اکثر عذاب دیہہ آسان۔

میأنین دلیلَن ہُنٛد مأدانِ عمَل یا کینواس وُنی توس چھُ اِنسانہٕ ہنٛدین یمہٕ نےٚ دون عالمَن ہُنٛد عکس پیش کران، یُس سرسری وُچھو تہٕ گرا آسیبی تہٕ باضے طِلسمأتی باسان چھُ، تَوے چھےٚ یم دلیلہٕ بظأہر مجرد آسنگ برٛم پأدٕ کران۔ کوٗشِش چھےٚ بہرحال یِی روزان زِ جمالیأتی اعتبارٕ سنہٕ وُنہِ تہٕ ساختہٕ حِسابہٕ صِنفہٕ کیٛن کلاسکی میزانَن پیٹھ گژھہٕ یم دلیلہٕ پاسہٕ نیرنہِ، تہِ چھا سَپدان کِنہٕ نہَ یہِ فأصلہٕ کرنُک حق چھُ صِرف پرَن وألِس۔

میأنی یہِ گتھ روزِ توٗت تام نامُکمل یوٚت تام نہٕ سنیتا رینہ پنڈت تہٕ مکھن لال کنوَل صأبُن سو دِلہٕ شُکریہ ادا کرٕ یمو وِزٕ وِزٕ یہِ کتاب مُکمل کرنس منٛز مےٚ مدد کوٚر۔ آبھار

ہردے کول بھارتی

# ------أخری خانہٕ بدوش!------

اِتھ تتھٕ ووت نیم مورد خانہٕ بدوش بُستی نخہِ، قدم تُجان تیز تیز مگر کھور ڈُلُس تہٕ آو وُکراونہٕ، 'منظر' وُچھتھ گیہ شہر باش أندی أندی جمع، أکی دأنشمندن پرٛ وژھنس ''ژٕ کتہِ پیٛٹھٕ آکھ؟'' ---خانہٕ بدوشس أس خبر زِسہٕ کتہِ پیٛٹھٕ آو، تِمی کرونس کوٗشش تہِ، أس مژ رووُن وُٹھ تہِ ہلأ وِن مگر کتھ فوٗرِس نہٕ، أچھوٚ ستی کرن کیٛاہتام باونچ کوٗشش پوٗ زشہر باشن اوس ووٗنی نظرن ہُنٛد سیر پرُن مُشتھ گومُت۔ خانہٕ بدوشن کر واریاہ کوٗشش یہِ ظأہر کرنٕچ زِسہٕ کتہِ پیٛٹھٕ آو، مگر أچھ روزٕ ؤژھے تہٕ شہر باش رٕوٗ دی لاعلمے!----

تَس پھہلیٛہِ أچھن ہنٛدی لال تہٕ زٕمرجان دانہٕ ہیٛوی أشہِ پھیٛری دژایہِ دوٚیوٚ أچھو۔ اَکھ گوٚ ڈُلوان سُدرس تہٕ سأری ہے سُدرس گونٛ نہٕ آب۔ دوٚیم آو شیلن چھاونہٕ تہٕ تِم سپٕز ریزٕ ریزٕ بالکل ریگستان۔ ووٗنی چھُ اکہِ طرفہٕ ریگستان تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ نۄنہٕ آبہٕ دار سُدر، درمیانس چھےٚ تَس أخری خانہٕ بدشہِ سنٛز لاش تیمِس پتاہ اوس زِسہٕ کتہِ پیٛٹھٕ آو!

ووٗنی چھُ نہٕ خانہٕ بدوشس کانٛہہ پرٛژھان زِ آکھ کتہِ پیٛٹھٕ؟

---

# جۆڑھ گو پادشاہ

اکہِ دوہہٕ آو دَیس ہنگہٕ منگہٕ خیال زِ اَسنَس گو واریاہ کال، دَیس چھُ پانَس اَسُن خوش کران، اَدِ کنٚہ گوس ہنا تشویش ہیٛو۔ ہنا کوٚرُن سوچ تہٕ بنوٗن اِنسان۔ اَدِ سہ دوٚہہ تہٕ یہِ دوٚہہ تنہٕ ووتُس براب اَسان۔ییٚلہِ تہِ ہنا تھکھ چھُس گرٛھان، ہیٛرِ پیٛٹھے چھُ بوٗن زمیٖنہِ پیٛٹھ نظر تراوان، کینٛہہ نتہٕ کینٛہ چھُ اَسُن لایکھ ضرور رچلان آسان۔ نیٚلہٕ چھُس گرٛھان اُسی اُسی۔۔۔۔ پانَس چھُ پانَے مَتھ مَتھِ دِوان زِ اِنسان ڈٕپتھ کیاہ چیز چھُم تخلیق کوٚرمُت۔

یمنٕے تخلیقاتَن منٛز دژ اوا اَکھا، یَس دپان اَکبر۔اَکبر ڈٕپتھ گو موغل یہِ ڈٕلہِ زِ تہِ موغلہِ اعظم۔دَپان چھِ ناموغُل ڈیٛنٛشتھ گرٛھ ہِ فارسی پھورُن، یہِ اوس تمِوے منٛزٕ اَکھ یَس ڈیٛنٛشتھ فارسی پھوران اوس نہٕ۔ ڈٕس گو آسان کانٛہہ بیر بلا یَس پھوران چھُ تہٕ یہے چھُ حقیقتاً راج تہِ کران، مگر سو دلیل چھے وَکھرٕ!

یتھِ پأٹھی دِیَس اکہِ دوہہ ہنگہِ منگہِ خیال آو، بلکُل تِتھے پأٹھی آو اکہِ دوہہِ موغلہِ اعظمس تہِ اچانک خیال تہٕ پرٛژھُن بیربلس

''بیربل دِپان جوٗٹھ گو پادشاہ!''

بیربلن بوٗزتہٕ دُپِتُن گنہٕ ڈول، جواب اوسُس پےٚ پوٗز معاملہٕ اوس ہنا نوزُک پہَن، اِوٕ کنہٕ زونُن کُلس ڈیوٗل لاگنٕ جان۔ کتھ ڈألتھ وونُس ''جہاں پناہ، مےٚ زن باسان یہِ تان سیٖن چھُ وونی بیٚسورٕ گوٚان، کرٕ ہوس ناوٕ ظیفہٕ بنٛد؟''

کتھ بوٗزِتھ آو سٔتمہِ (۷) اَسمانہٕ دِیَس ٹھاہ ٹھاہ کران اَسُن، پوٗز دِیہِ سُند اَسُن، صرِف بوٗز دِتاہَو تہٕ موغلہِ اعظمن نہٕ کیٛنہٕ۔۔۔!

موموٗلی راجواڑٕ تہِ چھِ تُرکی آسان تہٕ موغلہِ اعظمہٕ سنٛز چھےٚ نہٕ کتھے تَس توٚرفکرٕ زِ بیربل چھُ کتھ ڈالان، تَس روٗدکانہِ تل تہٕ ہنا بُتھ ترٛ گُرگرِتھ وونُس۔

''بیربل ژٕ چھُکھ کتھ ڈالان تہٕ یہِ چھُ نہٕ شأہی آداب'' بیربلن ژھُن موغلہٕ سُند موٗڈوٗ چھِتھ کلہٕ بون مگر موغلہِ اعظمن پھیوٚر پتھ سوال دُبارٕ۔۔۔ ''بیربل، دِپان جوٗٹھ گو پادشاہ''

''جِناب گواَے تہٕ تتھ چھا کیٛنہٕ شک زِ'' بیربلس ژوٗل ہکہٕ نیرِتھ۔ کیٛنژھا زوٗلرٕ تہٕ کیٛنژھا نوکری ہنٛدِ امارٕ!

''اچھا !'' اکبرنٕ کر بیربلہٕ ہنٛدِس جوابَس پیٹھ حٲرٲنی ظٲہر۔

''یِیلہِ جوٗ ٹھ پادشاہ گوٗتیٖلہِ کم چھِ اُسی ؟ موٗغلہِ اعٔظم کُس تہٕ کیاچھُ تیٖلہِ؟''

''حضوٗر توٗہی تہِ چھِوٕ پادشاہ ـ ـ تاجدارِ ہِنٛد'' بیربلن کر نار

ژھیٚو راوُنچ کوٗشش۔

'' تہِ کتھہٕ پٲٹھی بنہِ ؟'' اکبرنٕ کوٗر ریٚیہِ سوال تہٕ ہیٚرِ آوُسُتمہِ اسمانہٕ

دَیِس بیٚیہِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن ـ ـ ـ سُہ اوسا بیربلہٕ ہنٛزِ بےٚ بُسی پیٹھ اَسان کِنہٕ

اکبرٕہنٛزِ بیوقوٗفی پیٹھ کِنہٕ دوٗشوٕنی پیٹھ ، اَتھ مُتعلِق سکہٕ وُنن چھُ ناممکِن ، دَیہ سُنٛد

اُسن ! دَیی ہکہِ جواب دِتھ ! ـ ـ ـ اَمہِ پتہٕ کر بیربلن پنٕنی گردن تہٕ نوکری بچٲوی

بچٲوی تہٕ شاہی آدابَن ہِنٛدِس دٲیرَس اَنٛد رَانٛد ررٕژِتھ وٕلتھ مِلتھ تَس یہِ

سمجھاوُنچ پوٗرِ پوٗر کوٗشِش زِ جوٗ ٹھ کتھہٕ پٲٹھی گو پادشاہ تہٕ بیٚیہِ یہِ زِ جوٗ ٹھس تہٕ

موٗغلس چھُ نہٕ پانہٕ وٲنی کانٛہہ تعلُق ـ ـ ـ پوٗز موٗغلہِ اعٔظم ، شکہٕ گرٛھ نہٕ گنجٲیش

روزٕنی ـ تَس یوٗت تام نہٕ سکہٕ ثبوٗت آسہِ ہےٚ توٗ تام مامانہِ ہےٚ سُہ ـ کاًفی خوٗشکبتھ

کھسنہٕ پتہٕ کر بیربلن ہٲرِتھ ہیٚوٗ ژھوپہ تہٕ موٗغلہِ اعٔظم ووٗتھس ہنا سختی سان ـ ـ

''بیربَل ہفتچ چھےٚ موٗحلَت ۔ ہفتَس اَنٛد رَانٛد ریہِ زِ ژٕ یِمہِ سوالُک ٹھوٗس جواب

ہیٚتھ دربارَس منٛز زِ اگر جوٗ ٹھ پادشاہ گوٗتیٖلہِ کم چھِ اُسی ؟''

موغلہِ اعظم سُند حکُم بوزِتھ آوسُتمہِ اَسمانہٕ دَیِس ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن ، نیلہٕ گیٚس اَسان اَسان ۔۔۔ مگر بو نہٕ گیہِ بیر بلس فرمان بوٗزِتھ گلہِ زبوتہِ نٹان نٹان دڑاوکورنِش بجاوِتھ گرٕ کُن ۔

تڑاوِی تون یہِ سوچِس ستی ۔ یپاری آوسُتمہِ اَسمانہٕ دَیِس بیٚیہِ اچانک خیال ۔۔۔ دے گو دِیِ مُشتھ چھُس نہٕ کیٚنہہ گڑھان ۔ سوٗنچا کوٚرُن " ہتایہِ اِنسان بچارٕ یوٚت چھُم اَسہٕ ناوان ، سورُے تھگُن تہٕ سارٕ ے تلخی تہٕ کڑچھر چھُم مُشراوان ۔ اَسِنز یہِ صلاحیت پزِ تسلیم کرٕنی ، کیٚنہہ حوصلہٕ افزأیی پزٕ اَمِس کرٕنی "

دَیہِ سٕنز دَیہِ گتھ ، تُسند خیال ییٚنٕ یوت زِ زبردست جلسُک اہتمام سپُد ۔ اَتھی منز سپُد اِنسانَس فرمان جأری زِ اشرف المخلوٗقات چھُکھ ! پوٗزٕ کہِ اِنسان دَیِن پننہِ اَسنہٕ خأطرٕ بنووُمت

ہیہِ ہے تنان تہٕ زیری تہٕ تران تہِ زیری ۔۔۔ ؛ میٚوٗ نڈ کھنڈ گوس زیادٕ تہٕ پھٹنس یِوان ۔ اشرف اُلمخلوٗقات آسنچ سَند وُچھتھے زَن آس مَڑر ، موٗنُن تھوٗن نہٕ میٚڑ گُنہِ ، گرادوٗپُن پنٕزی سُند اولاد چھُس تہٕ گرادوٗپُن دے کیاہ تہٕ بہٕ کیاہ سہٕ گوس بہٕ تہٕ بے گوس سہٕ !۔۔ زندہ بادتہِ کوٚرُن پانے تہٕ موردٕ بادتہِ پانے ۔ زِنٛدٕ روزنچہِ ییٚڑٕھ شیٚپلہِ گجن تمہِ کھوتہ زیادٕ گجن مرنچہِ ۔ یتھے تڑیم عالمی جنگ لگہِ مرَن والین

ہُنٛد تعداد روزِ فی منٹ اَکھ کرور۔ یی یٖلہِ دَیَن بوٗزتہٕ أسی أسی گٔیس نیلہٕ، پأنٕ
پأنس کوٗ رُن مرحبازِ 'نمونا' بنوُوم!

یمہٕ وِ ی نموٗنو منٛزٕ اَکھ نموٗنا موغلہِ اعظم، یہِ موغلہِ اعظم تہِ کتھہٕ پأٹھی سپُد
رحمتِ حق تہٕ چھُ سارنے پتاہ مگر بیر بلٕ کتھہٕ پأٹھی سپُد سور گہٕ واس تہٕ چھےٚ خالٕے
کأنٛسہِ تہٕ کُس خبر، سپُد یہِ زِ بیر بلٕ یتھُے کلہٕ نومرأ وِتھ گرٕ کُن دڑاوِیہِ فکرِ لجس أتھرِ
ہنٛدی پأٹھی أنٛدرٕ ے کوٗرنہِ زِ ہفتہٕ ختم گرٕ ھتھ کیا دِمہٕ سُتمہٕ دوہہٕ پادشاہَس
جواب۔ نہٕ اوسُس ژلنَس وار تہٕ نہٕ گلنَس وار۔ اَمی فکرِ کوٗرنَس سکوٗت، نہٕ
روٗدُس کھسنس رغبتھ تہٕ نہٕ چنٛنَس، اصلی زان آب دانہٕ موٗکلیمٕتی کھیہِ کسنٛدِ مالہٕ
پیٹھ۔ بیر بلَس موژنأ وِیہِ ڈٕلِی زِ تہِ کوٗنڈٕ ے یوت۔ رسہٕ رسہٕ گٔیہِ دوہہٕ نکھہٕ یوان
تہٕ ستی گورسہٕ رسہٕ بیر بلٕ تہِ زوٗ رٕ نگی پتھ پتھ گرٕ ھان۔۔۔۔ اَخرس آوُسہٕ
دوہہٕ تہٕ یٖمہِ دوہہٕ بیر بلَس جواب ہتھ دربارس منٛز پیش اوس سپُدُن۔ سأرٕی
دربأری کیہو اُمرا گٔیہِ سُلہِ صُبحأئے یٖمہِ چاوٕ دربارس منٛز حأضر زِ اَز ہانیرِ بیر بلَس
سأرٕ ے کأرکُل تہٕ بیر بلن تہِ کوٗ رپنہٕ جایہِ فأصلہٕ زِ ژلنہٕ کھوتہٕ چھُ گلہٕ نے بہتر
۔سیٖدِ سیٖوٗ ددِمہٕ پادشاہَس جواب، اَدِ پتہٕ الکہٕ گرٕ ھن یاوانگن۔ اَمی اِرادِ کوٗرُن
پلنگہٕ پیٹھٕ ووتھنٛچ کوٗشِش، مگر فاقو أ ےسس نہٕ سامرتھ تھأوِ مڑ گنی گتہٕ آس

تِیوٚتھ زِ درٕس گٔرِتھ آو پتھٔر لاینہٕ تہٕ أتھی ستی دُیتٕن امانت، پادشاہَس یہٕ وَنُن اوٚسُس تہٕ رٕوٗدُس أندرَے۔

اَتھ مُقامَس پٮ۪ٹھ چھےٚ سوٗچنٕچ کتھ یہٕ زِ اَتھ واقعس پٮ۪ٹھ آسیا سٕتمہٕ اَسمانہٕ دَیَس اَسُن آمُت کِنہٕ نہٕ؟ عام خلقَن کیٛاہ رائے چھےٚ اَتھ متعلِق تتھ چھُ نہٕ کانٛہہ مانی، دَپھ تُرکبن ہُند خیال چھُ زِ تَس آو تیوٚت اَسُن زِ ئلی کانٛہن گوس گرُس تَس کیٛاہ زِ آو اَسُن، تی گوسیرٕ مولےٚ! تتھ ماووت کانٛہہ؟

یپاَرٕ یٮ۪لہٕ بیربلَن دُیمہٕ دہاتو' زِ ترگُپت ہٕندِس دربارَس منٛز پیش کوٚر، اَمہِ بٕرٕونٛہہ زِ ژِ ترگُپت کھولِ ہے تٔسنٛز کرمہٕ ہی، بیربلَن کوٚرُس گلی زٕ گنٛڈِتھ عرض زِ ''رازٕن، موغلہِ اعظمَن سُند چھُس نمک خوار رٕوٗدمُت، تٔہٕندِس أکِس سوالَس رٕوٗدُم جواب دِنٕے اَوٕ.موکھ گوٚژھ توٚت تام مےٚ متعلِق پرٕتھ کانٛہہ فأصلہٕ مُلتوی کرنہٕ یُن یوٚت تام نہٕ بہٕ تٔہٕندِ سوالُک جواب دِتھ نمک حلأ لی ہُند ثبوٗت دِمہٕ'' عرض بوٗزِتھ رُکوو ژِ ترگُپتَن اَتھہٕ، بیربلَس گٔرٕن ہیرِ بون نظرا، تٔسنٛز حالتھ ڈٕپنٛشتھ آس آرٕ ےتہٕ ہی واپس تھوان وٕونہٕ نَس ''تتھا ستو، تی سَپد''۔

یپاَرٕ گو موغلہِ اعظمَن تہٕ بیربلہٕ ہٕندِ ہیٛہہ کینٛژٕ کأ لی رحمتِ حق! شایانِ شان طریقس منٛز آو ماتم کرنہٕ تہٕ شاہی اعزاز سان آو موغلن وُڈراونہٕ۔ نکیر

مُنکِر سَپدِ موغلہِ اعظمہ سِنزِ شاہی قبرِ منز ظاہر ۔ ملأ یک ڈیشتھ گوموغلس بڑ ژِس کھنڈس پأنس تہِ فارسی بولُن مُشِتھ ۔ پوٗز اخرس موغلہِ اعظم ، موردے زَن اوس شاہی تیٖہہ کوٚت گرٛھس ، جُرتس کام ہیتھ بوزناوِن بیربلن سورے قصہ وبستار سان ۔ گتھ بوٗ زِتھ سوٗنچ ملأیکوتہِ زِپوٗزے چھُ یوٚت تام نہ موغلس سوالس جواب میلہِ توٚت تام روزِ بس روح دَرعذاب ، پوٗز بیربلہ سُند معاملہ اوس ژِتر گُپتس نِش ، اِوموکھ لوٗگ کاروأیی ہناز تِچھر پھن ۔ چھیکرس آیہِ دوشوے اَکھ أکِس سمکھاونہ یتھ سینہ صفأیی تہِ سَپدِ تہٕ نمک حلأ لی ہُند ثبوٗت تہِ میلہِ موغلس ستی یہِ مُلاقات وُچھِتھ آو دیٖس ٹھاٹھا کران اُسن !

رسمی خأر پاٹھ پتہٕ ووٚتھ موغلن بیربلس "بیربل ، اَسہِ اوس نہٕ ژے نِش یہِ توقعہ ، سوالس جواب دِنہٕ بغأرے تھوٗتھ لوٚتہِ پأٹھی ٹُلِے .....۔ یہِ تہِ سوٗنچتھ نہٕ زِ أسی ماروزو پیاران"

بیربلن ووٚنس ہنا پشیمان ہیٚو سَپدِتھ "تہِ چھےٚ نہٕ دلیل عالم پناہ ، پزر بوٗزِو یِنہِ یور آس تنہٕ ووٚتُم توہی پژاران ، تُہُند سوال چھُم وَچھس پیٚٹھ زَن پہاڑ ----"

"تیٖلہِ دِ جواب" موغلن ووٚنس تنگ ہیٚو یتھ "وَن ہرگاہ جوٗٹھ گو

پادشاہ تیلہِ گم چھِ أسی ؟''

دپان روح چھُ زمانہٕ، مکانچہ بٔندِشہِ نِشہٕ آزاد آسان یۆت یٚیمہِ ساتہٕ مرضی گرٛھِکھ توٚت تِمہِ ساتہٕ ہیکَن گرٛھِتھ، تہٕ واتِنَس چھُکھ نہٕ برٛنٛزتہِ لگان۔

''عالم پناہ، وٕلو مےٚ ستی'' ونان ونان گر بیربلَن وُمبرِ منٛز گوڈ ٕنکہِ پھِرِ شأہی آدابہٕ نبَر نیرِتھ موغلہِ اعظمَس نِرِتھچھ تہٕ پکہٕ نووُن پانَس ستی۔ موغلَن تہِ کوٚرُس نہٕ واد، زَن أس تَس خبَر زِ کوٚت نٚیم ۔۔۔ بیربلَن کوٚر جایہِ ہُنٛد خیالے یوت زِ أچھِ ٹٕوارَس منٛز وأتی اوبرِ لنگو پیٹھی دوشوٚے فلسطین، موغُل زِ ہیٚ ۔۔۔ اَکی نظرِ توٚرُس نقشہِ فکرِ، بیربلَن کوٚر بیٚیا کھ ٹٕوار زِ عراق ــــــــ موغلَس ہیٚوتُن نہٕ دُنہِ تہِ مَنشا سمجھس یُن ،،، بیٚیا کھ ٹٕوارٕ ے تہِ کشیرِ ــــ قدم ٹھٕہرأوِتھ ہرٛ وو بیربلَن کیٚا ہتام وَنُن زِ موغلن وُنُس ڈٕٹوٕنی گرِتھ ''بَس سوالَس میٚولُم جواب

درٛایہِ پھُٹھ گتھِ'' ــــــــ

ونان ونان آیہِ موغلَس مَرنہٕ پتہٕ أشی ٹارٕ ۔۔۔ مرنہٕ پتہٕ! یہِ وُچھِتھ آودَیس تیٚوت زورٕ اُسن زِ آوازبوٗز موغلَن تہِ۔

--------

# مَرِچ ال کیمی

سہٕ ؤ کتہٕ کالہٕ پتھٕ اوس مےٚ ؤستی روزان، تہٕ چھُم نہٕ ٹھیک پأٹھۍ یاد، شاید تنہٕ پتھٕ ینہٕ بہٕ حبہٕ پیٚوس، یا شاید تمہٕ تہٕ برونٹھۍ، شاید زِ ہنہٕ پتھٕ، وثوقہٕ سان ہیکہٕ نہٕ کینٛہہ وٕنتھ، پوٚز سہٕ ؤچھ مےٚ ہمیشہٕ میانین سوچن ہنٛد دویمہٕ بٔتھ، حالانکہ سہٕ تہٕ بہٕ أسی اکہٕ وٹہٕ لسان بسان بلکہ اگر یہ تہٕ وَنو زِ أکی سے مُرس منٛز أسی آباد تہٕ کینٛہہ زیاد غلط تہٕ آسہٕ نہٕ: اکہٕ وٹہٕ کھوٚن چوٚن، اکہٕ وٹہٕ وو تھُن ہُن ۔۔۔ بَس تضاد اگر اوس تہٕ سہٕ اوس صرف سوچن منٛز، بہٕ ونہٕ ہا پہاڑ تہٕ سہٕ اوس سمندر رونان، بہٕ ونہٕ ہا دوٚہل تہٕ سہٕ راتھ، بہٕ سوچہٕ ہا بہار تہٕ سہٕ اوس ہردس تأریف کران ۔ بہٕ ہرگاہ ونہٕ ہا پوش چھُ سوندر آسان سہٕ اوس کنڈ بن قصیدٕ پرٕنی شروع کران، بحث اوس لاگان تہٕ مےٚ پسپا کرنہٕ خأطرٕ اوس

نہٕ سہ ُ عالمانہٕ دلیلو پٮ۪ٹھ ناسزاتہٕ بدرد ونہٕ نَس تام تہِ گُریز کران۔ تِتھۍن موقعن پٮ۪ٹھ سہ ُ ژھوپہ کرناونہٕ خاطرٕ اوس میٚ تَس اکھ ژھوٚٹ گنٹڈ روٗٹمت ،یہٕ اوُسس عاجز ییتھ تَس تھپھ ٹُلنہٕ خاطرٕ ونان '' ٹھیک چھُ ژٕ تژٕ اومیٚ ژٕپنٕی حالہٕ !'' اَتھ ژٕ تژٕ اومیٚ ژٕپنٕی حالہٕ ،جُملَس مَنز زَن جادٗ ییٚک ہیٚوٗ تاثیر اوس ،سہ ُ اوس یکدم ژھوٗپہٕ کران ، زِن بولنُک طاقت اوُسس یکدم ختم گژھان ، بُتھس اَسس لبد رِ ژھٹھ پھیران تہٕ میٚ اوس یہِ وُچھتھ پنہٕ نِس دٕ پس پٮ۪ٹھ افسوٗس گژھان۔سہ ُ اوس زَن اَندری ژٕمتھ ہیٚوٗ خبر کمن غوطن گژھان تہٕ یہٕ اوُسس اِتھۍن موقعن پٮ۪ٹھ بےٚ مطلب نظرٕ ہٹاوِتھ لبہِ پٮ۪ٹھ چھکلی مُدٕ ے گنٹڈِتھ وُچھنہِ روزان ،یہِ چھکلی اَس بجلی بتہِ اَندی اَندی گتھ کرن واجنہٕ مچھَن تہٕ مَہن بالکل بےٚ حرکت زاگہِ آسان ، تِتھۍن موقعن پٮ۪ٹھ اَسی اَسی دوٗشوے عموماً بتہٕ کھٮ۪نے شوٗنگان ۔مگر یہِ سوٗرے سپدنہٕ پتہٕ تہِ اوس سہ ُ میانین سوچن ہنٛدِ دٔیمہِ بٔتھی روزان۔

'' میٚ تژٕ اوتہٕ ژٕپنٕی حالہٕ '' اَتھ مختصر جُملَس کیٚا سنا اوس یُتھ زِ اَمس اوس یہِ یوٗت سٕنتھ گژھان ،تہِ توٗ رنہٕ مےٚ توٗت تام فکرِ یوٗت تام نہٕ اکہِ دوہہٕ سہ ُ پٔزی میانِس حالَس پٮ۪ٹھ مےٚ تژٕ اوِتھ گو ،تمہِ دوہہٕ تہِ اوس سہ ُ میانین سوچن ہنٛدِس دٔیمس بٔتھس پٮ۪ٹھ !تہٕ پرٕتھ دوٗ ہکی پاٹھی گومےٚ تماہ زِیہِ تہِ گوژھ یٔیمہٕ

بٹھِ یُن تہٕ پرٛتھ دۄہکۍ پاٲٹھۍ گرٚتمۍ تہٕ کوٗشِش زِ بہٕ گوژھس تٕسنٛدِ بٹھِ ترُن، پرٛتھ
دۄہکۍ پاٲٹھۍ کۄرٕتمۍ بہٕ قاۂیل کرنہٕ خاطرِ عالمانہٕ دلیٖلو پٹھٕ بدرَدوٕنٕس تام پرٛتھ
ہٲتھیار اِستعمال تہٕ دوہہٕ دِشہٕ ہنٛدی پاٲٹھۍ وۄنُس مےٚ پَتھ برٛونٛہہ وُچھنہٕ بغاٲر
"دبَس ژٕ ترٛاومیٚ پننہٕ حالہٕ!" پرٛتھ دوٕہکۍ پاٲٹھ گرٚتمۍ یکدم ژھوپہٕ مگر پرٛتھ دۄہکۍ
پاٲٹھۍ نہٕ پھیر تَس لبدِ رِژھٹھ تہٕ نہٕ گوغوطن ہیوٚ بٔلکہٕ وۄتھلۄ تہٕ پاٲٹھۍ تہٕ دژاو کینٛہہ
وننہٕ بغاٲرے کمرِ منٛزٕنبر

سہٕ دوہہ تہٕ اُزُیک دوہہ، سہٕ پھیوٗرنہٕ واپَس تہٕ مےٚ گوگوڈنچہِ لٹہِ احساس زِ
ییٚلہِ کانٛہہ پننۍ حالہٕ ترٛاوون تَس کو سہٕ پرٕونۍ ناوچھےٚ گرٛھان، شاید ما آسہِ ہے
اَمۍ احساسہٕ تَس لبدِ رِژھٹھ پھیران۔ زانہِ دَرے کیاہ کیاہ معنی تہٕ مطلب اوس سہٕ
اَتھ مختصر جُملَس سٟتۍ وابستہٕ کران، شاید یہِ زِ بہٕ گوژھسَن نہٕ سہٕ بُیوٗن کرُن یا بے
گرٛھِ الگ تہٕ پرٕونۍ ناوگرٛھسَم۔ مگر اَکھ کتھ ٹٕرنہٕ مےٚ زانٛہہ فِکری زِ تٕسنٛدِ خاطرِ
کیٛا اوس اَہم، میٲنۍ ذات کِنہٕ پنُن وجوٗد؟

تٕسنٛدِ گرٛھنگ دوکھ اوس مےٚ بےٚ شک مگر تٕسنٛزِ غاٲرموجوٗدگی منٛز باسوٚنہٕ
مےٚ پنُن پان زانٛہہ کُن یا تنہا تکیاز بُستی اَس لوکٹ تہٕ پرٛتھ اَکھا اوس
زاٲنۍ کارِے باسان، بہٕ اوسُس قریب قریب مُطمعین۔

مگر أتھی منز سپد اچانک کیا ہتام زن بُستی یکدم کاڈ کوڈ تہٕ باڈوگوس یوڈ، پھٔھلان پھٔھلان بنیٖہٕ بُستی شہرتہٕ شہر بنیاو مہانگر۔ مِلن تہٕ فیکٹرین ہنز چِمنہٕ آسہٕ ژواپأری دٔہی لمبکھ ترٛاوان نظرِ گژھان ، گاڈٕ بن ، موٹرٕن روٗد نہٕ شُمارٕ ے______ سڑکہٕ گیہٕ کھجہٕ تہٕ مکانن بنیٖہٕ مندورِ، فُٹ پاتھ اُسی ووٗنی دٔوہلہٕ کھوتہٕ زیادٕہ روٗتلِس آبادروزان تہٕ وُچھان وُچھان گیہٕ بُتھِن ہنز پہچانٕہ لاپتاہ، پرٛزنتھے گیہٕ ختم۔ خبر کوٚت گیہٕ تمہ بُتھی یم وُچھتھ پانہٕ نیارُک گُمیارٕ وُٹھن پپٹھ اوس پھولان۔ خلقن ہنز ہیر پھرٕ ے ییٚلہٕ جنگلُک احساس دِیہٕ تیٚلہٕ چھُ نکھ تلُک تہٕ ووپر باسان۔ تہٕ ووپر بُتھِن ہندِس اتھ جنگلس منز باسیٚو مےٚ زن وَتہٕ روومُت چھُس ۔ ووپرأزی ہندی أمی احساسن پوٗوم شدتہٕ سان سہٕ یاد یُس ہر ہمیشہٕ میانِن سوچن ہندِ دٔویمہٕ بُتھِ روزان اوس تہٕ مےٚ کوٚر پننہٕ کُنزِ خاطرِ ---صرف پننہٕ کُنزِ کہٕ احساسہٕ تُسند تلاش دٔوبارٕ شروع، مگر بہٕ اوٗسن سہٕ صرف بُتھِ تلہٕ پرٛزناوان، میانہٕ خاطرٕ اُسی تسنز شِناخت سرِف تُسند بُتھ تہٕ اتھ شِناختس اوس نہٕ ووٗنی کانٛہہ معنی مطلب روٗدمُت۔

مےٚ اوس پوٚزتہٕ یقین زِ سہٕ چھُ زِندٕ، ییٚتھی شہرس منز چھُ، مےٚ نِشہٕ چھُ مگر توتہٕ اوس سَن نہٕ بہٕ سہٕ پرٛزناوِتھ ہبکان تِکیازِ تمی سُنز پہچان أس میانہٕ

خاطرٕ صرف تسُند بتھ، تہٕ ییلہِ بُتھن ہنٛز حقیقت بجلی کوٚتس پیٹھ مرنہٕ (چکاونہٕ) آمتہِ پوسٹرٕ چ (Poster) ہش آسہِ ، یتھ پیٹھ پرٛتھ دوٚہہٕ نوٚو پوسٹر (Poster) مرنہٕ چھُ یوان، بتھِ پرٛزٕ ناوُن چھُ ناممکِن گرٛھان، مےٚ گو نہٕ یتھ کتھِ کُن زِنٛہے ظون زِ سہٕ ماچھُ بتھِ علاوٕ، شکلہِ علاوِ تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ!

لبہٕ پرٛچھِ یہ چھپکلِی یوسہٕ دوہے بجلی دزٕ وُنے، لمپس أنٛدی أنٛدی گتھ کرن واجبنٛ مچھن کھینہٕ خاطرٕ زن لبہٕ منٛزٕ ے اچانک پھٹان چھےٚ أس ازمےٚ شِدٕ تہٕ سان باس دِوان ز، شناختہٕ خاطرٕ چھُ نہٕ صرِف بُتھیک آکارتہٕ ناک نقشہِ یاد تھوٚنےُ یوت کاٗفی :لبہِ پیٹھچہ أمِس چھپکلی ہنٛز جایہِ ہرگاہ بدل کانٛہہ چھپکلی اَتہِ نس بیٚہہِ بہٕ پرٛزٕ ناوَن یکدم زِ وۄپرَ چھپکلی چھےٚ، حالانکہِ مےٚ چھےٚ نہٕ أمی ہنٛز شکل زٕ ہنٛہے سَنٛتھ وارٕ پاٗٹھی وُچھمٕژ تہٕ ہرگاہ وُچھِ تہٕ تہٕ یاد گتہِ روزِم؟ مگر تہٕ أستھ تہِ چھُسَن بہٕ یہِ پرٛزٕ ناوان تِکیاز بہٕ زانن یہِ ٹھیک پاٗٹھی، أمِس چھُ کیاہتامتھ یُس أمِس باقیو نِشہِ بیٛون چھُ کران، کُس تام مُنفرِد، کُس تام ذاٗتی وصف، اِدٕ خراب یا جان مگر بالکل ذاٗتی!۔۔۔خبَر یہِ بالکل ذاٗتی ''کیاہتام'' کیاز آونہٕ مےٚ تسُند بوزنہٕ۔مےٚ کیاز زوٚن تسُند بُتھ تہنٛز شکل یاد تھوٚنی کاٗفی؟ شاید اوٚ موکھ زِ سہٕ اوس ہمیشہِ میانٛن سوچن ہنٛد دیمہِ بٔتھِ روزان۔ از اوس میانٛن سوچَن ہُنٛد

دوٚیم بوٗٹھ بالکُل خالی، صرف شُنیاہ تہٕ وأران۔ شایداوس دوٚیم بوٗٹھ تِسندی دَمہٕ آباد۔

پرٕ ژھیوٚن گژھتھ ترٛاوے آشی زِبہٕ کیالَبن سۄ دُبارٕ۔۔ ہأرِتھ سَپدُس بہٕ تہٕ لوٗکن ہنٛزِ ہیرِ ہیرِ منٛز شأمِل ______ کُنرک احساس کم کرنہٕ خأطرٕ اوسُس بہٕ ووٚنی پرٛتھ لوٗکہٕ کھلِس منٛز شأمِل گژھان، عجیب تہٕ خطرناک ووتَل بُجہ کران۔ اَدٕ سۄ فساد آسہِ ہے یا بلوٕگری، پتھراو آسہِ ہے یا لوٗٹھ مار، بہٕ اوسُس اَتھ کھلِس منٛز پیش پیش روزان تہٕ یٚیمہِ دوٚہہٕ میانی گنہِ ستی بجہِ مندورِ ہُند بوٗڈ شیشہِ ''دِچھن'' گرِتھ ہیرِ پٹھٕ وُکراونہٕ آو تہٕ بونہٕ گرِن سارٕے زمین زخمی، مے باسوٕ زِ پرٛتھ، پرٛتھ سوٗرت چھےٚ مے پرٛزٕ ناوان۔ آوازَن ہندِ سَنہِ کرٛیرِ منٛزٕ گیہِ میأنی آواز بازگشت، یوسہٕ سارِوے بوٗز، 'فلکھ چھُ مے پرٛزٕ ناوان'، اَمہِ احساسہٕ کہِ لذتہٕ گوس بہٕ کُنی ووٚتہِ کھلِس منٛز سارنی برٛونٛہہ نیرِتھ۔ ووٚنی نہٕ أسی کُنی لاینہٕ وِزِ مے اَتھہٕ نٹان تہٕ نہٕ اوسُس بہٕ بلوٕ کرنہٕ وِزِ أندرٕ کانٛہہ پَس وپیش ژینان!۔۔۔ کُنہِ ہرگاہ مے چوٹ لگہِ ہے، کانٛہہ أنگ رَتہٕ دأوی گژھِہ ہے یا کُنہِ أڈی جہِ تاس یہِیہِ ہے، دَگہِ ستی اوس مے یہِ احساس زیادٕ گنان زِ بُتھن شکلَن ہندِس یتھ أنتہٕ رِستِس سمندرَس منٛز چھُ صرف میوٚن بُتھ، میأنی شکل

یَس وأحِد پہچان چھےٚ! __________ بہٕ چھُس مُنفرِد !

مےٚ اوس ووٗنی سہٕ تقریباً موٗٹھمُت ، یُس میانین سوچَن ہِنٛد دۄیمہِ بٔتھ روزان اوس ، ہمیشہٕ ، ہر وقتہٕ ! ووٗنی اوس نہٕ مےٚ شوق تہٕ زِ سہٕ گوٚژھ مےٚ سمکھُن تِلکیاز میانہِ سوچہٕ موجوٗب اوسُس نہٕ بہٕ ووٗنی تنہا تہٕ نَہ اوسُس محفِل اَکھ شکل ، اَکھ صوٗرت __________

مگر تتھ پأٹھی سہٕ اچانک میانہِ زندگی منٛز دژامُت اوس ، بالکل تتھے پأٹھی آو سہٕ اچانک واپس ، اَمہِ دۄہہٕ تہٕ اوسُس بہٕ کھٕلِبس پیٹھ پیٹھ خبر کیا معموٗلی کرنس دَرپےٚ ، بُتھِ سپُد لاٹھی چارج ، اَمہِ پتہٕ چلیٛیہِ ٹیرگیس تمہِ پتہٕ شاید گولہِ تہٕ __________ خبر سہٕ اوسا لاٹھی چارج دَب کِنہٕ گولہِ ہُنٛد چوٹ ، مےٚ باسیوو کنہٕ گوگلَن ٹلی زَن نارُوزان ، توت توت خون ووتھ ڈبکہٕ پیٹھی بُتھس لکیر کھینچان تہٕ بوٗنہٕ گو سڑکہِ ہنٛز لٔرِ تھ منٛز جذب ۔ زنگہٕ زَن ڈیلیٛیہِ جوٗڈن نِش تہٕ اَمہِ برونٛہہ زِ بہٕ یمہٕ ہازمینہٕ پیٹھ وُکراونہٕ سہٕ سپُد اچانک خبر کیا ری نموٗ دارتہٕ مےٚ کھونہِ منٛز ژٔتھ بیٛوٗٹھ پانہٕ تہٕ نٔنی ۔۔ سہٕ یُس ہمیشہٕ میانین سوچَن ہِنٛدِ دۄیمہِ بٔتھ روٗد __________ کھوٗل اوس کرتام ژوٗلمُت ۔ ووٗنی أسی صرف أسی زےٚ ، سہٕ تہٕ بہٕ _ _ _ _ _ سڑک أس دوٗر تام سُنسان ۔

"ژےاوسے شِکوٕ زِ بہٕ چھُس ہمیشہِ چانٛن سوچَن ہٕنٛدِ دوٚیمہِ بٔتھ
روزان" تٔمۍ وۄن میٲنس زٔخمس پیٚٹھ وارٕ وارٕ اَتھٕ دبأوِتھ ــــــــــــــ
"بُٹھۍ ہرگاہ مِسمار گرٛھَن تیٚلہِ چھےٚ روأنی بےٚ ترتیب سَپدان، تباہ
گُن بنان، بٔستیٖن ہٕنٛز بٔستیہِ چھےٚ وُ جاۓ سپدان!"
تٔمۍ روٗٹس بہٕ پانٕس ستۍ بیٚیہِ ہناچیرٕ۔ "اَوے اوسستھ نہٕ بہٕ ژٕ چأنٛس
حالَس پیٚٹھ ترٛ اوان!"
اَمہِ پتہٕ کٔرتٔمۍ ژھوپہٕ تہٕ بہٕ ہیوٚتنَس رَسہٕ رَسہٕ وُنلہِ ــــــــــــــ سبٹھا گنہِ
وُنلہِ منٛز ہیٚنہٕ یُن ۔ مےٚ اوس آخری احساس یہِ زِ سہٕ چھُ، سہٕ چھُ، رسہٕ رسہٕ
میٲنس مُرِس اَنٛدر ژمان تہٕ مےٚ ستۍ گنہِ وُنلہِ منٛز شرٛ پان!

---

# اَخری ویتال کتھا

یمہِ شبہٕ تہٕ وٲجی راز وِکرمادتیٖن کاٲلکی پاٹھی پوٚنجتہٕ عزمہٕ سان لاش تہٕ سو پھیکِس پیٹھ ترٲوِتھ دزاو شمشان کُن ، تہٕ پزتھ شبکی پاٹھی وٗنُس لاشہِ منٛز بہتھ ویتالن ٹسنہٕ ہوٚگرِتھ ____ " راز کاٗژیاہہِ پھِر واٲجتھ ژے یہِ لاش گلہِ پیٹھ تہٕ اِتھے پاٹھی دزاکھ یہِ پھکِس پیٹھ ترٲوِتھ پنٕنہِ مُہم انجامس واتناونہٕ خاطرٕ مگر پزتھ وِزِ گوکھ ژٕ ناکام ۔ پتہٕ چھیٚیہ کیاز ہ ؟" ویتالن کوٚر راز وِکرمادتیس سوال ، تَس اوس برٕم زِ رازٕ دِیہ تسنٛز کتھِ بےٚ خبری منٛز جواب تہٕ اَتھی ستی گژھِ رازٕ سنٛز ژھوپہ ختم تہٕ شرطہِ مُطابِق گژھِ ویتال لاشہِ سان تسنٛدِ پھکہِ پیٹھٕ غاب تہٕ وُڈو گرِتھ واتہِ بیٚیہِ تتھی کُلِس پیٹھ ، مگر تہِ سپُد نہٕ رازٕ روٗد پننہِ ژھوپہِ پیٹھ قایم ---- بزٕنزِس کھنڈُس روٗز خاموشی تہٕ پتہٕ گرو ویتالن بیٚیہ داستان شروع :

" رازن ، ژٕ گوکھ ناکام تکیاز زِ دلیرتہٕ بہوٗدر آسنہٕ علاوٕ چھکھ ژٕ بےٚ پناہ ذہین تہٕ عقلمَند ، ژٕ چھُکھ پزتھ سوالُک جواب زانان ، پزتھ کانٛہہ مسلہٕ چھے ویژھناوُن تگان ۔ ژٕ چھُکھ ژھوپہ پھُٹرِتھ میانہ کتھِ دُرست جواب دِنِس پیٹھ مجبوٗر گژھان تہٕ پانٕے چھےٚ چاٲنٛی خاموشی تہِ پھُٹان ---- ژٕ کرہکھ جواب پتاہ

أستھ ژھوپہٕ مگر تہٕ ہیکہِ نہٕ ہُنتھ ۔ تکیاز ژیلہِ گژھِ چون وجوٗد ے ختم ، سو گژھ تہٕ چھےٚ یقینی ، جواب پتاٗ أستھ ہرگاہ ژٕ خاموشی برقرار تھوٗ کھ ژےٚ پھٹی پٕنی ژھوپہٕ ستی کلہٕ کھوپر ، یہِ گژھِ ریزہٕ ریزہٕ تتہٕ چھُ شرطس منز شامل تہٕ تتہٕ چھکھ ژٕ زأنتھ !" اَمہِ پتہٕ روٗز بیہِ بڑنزِس کھنڈَس خاموشی ۔۔۔ مُکمل خاموشی ۔ صِرف اوس وِکرمادتیہِ سِند بو قد موٗ ستی حر کژ ہُند احساس گژھان ۔۔۔ "مےٚ چھُ باسان

راژن" ویتالن تُج بیہِ دلیل ____ "گُنہٕ گُنہٕ چھُ اِنسان پننہِ عقلمندی تہٕ ذہانتہٕ کنہ تہٕ دارس کھسان"

ویتال اوس بلاشک گمہِ تام نوِ داستانہٕ خاطرٕ تمہید گنڈان ، یہِ گتھ چھُس بہٕ اَوٕ کنہ وثوقہٕ سان ونان تکیاز ییتھ لاشہِ منز ویتال ہتھ چھُ سو چھےٚ میانی لاش ! ____

ویتال لوٗگ لنڈی زٕٹھراونہِ ____ "راژن پزی چھےٚ باضے اِنسانس پٕنی دانشمندی تہٕ ذہانت بھانسہِ کھالان ، مےٚ چھےٚ خبر میانہِ اَتھ کتھِ کرکھنہٕ ژٕ پژھ ، منطق دِیی نہٕ اَمیک اِجازت ____ بوٗزبہٕ بوزناوتھ دلیل پتہٕ کر پانےٚ فأصلہٕ" ____ گتھ وُنتھ کر ویتالن پُر اسرار اندازٕ بڑنزِس کھنڈَس ژھوپہٕ تہٕ پتہٕ وَوتھ ہناسرٕ یہلہِ اندازٕ ۔۔۔ "راژن یہِ دلیل چھُستھ نہ

صرِف اَمہِ ۔کنی بوزناوان زِ گتھ گتھ کران گژھِ سفر کرُن آسان ، بلکہ چھُ مے یقین زِ اَتھ دلیلہِ نیرِی نہٕ ژٕے جواب تہٕ ییلہِ نہٕ جوابہٕ دِتھ ہیکھ چون (مون) ژھوپہ روزِ برابر برقرار تہٕ بہٕ تہٕ ہیکہٕ نہٕ لاش ہتھ واپس برگدس پیٹھ وُڈِتھ، اَتھی ستی واتہِ پانٕے چانٕی مُہم تہِ تکمیلس !''

ویتالن گتھ بوٗزِتھ آوٕ تہِ ہنا قرار ہیُوٗ زِ شاید ما آسہِ نہٕ پزی وکرمادتیس اَزی چہِ دلیلہِ ہُند جواب پتاہ تہٕ اَتھی ستی گژھِ یہ سلسلہٕ ہمیشہِ خاطرٕ ختم ۔ حقیقتاً اَسی ووٗنی اَسی ترشوٗے پڑتھ شبہٕ کہِ اَمہِ عذابہٕ ستی تنگ آمتی : راز وکرمادتیہ تہ میانی لاش تہِ تہٕ ویتال تہِ !

ویتالن کٔر دلیل شروع ________ ''راز ن سبٹھا پتھ کالچ دلیل چھے ، ویشالی نگرس منز اوس اَکھ کتھ گوٗر روزان ، ناو اوسُس بھدرجیو ________ بھدرجیو اوس بڈٕ اصل کتھ گوٗر، زانن وول اوس، دلیلہٕ تہِ اوس وزن دار بوزہٕ ناوان ، تہٕمے بڈٕ میٹھِ انداز ، ییہِ نہٕ گمنڈ نہٕ تکبر ________ گاٹہٕ جارچہِ دلیلہٕ اوس بوزناوان ، اَمہِ وصفہٕ کنی اوسُس راز دربارس منز تہِ ییٚن گژھُن ________ راز اوس گُنہِ گُنہِ دِل بہلأیی خاطرٕ اُمس نادِتھ انان تہٕ تٔس تہِ اوس اَمی بہانہٕ اوٗ زتہٕ چلان ۔

ژےدَے پایہِ بۆ ڈتھوُن، أتھیِ منز بنیِٔہ اکہِ دوہہ دلیلا زِ رازس آیہ
ہنگہٕ منگہٕ زَن لٹھ ہش تہٕ کۆرنَس سوال۔ دۆپنَس '' بھدرجیو ہرگاہ وَتہِ پکہٕ وُن
،بیۆچ تہٕ سورُف اچانک بُتھہِ پیٚن گوڈُکُس گژھہِ مارُن ، بیۆچ رِکنہٕ سورُف،
مصلحت کیاہ چھےٚ ونان؟'' ______ بھدرجیوس آو رازٕ ہنزِ بےٚ عقلی
پیٹھ اسُن ، مگر اَسیہے رِکتھ پاٹھی توہہِ رازَن چھوٚنادۆیمہِ ہندِس اَسنَس پیٹھ یکدم
خشمہٕ کھسان!'' ______ گتھ وٕنتھ گرویتالن یکدم ژھوپہٕ، شایدیہِ زانتھ
زِ رازٕ وِکرمادتیہ کرِ ہکہٕ وادتہٕ ستی گژھہِ تسنز خاموشی تہٕ ختم ، تہٕ أزِچ گتھ تہِ گژھہِ
أتی ختم، مگر تہِ سپُد نہٕ کینْہ۔ وِکرمادتیہ رُوٚد برابر خاموش تہٕ شرط روٚد برابر قائیم۔
ویتالَن بیٚوٹھ دلیل برونٛٹھ کُن ونہٕ، ______ '' رازن ، گتھہٕ گری أسی
تیلہِ تہِ واریاہ تہٕ اَز تہِ چھِ واریاہ، مگر بھدرجیوس اوس بۆڈ وَصِف یہِ زِ دلیل اوس
سنہٕ وِنہِ اند ازٕ وَنان، تسنزَن دلیلَن اوس مانہِ ژارنَس دِماغ تہٕ لگان تہٕ لُطف تہِ
یوان، بوزَن وول اوس سحرزدٕ زَن گژھان۔ مگر تقدیر وچھ مرنُک بہانہٕ تہِ گوس
یہَے وصف ______ رازن توٚے وۆنُے نادلیل شروع کرنہٕ وِزِی زِ باضے چھُ
گاٹہٕ جار تہٕ زیادٕ زانُن تہِ مرنُک سبَب بنان!
گتھ بۆزِتھ آیو مےٚ تہِ غاَرتھ زِبہ تہِ کرِ واد، مگر لاش اوُسس تہٕ ویتالَن

اوسُم منز، تَس پیٹھی نیرنَس بہریاس نہٕ، نتہٕ زَن گُس زانہِ بھدر جیوس میانہِ کھوتہٕ زیادٕ !!

بڑ نڑس کھنڈَس روٗز بیٛہِ خاموشی، صرِف اوس مٔنزی مٔنزی دوٗرِ آورِ ینٛی بلہٕ ہوٗنی ووٚنگُن گژھان۔

ویتالن کٔر بیٛہِ دلیل شروع ____ "رازن چانٔی کٔنی کیاہ آسہِ اُمی گتھٕ گٔری بھدر جیون رازَس جواب دیُت مُت ؟" سوال پرٛژھنہٕ پتہٕ پڑاریاو ویتالَن رَژِ کھنجہِ زِوِکرمادتیہ مادِیہِ جواب مگر ییٛلہِ نہٕ تٔمی کٔنہی وٚون، ویتالن وٚوتھ نیم خام پانسے ستی ہیٛو لب خندٕ کٔرِتھ ____ "بہٕ تہِ چھُس بوولے، ژٕ کتہٕ دِکھ جواب، تیٛلہِ گژھِنا چون مون بھنگ، خاموشی پھٹِنا ____ خاأرٕ پے چھُس دلیل بوزٕ ناوان تہٕ پے ونے زِ کتھٕ گٔری کیاہ وٚنُس جواباً۔ دٚوپنَس رازن بیٛوچ تہٕ سورُف ہرگاہ بتھِ پین مارُن گژھِ صرِف بیٛوچ ___ عام اِنسان ہرگاہ آسہِ ہے سہٕ بوزِ ہے گتھٕ گٔری سُند جواب تہٕ کرِ ہے ژھوپہٕ مگر رازٕ چھُنا اَزلی شکی آسان سہَل سہَل چھُ نہ مُطمیعن سپدان۔ یہِ کتھ گُس زانہِ چانہِ کھوتہٕ بہتر۔ ویتالن وٚنس ہناٹسنہٕ کٔرِتھ۔ رازٕ وِکرمادتیس ہرگاہ نہ خاموش روزنک شرط آسہِ ہے یقیناً دِیہِ ہَس شوٗبہٕ وٚن جواب مگر ژھوپہٕ ہنٛدی شرطن کوٚر مجبوٗر۔

ہنا دَم دِتھ تُج ویتالَن داستانہٕ ہنٛز دیم لَنٛڈ ۔۔۔"تژ اَوِ تون یہ کتھ گوٗر بھدر جیوتا مَتھ اُوٚری کُن پیأری وُچھو رازس کیٛا حال سپُد ۔ راز دژاو اَکہ دۄہہ حسبِ عادت تیرٕ ترکش ہتھ گُرِس پٮ۪ٹھ شِکارس ۔۔۔ توہی پادشاہ لۄکہ چھہ نا شِکار پاونہٕ وِزِ زیادٕ ے وو لسنٕس یوان تی سپُد اَمِس تہٕ جنگلس مَنٛز دژاو سیٹھا دۄر مگر شِکار گوس نہٕ کانٛہہ نظرِ، تھٔکِتھ رُکوٗن گر زِ بژ تژس کھنٛڈس شیہلاو گمہٕ مگر سو فرصت ژیچس نہٕ، اَمی ساعتہٕ دژاو خبر کمہ گُلی گوڈہٕ تلہٕ کرٛہُن کال ہیوٚ بیوٚچ تہٕ نیروٗنے دِژن رازٕ ہنٛدِس گُرس زنگہٕ ٹوپھ ۔ رازن دِژ یکدم گُرِ پٮ۪ٹھٕ ووٚٹھ تہٕ پننہٕ شکأری کھوربانہٕ ستی کٔرن بچس اَکی مُرنہٕ چٹیٖنٛژ ۔ گُراوُسس ٹوپہٕ ستی ژھرٹہٕ ژھرٹھ کران، شأہی حکیم آو فوراً طلب کرنہٕ ۔ تَس آو گُر بچاونہٕ خأطرِ خراجٕک لالچ دِنہٕ تہٕ اَز جان گژھنٕک خوف تہٕ زِ ہرگاہ گُر بچووٕ نہٕ ژٕ تہٕ بچکھ نہٕ ! ____ یہ حکم اوس عجیبے خبر توہہ سارِنے پادشہَن کیٛازِ نہٕ پننہٕ مطلبہٕ وِزِ سوٗن وو گُن بوزنہٕ یوان ! کانٛہہ منطق نہٕ، کانٛہہ دلیل نہٕ !"

دلیلہٕ ہنٛدِس اَتھ موڈس پٮ۪ٹھ ٹھٔہریاو ویتال رژِہ کھنٛجہٕ زِ خبر کرِ ما رازٕ وِکرمادتیہ واد، مگر سہٕ روٗد بدستوٗر خاموش، سہٕ اوس ویتالہٕ ہنٛدِ بَن پھٔندن پۄر پأٹھی واقف ۔

''رازن پزٕی چھُکھ گاٹل ـــــــ پوٚختہٕ پأٹھی بیدار'' ویتالؔ اوس زأنتھ مأنتھ ژأپ ژأپ ہیٚو دلیل بوزٕ ناوان۔ کتھِ ہنٛدِس پزٕتھ موڈُس پیٹھ تھکھ دِوان زِ خبر ژلہِ ماوِکرمادتیہٕ اِشتِیاقاً کانٛہہ کتھ زیوٚنیرِتھ تہٕ اتھی ستی پھٹہٕ تسنٛز خاموشی تہٕ۔ مگر ویتالؔ گو پزٕتھ وِزِپنہٕ اَتھ کوٗشِشہِ منٛز ناکام۔۔

''رازن ژٕ وَنتہٕ یامتہٕ ونتہٕ، مگر یہٕ چھُس زأنتھ زِ ژٕ چھُکھ بےٚ تاب زانٕنہٕ خأطرٕ زِ چھیکرٕس کیٛاہ سپُد۔ سپُد یہِ زِ شأہی حکیمہٕ سنٛدِ موموٗلی اعلاجہٕ ستی گو راز سُند گرٕ صحت یاب تہٕ پادشاہَن دیٚوٗت تَس خوش سَپدِتھ تیٚوٗت خلت زِ تَتھ یہَن اِتھی زٕ گری، خبَر توٚہہِ پادشاہَن کیٛاز چھِوٕ پنٛنہٕ موموٗلی شوق تہٕ بڈٕ موٗللی باسان۔ کیٛنٛہہ خاص وجہ؟''

ویتالؔن پزٕ وُژھ تتھِ پأٹھی زِ باسان اوس وُنی دِیہِ وِکرمادتیہٕ تسنٛزِ کتھِ جواب۔ مگر اَمہِ وِزِ تہٕ گو ویتالؔ ناکام تہٕ وِکرمادتیہٕ سنٛز خاموشی روٗز برابر قائیم

''خلَت وُچھِتھ زَن گییہِ حکیمَس مغزَن یہےٚ وُزٕ ملہٕ ہش، بوزنےٚ آس نہٕ زِوُنٛن کیٛاہ پزٕ بم، ہکہٕ ژوٗلُس نیرِتھ'' پادشاہم ٹو پھ اَس موموٗلی، بچ سنٛز اَس نا، دپھ اگر اَتھ جایہِ سورفہٕ ٹوپھ آسہِ ہےٚ تیٛلہِ اوس گرٕی سُند بچُن مُشکِل!'' ـــــــ

حکیم صأبنٛ کتھ بوٗزِتھ پیٛیہِ رازَس بھدر جیوٕ سنٛز کتھ یاد تہٕ ستی گوس تَسنٛدِس

گاٹہٕ جارَس پٕٹھ تہِ شک ______ راز اُسی تَن خبر کیا افلاطونی ونان مگر شکہٕ بمأری چھس ضرور آسان ۔ غلط ما وٕنم ؟" ویتاکن کوٗر اسوٕنہِ ہونجہِ بیٚیہِ وِکرمادِتیس اچانک سوال مگر سہٕ روٗد برابر خاموش۔

"چھِنا دپان شکہٕ بمارِ چھُ نہٕ کانٛہہ یلاج ، برابر گوتی ۔۔ ویتاکن تھوٚد لیل جأری ۔۔۔ "برابر سپُدیی ، پادشاہَس گو بُخارٕ کی پأٹھی شک سٕنتھ ، تَس گوٚیہِ ڈٕلی زِتہِ کھٕن تہٕ چیٚن مُشتھ ، اٗخرس آو بھدر جیو طلب کرنہٕ ، سہٕ سپُد حُکمہٕ مُطأبِق دربارَس منٛز حاضر تہٕ راژن پرٛٛوژھُس بیٚیہِ سے سوال زِ ہتھِ پیٚیہِ بیٛوٗچ تہِ سورُف گوڈُکُس گژھِ مارُن ؟ تہٕ بھدر جیون تہِ دِتُنَس سُے جواب "راژنِ صِرف بیٛوٗچ !" جواب بوٗزِتھ دیُت راژن حکُم زِ گُرتہِ سورُف کریون دربارَس منٛز پیش ۔ حُکمس سپٕز فوراً تعمیل ۔ گُرِس بُتھِ آو سورُف ترٛاونہٕ ۔ سورُف روٗبروٗ وُچھوٗنے گُرگُری کھڑکھ کھبتھ سورُف پڈٕرس تل دباونچ کوٗشِش مگر سورفن دِژ تیزی سان دوٚیمِس طرفس کُن ژھال ، گُری کوٚر بیٚیہِ حملہٕ ، سورفن بچو وبیٚیہِ پھُرتی سان پان تہٕ ستی تُلُن لچہِ پٕٹھ کھڑٕ اسپدِتھ کلہٕ تھوٚد تہٕ گُرِس دِژِن ڈکس ٹوپھ ! گُری گُرکیٚنژس کالس ویہہ دادِ ژھرٕ ٹہٕ ژھرٹھ ، کھڑ کہٕ اکھ زٕ تجُن تہٕ اٗخرس آد دژس گُرِتھ پٕتھرِس پٕٹھ وُکراونہٕ تہٕ اُتھی ستی دِتُن امانت ! شأہی حکیمَن گُروارِیاہ

کوٗشِش ، جڑی بوٗٹی ، ذماد ، مالِش ، کیٚنٛہہ سپُد نہٕ کار گر!

راز گوگُری سٕنٛز یہِ حالت وُچھِتھ نارونار ، اَچھ گیس رتہٕ ژاَ نگی ہشہِ
۔ خشمہٕ سان کٔرن بھدرجیوس گگراے "وُنہِ تہِ وَنکھ ژیٖلی زِ گوڈٕ گژھِ بیٚوٚچ
مارُن؟"

بھدرجیوس تہِ اوس زَن کال کھیلان ، پادشاہ سُنٛد خشمہٕ نظر انداز کٔرِتھ
وٕوٗتھُس ۔ تمی متانتہٕ سان "رازن گوڈٕ نہٕ ، دویمٕنٛز گژھِ سرِف بیٚوٚچ مارُن"
جواب بوٗزِتھ زَن لوٗگ راز َس تلہٕ پدٕن نار تہٕ کھکر دژ الیس تالہِ کنی
"ژ چھُکھ نہٕ صرِف بیٚعقلےٚ یوت بٔلکہ ضِدی تہٕ مغروٗر تہِ توٗ ے چھےٚ نہٕ
خام فہمیدگی ہُنٛد غروٗر پنٕنٛز تسلیم کرنہٕ دِوان _____ ژ اگر وُنہِ تہِ پنٕنٛز غلطی تسلیم
کرَکھ یہ کرَے جان بخشی!"

در جواب وٕوٗتھُس بھدرجیو "پادشاہم یہِ نہٕ پوٚز آسہِ تہِ کتھ پاٹھی کرٕ
تسلیم" بھدرجیوٗنی اَمی جوابن زَن ترٛ وونارس شورٕ ۔ رازن دیُت اَتی نس کھڑا
کھڑ اَتھ سٕنٛزِ پھانسہِ ہُنٛد حکُم ۔

دلیل اَتھ نوٗزُک موڈس پیٹھ واتنہٕ وِتھ کٔر ویتاکن بزٕ ژنٛز س کھنڈس ژھوپہ
۔ پتہٕ پرٛ ژھُن یہِ یکبار وِکرمادتیس "اچھا راز ن ووٗنی کرٕ ژ ے فاصلہٕ یمو دو یو

منٛز کُس اوس بیوقوٗف تہٕ نافہم ؟ پٔژن دوٚپ غلط ثابت سپدنہٕ پتہٕ تہٕ کیاژ رۄد بھدر جیوٚ پٔنٕنس فائصلس پٔتھ بھِد قائیم تہٕ پھانسہِ ہُنٛد سزا کوٚرُن قبوٗل۔ دویو منٛز کُس اوس غلط؟''

راز وِکرمادتیَن کٔر ویتالہٕ سُند سوال بوٗزِتھ گوڈ نکہِ پھِرِ پھیکہِ پٔٹھچہ لاشہِ یتھ منٛز ویتال گٔپتھ اوس ہیرِ بون نظراتہٕ پتہٕ دیُتُن گوٗش دِتھ بروٗنہہ کُن قدم۔

''رازن'' ویتالَن وُوٚنس پرٛتھ لفظس پٔٹھ زور دِتھ ''رازن، ژٕ چھُیہِ یاد زِ ہرگاہ ژٕ صحیح جواب زانِتھ تہِ خاموش روزَکھ ژٕ گرٛژھی کلہٕ کھوٚپر پھٔٹِتھ ریزٕ ریزٕ الگ۔ یاد چھُیہِ؟''

ویتالہٕ سُند آخری جُملہٕ بوٗزِتھ گو وِکرمادتیہ زَن وٕٹسی ہیُوٗ تہٕ مےٚ توٚر پانٕے فِکرِ زِ وِکرمادتیَس چھُ سارنٕے کتھَن ہُنٛد جواب پتاہ۔ مےٚ لوٚگ نہٕ یہِ سوچنَس برٛونٛژ تہٕ زِ بُتھِ کیا سپدن وول چھُ ______ یِ زِ رازِ وِکرمادتیہ دِیہِ تٔسنٛد ٮ۪ن سارنٕے سوالن ہُنٛد جواب ______ جواب آسَن درُست تہٕ پانٕے گرٛژھِ وِکرمادتیہٕ سنٛز خاموشی تہٕ ختم، اُتھی ستیٚ گرٛژھِ میانہِ لاشہِ منٛز ہِتھ ویتال تٔسنٛدِ پھکہِ پٔٹھ غائب تہٕ وُپھ ہِنتھ واتہِ بیٚیہِ واپس تتھی برگدٕ کلِس پٔٹھ تہٕ پگاہ رٲژ پہرَس گرٛژھِ یہِ عذاب دیہہ سِسلہٕ بیٚیہِ شروع۔ بالکل اِتھےٚ پٲٹھی، صِرف آسہِ دلیل بدَل۔

''راز وِکرمادتیہ صأب کتھَن دِیو جواب'' ویتالَن وۄن ہناطنٕز سان تہٕ اَمہِ بڑوٗنہہ زِ وِکرمادتیہ وَنہِ ہے کینٛہہ مےٚ وۄنُس منٛزٕ ے :_____ ''بوز سأے ویتال یہِ دِمَے راز ہٕنٛدِ بدلہٕ جواب ، بھدرجیواوس نہٕ بیوقوٗف ، راز اوس گم عقل یُس نہٕ گتھ ہٕنٛدِس سنزرس ووت تہٕ یُس نہٕ سنزرن سنان چھُ تَس چھِ نہٕ مرجان حاصِل سپدان ۔ بھدرجیوٗن منطق اوس نہٕ غلط ، ابدی حقیقتہٕ علاوٕ چھُ پۄز اَپزٕ ہمیشہِ ذأتی آگہی ہُنٛد زٔینٛن آسان ۔ بھدرجیون وٕنی مُشأہِدچ گتھ زِ بچِس چھےٚ فِطرت ٹوٗپھ دِنی تہٕ سوٗرپھ چھُ صِرف پننہِ بچاوٕ خأطرٕ ٹوٗپھ دِوان_____ رازٕ ہٕنٛدی گُری کۄرسورپھ وُچھتھے فأصلہٕ زِیہ کرن بہٕ ختم ، یہِ چھےٚ وَکھرٕ گتھ زِ أتھ جنگس منٛز گوسہٕ پانہٕ مارٕ ۔ جنگ چھُ بہرحال جنگ آسان ، یتھ منٛز اکثر أکی ہٕنٛز فتح یقینی آسان چھےٚ ، سہٕ ہیکہِ گُرتہِ أستھ تہٕ سوٗرپھ تہِ ۔ بھدرجیون گُر صِرف فِطرت بیان ۔ جنگس منٛز گُس زینہِ گُس ہارِیہ اوس نہٕ تسُنٛد موضوع ۔ پتھ رۄد چون أخری سوال بھدرجیو کیاززِ رۄد پٔنٛنِس ضِدس پٹھ شٕتھٕ پأٹھی قأیم ۔ تتھ چھُ وجہ ویتال زِ تَس أس مُشأہِد تلیٚ منطقی حقیقت زٕ وکھوتہٕ زیادٕ عزیز ۔ وۄنی بوز أخری گتھ ویتال یہِ سورِ ے چھُسے بہٕ زٔے یۄ تاہ یقینہٕ تہٕ دعوےلسان اَمہِ کَنی ونان تکیازِ سہٕ کتھ گۄر چھُس ہے ۔ سہٕ بھدرجیو یمہِ ہٕنٛزِ لاشہِ منٛز ژٕوۄنی کِنن بہتھ

چھکھ سو چھےٚ میأنی لاش! یہے ، یہِ لاش چھےٚ میأنی ! کتھ گری ہنٛز لاش !"

میأنہٕ جوابکہِ برکتہٕ روٗ زرازٕ وِکرمادتیہٕ ہنٛز ژھو پہ برابر برقرار تہٕ سہٕ گو آزاد مگر ویتال گو ناروناز، غضبناک سَپدتھ گرتمی گگرا ے ______ "منٛزٕ گتھ گرِتھ کوٗ رُتھ ژےٚ وِکرمادتیس تہٕ مےٚ درمیان یٚیمہِ رِشتُک سَلسلہٕ ہمیشہِ ہمیشہِ خاطرٕ ختم ۔ بہٕ کوٗر تھس پرٕ ژھوٗن _____ گژھ ژےٚ ژے چھُسے بہٕ شاپھ دِوان اشاپھ چھےٚ میوٗن ژےٚ ! گژھ کلہٕ یوگس منٛز روز ژٕ ویتالہٕ ہنٛدی پاٚٹھی پرٛتھ وِکرمادتیس اِتھے پاٚٹھی دلیلہٕ بوزٕ ناوان تہٕ چون پرٛتھ وِکرمادتیہٕ أسن کوٗل تہٕ زوٗر"

تہٕ تنہٕ پیٹھٕ از یَتھ کلہٕ یوگس تام آیہِ خبرٕ کتی وِکرمادتیہ بہٕ روٗ دُس پرٛتھ وِکرمادتیس دلیلہٕ تہٕ داستان بوزٕ ناوان ، مگر میوٗن پرٛتھ کانٛہہ وِکرمادتیہ دژاو کوٗل تہٕ زوٗر، کانٛسہِ نہٕ بوٗز کینٛہہ تہٕ نہٕ ووٗنُن کینٛہہ تہٕ نہٕ سَپزٕ کانٛسہِ ہنٛز خاموشی ختم تہٕ اِتھ پاٚٹھی بنیو پرٛتھ کانٛہہ وِکرمادتیہ گوڈنچی کوٗشِشہِ منٛز تأریخ ساز ۔۔۔ خبر کتِس کالس روزَن میأنی وِکرمادتیہ گلی تہٕ زری ؟، گرژھینہِ مےٚ یہِ شاپھ؟

--------

# شاٹہٕ ہوٗن

وُچھنہٕ تلہٕ اوس نہٕ اَتھ بونہِ تیٚوُتھ خاص کیٛنٛہہ ، یَتھ تھکُن لایق وَنو ، گُلبن مَنٛز یِہ تہِ اَکھ کُلا ، ووٛنی گو باڈواوُسس بۆ ڈتہٕ شہجار سبٹھا گوٚن تہٕ شرٛ یہُل اَتھ تَل اوس باسان زَن ماجہِ ہٕنٛزِ کوچھِ مَنٛز بہتھ چھُس ، خبر توَ ے ماأسی بُستی ہنٛدی حاجتھ مَنٛد اَتھ دَشہِ گنٛڈان تہٕ سنٛدھیا وقتس ژوٗ ننگ زاألتھ تھوان ، کِنہٕ اَمیٚوٗک اوس بیٚہِ کانٛہہ وجہ ، تہِ ہیٚوٗک نہٕ کانٛسہِ سیٛکہٕ گُرتھ ۔ مےٚ تہٕ مےٚ ئستی واریاہَو شُر بوٚچھُ أتھی بونہِ تَل سورُ ے لوکچار چھوومُت ؛ گرائلی ڈایھ دِتھ تہٕ گرا أتائی گِنٛدان ، گرالوکہٕ ہنٛزٕ خربُزی وارِ پھٕرتھ پھٕرٛ کھشہلاونہٕ باپتھ تہٕ گرا ' ژھیلہِ' گِنٛدان گِنٛدان ژھیپہٕ دِنہٕ خاطرٕ ! بَس لوکچار چھوومُت ۔

گوٚن شہجار آسنہٕ موکھ اُس اَتھ تلہٕ کَنہٕ کَنہٕ جایہِ مومُو لی گھاسہٕ کرٛٹا
تہٕ نظرِ گژھان تہٕ باقی لاٗوتہٕ سرٛیہہ لدزمین اُس نرٕم تہٕ پنٛژلوکچار بوونس لایق،
کوٚچھِ ہٕنٛدی پاٗٹھی محفوٗظ ______ یہ چھےٚ تیلچ گتھ یٚیلہِ دریاو آگرٕ ے
گرٛبزان اوس، یٚیلہِ سوئتہٕ وُنلہِ ہٕنٛزِ ململہِ منٛز نیم وٕلتھ تہٕ نیم نٕبتھ نوٚن یہ ڈریاودٕیہِ
ہٕنٛز نٕنٛ کرامات اوس باسان۔ یٚیلہِ دوٚرٕہ بَڈٕ ہچہ کٕڈلکہِ منٛز مہِ ٹھٕٹھہِ ٹٕلی کھوٚر رہتھ بوٚڈ
کھوٚچ زَن ہنگہٕ منٛگہٕ وُنلہِ ٹٕلی پاٗدِ گژھتھ برابر وقتس پٮ۪ٹھ گھاٹھس اوس لگان تہٕ
وُچھان وُچھان اُس گھاٹس پٮ۪ٹھ زَن دِوٕے لگان ______

اَمہِ پتہٕ سپُد خبر کیاہ، پوٚز یہِ سپُد تہِ سپُد آگرٕ ے، بُستی آیہِ نہٕ وُچھنہٕ
تلہٕ کانٕہہ فرِق، ہتھی بٕٹھی ترٛشھے بیرٕ، تٕمے بُسکین سے بازر، وچھنہٕ تلہٕ سوداگر تٕمے
تہٕ ہٮ۪نہٕ تلہٕ سوداتہٕ سے، صرِف لٕج بوٗنہٕ گُلِس اُندی اُندی کُنٛڈی تارتہٕ ڈاپھ دِتھ
لوکچار گو کٕنٛڈی تارِ اَپارِ بنٛد، باقی یہِ سپُد تہِ سپُد آگرٕ ے۔ آگرٕ ے زَن ژمٹیاو
دریاوُک آب تہٕ بٕٹھی گیہِ بون تام ننگہٕ۔ جایہِ جایہِ ہٕریاو سٮ۪ٹھ مب تہٕ گرٕن گیہِ
لبمبہِ منٛز بنٛد، وننہٕ کٕنٛز آوسنتھ تہِ مگر سوئتہٕ وُنلہِ ہٕنٛز ململ اُس آگرٕ ے کتہِ تام
کنٛڈبن لٕجمٕژ۔ وونی اوس نہٕ دری یاودٕیہِ ہٕنٛز نٕنٛ کرامات باسان بلکہِ اوس تٕس تہِ
تہٕنٛزٕن کراماتَن پٮ۪ٹھ شک ہیوٚ گژھان۔ امیُک کرٛ ٹیومُت آکار وُچھِتھ اوس

مےٚ اَمیُک پَتھ کال یہَے پُرِ یہِ داستان ہش باسان، یتھ نہ پزٕ رَس ءستی کاٗنہہ واٹھ چھُ آسان، کُنہِ کُنہِ اوٚسُس بہٕ أندرٕ أندری پنہٕ نِس یاداشتَس پیٹھ تہِ شک کران زِ مےٚ مااوس نہٕ تہِ وُچھمُت یہِ مےٚ خیال چھُ زِ مےٚ اوس وُچھمُت، تہٕ باضے اوٚسُس سوچان زِ یہِ بہٕ ووٚنی وُچھان چھُس تہِ ماچھُ مےٚ پنہٕ نےٚ برٛم، ٹلی وٗہمہِ، سوٗرے ماچھُ بالکل تیوٗ تھے یتھ سہٕ اوس؛ بونہِ مأس گوڈٕے کنٛڈی تار دِتھ، لوکچار مااوس گوڈٕے کنٛڈی تارِ اَپارِ پھسیامُت؟ دری یا و مااوس گوڈٕے کرٛٹیامُت؟ سونٛتہٕ وُنلہِ ہنٛز ململ مأس گوڈٕے کتہِ تام کنٛڈٕ بن لَجمٕژ، سہٕ مااوس مےٚ صرف تماہ کوٚرمُت زِ آسُن کیاہ گوٚ ژھ، کِنہٕ تہِ اوس تہٕ مےٚ گوٗہمہٕ زِ ہرگاہ یتھ سپدِ؟ کِنہٕ یہِ اوس تہِ اوس پوٚز تہٕ یہِ چھُ تہِ چھُ پوٚز! کاٗژیاہہِ پھرِ آم خیال زِ کأنسہِ پرٛژھہِ، مگر یَیلہِ تہِ کُنہِ بُتھِس کُن نظر تُجِم سہٕ باسیوٚم پانہٕ تہِ رووٚمُت ہیوٚ زَن، أندرٕ ے پرٛ ژھِتہٕ بےٚ پرٛژھی ہنٛدِس دُوٚ تِس پیٹھ آچھِ گوٚمُت۔

______ ووٚنی اوس دری یا وژٕ متھ گرائیمہِ بتھِ تہٕ گراہمہِ بتھِ کھوٚژی کھوٚژی ہیوٚ پکان، تہٕ یتھ یتھ جایہِ یہِ دوٚشوٚنی بتھن تام پھہلتھ اوس تتھ تتھ جایہِ اوس ووٚنتھ تیوٚت کم زِ زمین أس لیٚمبہِ آبہٕ پٹھی بوزنہٕ یوان، یرٛژھن جایَن أسی شاٹھ وُٹھہٕ قبر ہیوٚی تھٔدی تہٕ اَمہِ ءستی اوس یہِ زیادٕے آسیب زدٕ تہٕ شاپہٕ لد

## ہیٚوٗ باسان

یہِ عالم رۆد واریاہَس کالس تہٕ اَمہِ پتہٕ یہِ سپُد تِتہٕ سپُد آگرَ ے ،دری یاوس منٛز ہیٚتِن موردہٕ جاناوار تہٕ چارواۓ پیٚر وَسنٛ ، شاٹھَن پیٹھ گو پرٛھَن لاشَن ڈھیر ، کینٛہہ گِیہ شاٹو نِشہِ بچِتھ سیٚوٗد ے پیٚرہٕ تہٕ بوٗنہِ کیاسپدُ کھ تہِ زانَن بوٗنم بُستی وأ لی ــــ بُسکین درَ ودِژ بوٗنہِ نظرا ، بوٗنہِ أندی أندی گنٛڈی تارِ نظرا ، ژِمیمتِس دری یاوس نظرا ، دری یاوکین شاٹن نظرا ، شاٹن لجمژَ ن گپن لاشَن نظرا ، پتہٕ پھیری پوٗت زَن نہٕ کینٛہہ گومُت اوس تہٕ نہ تِموٗ کینٛہہ وُچھمُت اوس ۔

مےٚ گو بیٚیہِ شک زِ یہِ یہٕ وُچھان چھُس تہِ ماچھُ نہٕ تہٕ یہِ مےٚ باسان چھُ زِ چھُ ۔ کِنہٕ یہِ چھُ پتھ وتھ بیٚتھی اوسمُت ۔ اکہِ پھِرِ آم خیال زِ کأنسہِ پرٛژھہ مگر بیٚتھی بُتھِس کُن نظر تُجِم سُے باسیام زَن پرٛژھ تہٕ بےٚ پرٛژھی ہٕندِس دُ ۆتِس پیٹھ پانہٕ لوٗب بہتھ خلکن مشورِ دِنِس منٛز آوُ ر! ــــ یہِ عالم تہِ رۆد خبَر کأتِس کالس ، صرِف آیہِ بوٗنہِ ساریۍ دشہِ مرٛژراونہٕ ، ژونگ آو تارہٕ سان تُلنہٕ تہٕ گنٛڈی تارِ آواکھ اَکھ وار دِتھ مزید دربر کرنہٕ تہٕ تارِ اپار گو بوٗنہِ تلچہ نرم تہٕ لاوٕ زمینہِ منٛز ڈاپھ دِتھ لوکچار بےٚ فِکری منٛز پوٗرپأٹھی قأد ــــ

بَس پیتہِ سپُد یوٗ یوٗتےٚ باقی یہِ سپُد تہِ سپُد آگرَ ے ، تہٕ سپُد یہِ زِ کرٛ ٹیمتہِ

ڈری یا وکھو دوشوٕ ے بٹھو وژِھ ہوٚنی چھو کہٕ ،نظرٕ آسکھ صرِف شاٹھن گُن ،یٚیتہٕ
نَس تہِ شاٹھس موٚکُرلوٚ گمُت اوس ، اَدِ سہٕ کاواوس یا گاٚنٹھ ،وٚوژھ اوس یا گاویا
یٚیِہ کاتھہ گُپُن ،ہوٚنی اَسی دری یاوٕناٚوی آبہٕ رکھِ ژھانٹھِ تران تہٕ لاشَن کرٕ ژوٕ ے
اوت باقی تھوان ۔دَپان ہوٚن ییلہِ موٚکُر کھیٚیِہ تَس چھُ ژوٚرس تہٕ ساٚدس ،
پٔنٛس تہٕ پرِدِس درمیان فرق کرٕنی بالکُل مشان ۔ وارٕ وارٕ گیہِ شاٹھن پٹھ
اَڈی جہِ امبار جمع تہٕ اَمہِ اَمبارٕ منٛزٕ دوٚ رِپٹھٕ گاٚنٹھ ،کاویا گُپُن لاش وَنہِ کڈٕنی اوس
شاید ووٚنی شاٹھٕ ہونٛن مُشکل گژھان ،اَوے اَسی تم ووٚنی شاٹھس نخہ روزنہٕ
موکھٕ کھسان تہِ آب منٛدان منٛدان تہٕ وسان تہِ آب منٛدان منٛدان ۔ رسہٕ
رسہٕ چھُ ووٚنی یتھ موٚژیمتس دری یاوَس لیمب بنیمٕژ ،ووٚنی چھُ یہِ یہَے ربہِ نالہٕ ہوٚ
باسان تہٕ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ زَن چھُ شاٹھٕ ہونٛن ہنٛدِس تعدادس منٛزٕ تہِ ہُر برسپدان
۔آگرَ ے چھِ ہوٚنی تہِ یوان تہٕ آگرَ ے چھےٚ لاشہٕ تہٕ وسان !

ووٚنی چھُ نہٕ مےٚ کاتھہ کھرٕ دو ۔مےٚ چھُ پوٚرٕ یقین زِ اکہِ دوہہٕ سَپدِ
کیاہتام وُلٹہٕ ،پوٚز یہِ سَپدِ تہِ سَپدِ آگرَ ے ،ؤریہِ وادن ہُنٛد کتہِ تام رُکیامُت ،
کتہِ تام رٔاسی گومُت آب یہِ یکی پاٚٹھی یکدم وٚسِتھ ،سیٚمبہ تہٕ شاٹھٕ پٹھی کڈِ بُستی
ژھٹھ ،بُستی سان نیہِ سورُے پاٚنس ستی ہیرٕ ڈُوتِھ ______ دپان چھُس

بُستی ترٛ اۆتھ ژلہٕ، کرتام آسہا ژٕولُمت تہٕ مگرلو کچار چھُم تٔتھی باڈوٚدار بونہٕ تَل بےٚ فِکری سان ڈاپھ ترٛ اۆتھ یَتھ وۄنی أندی أندی گٔنڈی تار دِتھ چھہٕ۔ دپان وۄنی چھِ شاٹھہٕ ہۄنٛی موٚکُر کھبتھ أتھی بونہٕ شیہجارَس تَل ڈاپھ دِتھ بِہان______ گٔنڈی تار ژٹہٕ ہا مگر یَمن نخہٕ گرٛھنَس چھُس نہ بہران تہٕ کیٛازِ شاٹھہٕ ہۄنِس چھے ژۄرَس تہٕ ساۄدَس درمیان فرق کرٕنی مُشِتھ آسان گأمژ!!

آ گرَ ے چھِ ہۄنی تہٕ یوان تہٕ آ گرَ ے چھے لاشہٕ تہٕ وَسان۔

------------

# طلِسمات

پڑتھ کانٛہہ چھا اَمہِ خاطرٕ جکھان کِنہٕ نہٕ تہٕ چھُ الگ بحث مگر یہِ گتھ چھےٚ سکہٕ زِ پڑتھ کانٛسہِ ہندِس مَنَس منٛز چھُ یہِ اَکھ تماہ کھٔٹِتھ زِ ونٛمس گوٚ ژھُم باز (پٲز) یہُن تہٕ گہلین جنگلَن منٛز گوژھُم ہوٚس کرہٕ تھوٚ دتُلِتھ سلام کرُن زِ جنگل چھوی طابع خاہش کر یہِ گژھی تہِ'۔۔۔اَمی خاہشہِ تمبلوٗس بہٕ تہٕ ، فقیرَن پھیٛوٚرُس پتہٕ پتہٕ، متمن ژاس ہیٛہٕ ،افلاطونَن ہنٛز گرٕم چاکری تہٕ زانَن والین ہنٛز شاگردی ، اَتھ ساری ہسے یہِ جمع سپُد تتھ شیرہٕ ژاری گرِتھ تہٕ ژھٹھ گرِتھ دژاو لُبہِ لُباب یہِ زِ ۔۔۔سرہٕ اپارِ بالو ترِتھ ییہِ مرگ ،مرگہِ ڈٔلِتھ ہالہِ مأدان تیٛوٚتھ زِ دوٚیمس اَندَس تام پلہِ نہٕ نظرٕ ے۔۔۔أتھی سیہ منٛزَس گُل تہٕ گُلی انہارٕ کیکٹس ( Cactus ) باڈوہٕ بوٗنی ،طبعیتہٕ برگدتہٕ موٗل ییٛتیاہ زمینہٕ تٔلی تیتی زمینہٕ پیٹھ تہٕ :پتھ کالہٕ پیٹھٕ از کال تام ، کُنہٕ ژھینہٕ بگارٕ ے،تہٕ لچِھ بژَن لنگ لنجن پیٹھ صرِف اَکھ۔۔۔بَس اَکھ باز (پٲز) پنہٕ وُتھرَن درمیان کھٔٹِتھ ،توٚت تام نہٕ نظرِ گژھان یوٚت تام نہٕ خوش بختن نمَس پیٹھ بیہہِ!!۔۔۔

یہِ پأز چھا گُلِس پٔٹھ آسان کِنہٕ شیلن منٛز کھٔٹتھ، اَتھ پٔٹھ چھُ پتھ کالہٕ پٔٹھٕ اَز تام واریاہ بحث سپُد مُت ؛ تُرٛ کیوٚمون تی یہِ وژ ینٛتھان اوس تہٕ بُلھوسوکوٚر بحث تہٕ گیہِ پننہِ پننہِ وَتہِ ۔ یِی سپُد پتھ کالہٕ تہٕ یِی چھُ اَز تہِ سپدان، مگر زانَن والین ہُنٛد دوٚپ چھُ زِ یہِ گُل ؛ انہارٕ کیکٹٕس، باڈوہٕ بوٗنی تہٕ طبیعتہٕ بَرگد چھُ صرِف نِشان مٔنزلہٕ لَبنُگ یُتھ نہٕ بختہٕ والین دوٚژیوٚت گژھِ، تہٕ دَرحقیقت چھُ گُلِس گُپتھ بیاکھ اَکھ عالماہ، اِنسانہٕ ہِندِ تصوٗرٕ کھوتہٕ سٔبٹھا بوٚڈ، یُتی چھَ دودہٕ رٔنگی آبہٕ ژادرٕ وَسان، یِمنے آبہٕ ژادرَن دوٚپاسے چھ مَرمَرچہِ شیلہٕ تہٕ یِموٕ ے منٛزٕ اَکس بجہِ شیلہِ پٔٹھ چھُ باز (پأز) بیہان، یِیمیک تماہ پرٛتھ کانٛسہِ ہِندِس مَنس سرَس چھُ زِ گوٚژھُم نمَس بِہُن !

سوٚرٕ ے مٔشرِتھ توٚرُس بہٕ سرٕہ ۔۔۔ بالَس کھوٚتُس تہٕ ووٗتُس مرگہِ ۔ گوڈٕ سوٚچُم زِ بیہمہٕ یٔتی، ترٛاوِ ڈایھ، زورٕ کھالہٕ اَشُد پانَس تہٕ أتھی ستٕی ژٕنہٕ کانٛہہ تہٕ بہٕ نہٕ کانٛہہ، پتہٕ اَدِ باز (پأز) نمَس بیہِہ یا گژھِ دتکہٕ تِکہٕ کھمن، جشی کتھا ! ۔۔ مگر متِمن اوٚسُس یِیہِ ژامُت، افلاطونَن ہنٛز أسم چاکری گری مٕژ تہٕ زانَن والین ہنٛز شاگردی ۔ یہِ سأرٕ ے کھأری تُلنہٕ پتہٕ کِتھِ دِتہٕم أندرِم مرگہِ منٛز سوکھ سان مرنَس اَتھ وَتھ ۔

مرگہِ دژ اس تہٕ ووتُس ہالہِ مأدان، پزٕی اُس نہٕ دوٚیمس اَندس تام نظرٕ ے پلان تہٕ پزٕی اوس اَتھ سیٖٹھہٕ منزٕس سہٕ عجیب کُل: انہار کیکٹس، باڈوٕ بوٗنی، طبیعتہِ برگد، موٗل یتیاہ زمینہِ تَل تیتی زمینہِ پیٹھ تہِ پتھ کالہٕ پیٹھٕ اَز کال تام گُنہِ ژھبنہٕ بغأر ے۔

بہٕ ژھس طبیعتاً یہِ ڈٲلِ زِتہِ آوار، کُم ٲہلی جنگل ژھم ژھنڈٕ متی، بےٚ شمار کُلی زأژ ژھم وَنہِ، اماپوٚ زیہِ کُل اوسُم گوڈنچہ لٹہِ وُچھمِن، کُل آسنہٕ علاوِ اوس اَتھ خبر کیٚاہ اسرار، کِنہٕ آسیب اوسُس تہِ نہ ہوٚک مےٚ تمہِ ساعتہٕ فأصلہٕ کٔرتھ تہٕ نہ ہکہٕ اَز کینٛہہ سکہٕ پأٹھی وٕنتھ مگر کیاہ تام اسرار، کیاہ تام طِلسم اوس دوٗری اَتھ کُلس باسان۔ اَتھ گِتھ آسہِ ہیٚیہٕ کانٛہہ عالم تہٕ اوس نہٕ خالی اَز معنی باسان۔ بہٕ روٗدُس ہالہِ مأدانہٕ کِس أتھی ڈٕہس پیٹھ واریاہَس وقتس کھڑا، سِر یہِ لوٚس، ہیٚیہٕ کھوٚت ہیٚیہِ لوٚس، ہیٚیہٕ کھوٚت پوٚ زمےٚ پیٚیہٕ نہٕ ہمتھ زِ اَتہِ پیٹھٕ پکہٕ بڑ وَنٛتھ گُن کُلس تام۔ کأژاہہِ پھرِ کوٚرُم خیال زِہمہٕ دَیہِ سُند ناوتہٕ دِمہٕ بڑ وَنٛتھ گُن قدم پتہٕ اِدِ یہِ سَپدِ تہِ مگر جائے اُس وو پَرتہٕ کیاخبر دَے تہٕ آسہِ وو پرٕ ے!۔ پزٕتھ ژکلہٕ پتہٕ ژھُ دَے بدلان تہِ اوس مےٚ افلاطوٗنن ہنٛزٕ شأگردی منٛز بڑ ونہی مولوم سَپدِ مُت، پوٚت پھیرِنس اوس نہٕ وار تہٕ نہٕ اوس ویلہٕ۔ گوڈٕ اوس مرگہِ ترٗن، پتہٕ

بألس کھسُن ،سرمَندُن ،تہٕ اَدِ تتھ جایہِ واتُن ییٚتہِ پیٹھٕ مےٚ شروع اوس کوٚرمُت

بہٕ اوسُس یہِ تہِ زأنتھ زِییٚتہِ پیٹھٕ مےٚ شروع کوٚر سو جائے آسہِ نہٕ

ووٗنی تہِ ، یہِ سو تمہِ وِزِ أس ییٚلہِ مےٚ سو تڑاوے یہِ ۔ سوٕرے آسہ

بِلاشک بدلیامُت ،تمِ افلاطون آسَن دڑاہتی تر کہِ وطَن گرِتھ ،فقیر آسَن واپَس

چلَن ژاہتی تہٕ ملنگ آسَن خبَر کمَن بازرَن نارٕ ٹأکی زألِتھ لوٗگن اسرارٕ چہٕ گتھٕ

وُٹھِتھ مٹھِتھ فِکرِ تاران ،مےٚ کُس پڑزناوِ تہِ؟ ہرگاہ کانسہِ تھکی بکی پڑزنووُس تہِ سہٕ

ٹُلمہِ پھوتہِ زِلوٚگ نہ تہٕ جوٚگ آو پوٚت پھیرِتھ!

أمی أخری خیالَن دِژنَم نہٕ تیژ ہمتھ یوٗت مجبوری ہُند احساس شدید

کوٚرنَم ۔تہٕ اَمی مجبوری ہِندِ احساسہٕ وَچھم موچھِ زٕہ چیرٕ تہٕ کُنی دوبُجم تتھ گُلس کُن

یُس زانَن والین ہِندِ ونہٕ موجب مُثرلُک نِشانہٕ اوس: انہارٕ کیکٹس ،باڈٕ بوٗنی تہٕ

طبیعتہٕ برَگد، موٗل ییتیاہ زمینہِ تَل تیتی زمینہِ پیٹھ تہِ :پتھ کالہٕ پیٹھٕ اَز کال تام

گُنہِ ژھینہٕ بغأرٕ ے ،ییمہِ کِس سایَس تَل وأتِتھ باز (پأز) خبَر کَمہِ عالمہٕ پیٹھٕ

وُڈوکرِتھ نمَس پیٹھ بیہان چھُ ۔

گُلس تہِ پانَس درمیان فأصلُک اَند اَزٕ گرِتھ اوس مےٚ خیال زِمےٚ لگِہ

دوتُلنہٕ باوجودتہِ وأنسا اکھ اَتھ تام واتنَس ،مگر تیوٚتھ تھ سپُدنہٕ کینٛہہ ۔دوتُلنَس

ستی زَن شرٕ وکیاو یہٕ فأصلہٕ تیوٗت زِمےٚ باسوٗ مےٚ تُج اَکِے لاپنھ تہٕ دوٚیمہٕ لاپنھِ ووتُس کُلِس نِش ۔ پانیسے ستی سوچُم زِبٲنٛ کوٚرُم وسواسس پیٛٹھ یوٗت وقت ضایعہٕ ۔افلاطوٗنَن ہنٛز شاگردی گرِتھ تہٕ چھُس کوٚچی رودمُت ۔ بہٕ گتھ سَنا اوسُس کھوژان : پنٛنس توانگرَس کِنہٕ کُلہِ کِس اسرارَس ؟ شاید پنٛنہٕ ہیے توانگرَس۔

مےٚ ہرٛزاو ووشوٕ ہوٗ کَڈ نہٕ باپتھ کُلِس ستی ڈٔکھ دِیُن مگر اَمی وِزِ سپُد کیاہتام ۔۔۔کیاہتام عجیبی ۔۔کُلِس گو وارِ وارٕ زَن ژوکھونٹ تہٕ پتہٕ چونکھُر ہوٗ ۔بہٕ ژوٚلُس گابرِتھ ہناپَتھ پہَن ۔کُلہِ نِشہِ ہنادوٗر ۔ستی آیہِ پیٛٹھٕ تِہرِ پیٛٹھے لنجہِ نمان نمان بون کُن ،تٔلِم گوڈہوتُن رسہٕ رسہٕ ویگلُن ہوٗ ،وٗتھرن پیٛیہِ بےٚ شُمار رٕ رکھ ، رٕکھ ژمٹھے یہِ لَنگ لَنجَن منٛز لاوِ دوگلَن ہنٛدی پأٹھی تہٕ بڑنزِس اَکِس منٛز گو سأری ہیے کُلِس ژھوٹہٕ ڈیر تیار ۔نہ آواز کانٛہہ نہ صدا !سُے کُل یُس اوٗت تام انہارٕ کیکٹس باڑٕ بوٗنی تہٕ طبیعتہٕ برگد اوس ،یَتھ موٗل زمینہِ تَل تیتی اَسی ییتیاہ زمینہٕ پیٛٹھ ،پَتھ کالہٕ پیٛٹھ اَز کال تام پھہلِتھ کُنہِ ژھبنہٕ بغأرِ اوس ووٗنی اَکھ بوڈ ژھوٹہٕ ڈیر ۔ اَتھی منٛز ووٚتھ امہِ ژھوٹہٕ ڈیر کہِ کُمہِ تام اَنٛدٕ پیٛٹھٕ اَکھ اَڈٕ زٔو گوٗمُت لبرٕ ھِ منٛز لِتھناونہٕ آمُت کاووٗ ڈان وُڈان تہٕ بیوٗٹھ میانہِ ڈٕ چھنہِ اَتھکِس

نیوٗڑھ نمَس پٔٹھ ______ افلاطونو اوسہٕس بہٕ گوڈے باقی گتھو علاوٕ جاناوارن ہٕنز بۄلی تہٕ ہیچھینو وُمت ''ترٛیشہِ دادِ چھُس مران، کرَکھ نا دَرجا تھا ______

کاوَن کوٚر رُکنہِ تمہید بغأرٕ سوال۔مےٚ ووُنس ہناژکھِ سانٕ ''۔۔۔ہتابہٕ آس یوٚت سفر یٚیمہِ بڑٕ اَنٛژ کڈِتھ زِپأز بٚیہم نمَس تہٕ ______ ''تمِ ژٕٹ میانٕی گتھ منٛزٕ ے تہٕ ٹاوٹاو کرِتھ کرنو ووُنس ژھوپہٕ ______ بڑٕ ژٕنٛزِس کھنڈَس روٗز موٚتنہٕ ہش خاموشی، پتہٕ ووتھ سہٕ بالکل افلاطونی لہجس منٛز ______ ''بُلہوسا، یورگن تہٕ یتھ وقتس منٛز چھِ وونی مےٚ باز (پأز) ونان ______''

______ پزرس چھُ پٔنُن وقار آسان تہٕ یہَے وَقاراوس اَتھ گتھ تہٕ۔مےٚ تھوو سہٕ وٕپٕنِس پھٕکِس پٔٹھ تہٕ دٔژاس ترٛیشہِ ہنٛدِس تلاشس ہالہِ مأدانہٕ

دٕویمہِ اَنٛدٕ ______

وونی چھِ أسی دوٚشوَے سیمنٹ کنکریٹکِس جنگلس منٛز ہٕٹرِ ہٕٹرِ ترٛیش ژھانڈان۔

دوٚشوَے ترٛیشہِ ہُتی !!

______

# گیس بال

سٕنہٕ چھُم نہٕ اِتھٕ پأٹھی یاد، وُٚں گوٚ یِمِس سنہٕ زیادٕ أہَم باسہِ سہٕ ہیکہِ یٚیمہِ نِشانہٕ ژھأنٛڈِتھ زِ تِمَن دوٚہن اوس تازٕ تازَے محمد علی جِنّاح یٚیمہِ گتھِ ہُنٛد تَسلا سَپدِتھ جلمہِ ہٕنٛزِ وَتہِ (جہلم ویلی روڈ) واپَس کراچی گوٚمُت زِ کأشرِس مُسلمانَس کتھَن ہٕنٛز جأدی مأنٛتھر دِنی چھُ نہٕ فِلحال مُمکِن تہٕ جوٚأہرلال نٕہرِس اوس 'دُمیل' واتنَس پٮ۪ٹھ کأشرٕ بن پٮ۪نٛڈِتَن (بٹن) ہُنٛد "کوٚنگ" تحفہٕ کنہِ رٹُن باقٕی ووٚنی أسِن جِنّہَس جنّتَس تہٕ نٕہرِس سورگس جاۓ (دوٚشوٕنی ہٕنٛدِ خأطرٕ ما بَنہِ اَکی جایہِ باپَتھ دُعا کرِنی، تِمَن آسہِ نہٕ کأنٛہہ حرجہِ دَپھ یٚیتہِ ووٚتھَن فساد!) ۔۔۔!

بہرحال تِہنٛدِ خأطرٕ دُعا گرِتھ کوٚر اَسہِ صِرف یہِ ثأبِت زِ أسی تہٕ چھِ

مُہذِب نتہٕ سانہِ گتھِ چھُ نہ تمَن ستی مُلے کانٛہہ تعلُق ۔ تہُنٛد حوالہٕ پھو محفل امہِ خاطرٕ دُیٖن یتھ زَن سنہٕ ہیکہِ مُقرر سپدتھ ۔۔۔۔ وٚتھی پاٹھی بوٚ زِو زِ انگریز بہادُراوس وُنہِ یٖیتی تہٕ پاکستان اوس وُنہٕ تسنزِ یڈ منزٕ یعنی وُنہِ تھنہٕ پینے !

مےٚ چھےٚ اَصلی پھوکہٕ بالَن ہنٛز دلیل وَنٛی مگر سنہٕ مُقرر کرنہٕ خاطرٕ پییہ یہ فضوٗل ڈنڈ رز تھراوِن ۔۔۔۔ تمَن دوہن آسہٕ پھوکہٕ بالہٕ اِنگلستانہٕ پیٹھٕ یِوان، مٔنزی مٔنزی آسہٕ جاپانہٕ تہِ یِوان ۔۔۔۔ اصلی ربرٕ چھِ، رنگ شوخ، اَزی کہٕ کھوتہٕ وارِیاہ زیادٕ نرم تہٕ مُلاٮ۪م ۔ اَکھ پھوکہٕ دَم دِوان زِ پھوکہٕ بال پوٗرٕ ہنان ،مگر یمہٕ آسہٕ پھٹان جلدٕ ے، مومولی گاسہٕ تُل تہٕ ہرگاہ سَنہِ ہے ۔۔۔ ''ٹاس'' زِ پھوکہٕ بالہِ أسی نہٕ بدُن یِوان اَتھِ ۔ اَزکل چھِنا پھوکہٕ بالہٕ پھٹِتھ تہِ بچے متین ربرٕ دبلَن وُٹھن پیٹھ رٔٹتھ اَندَ رگُن دام دِوان تہٕ لوٚکچہِ لوٚکچہِ بالہٕ بناوان ۔ بانٛتہٕ ہشہِ !تیلہِ اوس نہٕ یہ مُمکِن ۔گیس بالَن تہِ چھُ وونی سینتھٹِک ( Synthetic ) ربرٕ آسان توٚے چھےٚ ہنادَرِ پہَن تہِ آسان ! تیلہِ اوس امہِ قِسمُک مصنوی ربرٕ ،ایجاد سپد نکس اَخری پڑاو پیٹھ ،بَس صِرف اَکھ قدم دوٗر !۔۔۔۔ یہ اوسُس لوٗٹ ، یہِ ہے بوزِو اَتھ سٔتھ پاٹھی وُمبر اَسِم پھوکہٕ بالَن گِندنچ ۔ ترٛک اوسُس ،توٚے چھُم سوٗرُے یاد! ویسے چھُس بہٕ اَز تہِ ترٛک ،مگر مانہِ ما

کاتھہ ! کاشُرنہٕ بلکلے ---تہٕ میانہٕ خاطرٕ چھُ اَہم تی ، اِسلۓ چھُ یہٕ وَنہٕ نۓ فضوٗل !----

وُنہِ وُنی نہٕ مےٚ اَصل دلیل ، گتھ چھےٚ مےٚ اَصلی پھوکہٕ بالہِ ہنز وَنۍ ۔ سیکیولَر اِزمُک نعرہ اوس توت تام ایجاد سَپد نۓ مگر رہنُما اَسی محنت سخت کران اَمہِ باپت ۔سانہِ بُستی منز اوس شامہٕ پنڈتَس ،ٹاون ایریا کمیٹی ہٕندِس دفترَس ،تہٕ نبہٕ تپلہٕ وأنِس ریڈیو۔ کو کرژانہٕ ٹُک وقت ہیوٚ اوس واتان زِ تژ یشوٗنی جایَن اَسی خلکن ٹھُٹھی لگان ۔شامہٕ پنڈتہٕنہِ بیٹھکہِ منز اَسی تٔہندی ہوٗوری دٔری اَشناو، مُنصفی ہٕندی مُلأزِم (پنڈت اوس تَتہِ پانہٕ مُحرِر ) تہِ کینٛہہ خاص ہمسایہٕ جمع سپدان ۔ٹاون ایریا کمیٹی ہٕندِس ریڈیوہَس پتھ اَس ماشٹرَن ،کلرکن تہٕ ڈاکخانکین کیٛہو بَم چوکہِ ہٕندِ بن مُلأزمَن ہنز بیرہ بیرٕ ےآسان مگر مےٚ اَس لو کچاہٕ پانہٕ سو خلکتھ خوش کران ، یوسہٕ نبہٕ تپلہٕ وأنی ہٕندِس لوکٹِس ریڈیو سیٹَس بروٗنہہ گنہِ جمع اَس آسان ،لو کٹہِ بازرٕکی دُکاندار ،پھمبہٕ مِٹھائی کٔنَن وول احمدؔ بأزی گرُن لڑکہٕ ، یمس سہٕ گیر ژادرِتل مأرِتھ دوٚہے دوٚ بارٕ زِنٛدٕ اوس کران تہٕ لِنہِ ڈنٛڈَس پھوکہٕ بالہٕ تہٕ ٹِکہٕ واوجہِ گنٛڈِتھ کوچہٕ کوچہِ پھیری کرَن وول صمدؔ چاچہٕ ---صمدؔ چاچَس اوسُس یہٕ اصل پأٹھی وَنہِ ،اَسہِ درمیان اوس پھوکہٕ بالہِ ہُند رِشتہٕ ۔ کالہٕ

پھٹان پگاہ ئو پھو کہ بال نِوان۔

بیٚیہٕ وأ ژ گتھ خبر کوٚت ۔۔۔ مُول بوز بُڈتھ چھنہٕ پتہٕ دلیل تہٕ تگان پھِرٕ نی !مُدعا اوس اصل وننگ یہ زِ سیکیولر اِز مُک نعرٕ ایجاد کرنہٕ خاطرٕ أسی رہنُما بڈٕ سخت محنت کران تہٕ اَمہِ گتھ ہنٛز ژٕینہٕ وَن أس ریڈیو خبرَ و پیٚٹھ میلان تہٕ ترٕ کی أسی پتہٕ پرٕ ھن خبرَن پننہٕ پننہٕ جایہِ کھوکھلان، چھو کھ کڈان، اِسترٕ ی کران تہٕ دوٗر اندیش أسس اوبرٕ مایہِ گرِتھ چمکدار تہٕ بناوان۔

نبہٕ تیلہٕ وانٛگین ریڈیو بوزن وألی أسی بوزان بوزانٕے یہِ سورٕ ے دٕستی کران، فِلفور! أتھی منٛز گومٕ اکھِ دوہہٕ کنٛن زِ وٕنی چھےٚ گیس بالہٕ یورتہٕ کٕنہٕ آمٕژ۔ یہِ أہم نیوز (News) وٕنی مےٚ شاید پٕنٛنی مألی، سورگ أسی نس، یِژھ نیوز اوس مےٚ سُے ونان۔ اَکھ گتھ وَنو و ۔۔۔ سورگس جاے آسنہٕ خاطرٕ چھےٚ نہٕ تَس میانہِ سُفارِشہِ ہنٛز ضروٗرت، خو دادوست اوس تہٕ تَسنٛد دوست اوس اَکھ دوٗب، بَد لے یارانا اوس یَمن دون پانہٕ وأنی، دوٗب اوس حاجی، دوشوٚ ے أسی گھنٹہٕ وادَن ہیتھ خبر کیاہ گتھ کران۔ یَمہِ دوہہٕ مےٚ مول گُذریا وتَمہِ دوہہ پیٚٹھ ترٕ أوی حاجی خلکَن ہنٛدی پلو چھلنی، تَمہِ دوہہٕ پتہٕ وٚوتھ نہٕ سُہ گاٹھس پیٚٹھ زانہہ۔ واسکٹس ( سَدرِ ) منٛز اوس پیٚٹھی مِس چنٛدٕس، چینہِ ستی بند چنٛدٕ گر

(Poketwatch) تھوان۔ اَمی دوہہ مُژراٰون تہٕ دِژن یہِ وٕنتھ گرنچوس زِ "وونی کیاہ چھُ وقتس کرُن"۔۔۔۔ ییہِ ووتُس بہٕ خبر کوٚت ! اَصلی چھُ پزِی بجرس منز دلیل بوزناوتُک ہونرتہِ سوران۔۔۔ گتھ اُس گیس بالہِ ہنز، یہ خبر بوزنووُنس بہٕ مائلی ۔۔۔"بالہِ چھِ مشینہٕ ستی پھوکہٕ بدل گیس بڑان، پَن گنڈان، بال پتہٕ پانے ہیٚوٚر رکھسان۔ گُٹھس منز تراوون تہٕ تالوس ستی لگان، نمبرٕ تراوون تہٕ اَسمانس منز غآب گژھان" اَمہِ دوہہ پیٹھ پژاریاس بہٕ گیس بال بازرس منز ینس ۔لِنہِ گنڈِتھ ٹِکہٕ واوجہِ تہٕ پھوکہٕ بالہٕ ہیتھ نفراوس دوہے کوچہِ مٕنزی ہِکھ دِتھ نیران تہٕ دوہَے اوُسس بہٕ تَس کُنےٚ سوال پرٕژھان۔ تہٕ پتہٕ اوس سہٕ مےٚ وُچھتھے اورَے ونان "جِگر اوُنہِ آیہِ نہٕ۔ یُمہِ دوہہ سو بال ییہِ بہٕ یِمہ گوڈنچ بال ہیتھ ژیےٚ۔۔۔۔۔"

مُلک گو آزاد، وارٕ کارٕ زاو پاکِستان۔ رٕہنُماہَن ہنز محنت اَنجی بُٹھس ،سیکیولر اِزمُک نعرٕ سَپُد ایجاد!۔۔۔ اٰتھی منز گو سہٕ ڈنڈَس گنڈِتھ ٹِکہٕ واوجہِ تہٕ پھوکہٕ بالہٕ کِنَن وول زَن خبر کوٚت غآب !وقت ژٕول زَن واوتہٕ اٰتھی منزٕ گیہِ اکہِ دوہہ کرٕکھ زِ گیس بالہٕ چھےٚ بازرس منز آمٕژ ،مگر میون وقت اوس اوٚت تام موکلیٚامُت۔ بٹہٕ کِٹس بنیہِ نوکری تہٕ خاندرَن چھِ ٹھُکھی گژھان، تمہِ زمانہٕ اوس یی

سَپدان، ویسے جین (Jean) جیکٹہٕ علاوٕ چھےٚ نہٕ اَز تہِ اَتھ زیادٕ تبدیلی کینٛہ آمٕژ !۔۔۔۔ییمہِ دوہہ مےٚ لگن اوِس تمہِ کالہٕ ؤتھی سخت فساد۔ ریڈیو سٹیشن اَسی ووٚنی بِسیار گاٮٔمتی تہٕ ریڈیو تہِ اَسی مچھن ہندی پاٹھی، شُمارٕ روس، مگر شامہٕ پنڈِت اوس اِسرار کران زِ تَسُند ریڈیو چھُ "PYE" اَصلی جرمنی ہُند، ہٹلرٕ سنٛدِ وقتُک ،اَتھ پوشہِ نہٕ کانٛہہ، بی۔بی۔سی چھُس تیٚوتھ یِوان زَن تَسنٛدِ س کمرس منٛز بہتھ نیٛوز ریڈر (News Reader) تَس خبرٕ بوزناوان چھُ ۔یہِ وَنہٕ نَس بہریٛاو نہٕ تَسنٛدِس مَرنَس تام کانٛہہ زِ ژٕ نے انگریزی پوٚر مُتے چھےٚ تہٕ بی۔بی۔سی یَس کیٛاہ چھےٚ کرُن !نبہٕ تیلی اوس خوش زِ چھُھ ؤ ژھ، وَگوس اوس نہٕ ربتھ تہِ نیران تہِ اَسی ریڈیو بوزَن وٲلی اَتھ بہہِ بہہِ گٔھر کران ۔ٹاؤن ایریا کمیٹی ہُند ریڈیو گو اکہِ دوہہٕ ہنگہٕ منٛگہٕ پانَے غاَٮب، ہتو وَنہٕ ہتھ گتھٕ مگر ریڈیو دژ اونہٕ نوٚن کینٛہہ۔ ووٚنی چھےٚ اَکھ کمیٹی مُقرر کرنہٕ آمٕژ۔ یَتھ پٔتی موپنٛژہو (۲۵) ؤریو پیٹھٕ معاملَس سَنان وۄت چونکہِ کمیٹی مُقرر کرنہٕ وِزِ چھُ اَمکہِ سیکیولر کردارُک خاص خیال تھاونہٕ آمُت اوٚ ہنٛز چھےٚ کمیٹی ہنٛز کاٲم گُنہِ زحنہٕ بغاٲر ہموار طریقہٕ بڑوٚنٛتھ کُن پکان ۔سیکیولر کردار، مطلب کمیٹی منٛز چھِ ژٕ مُسلمان ژٕ بٹہٕ تہٕ اَکھ سِکھ شاٲمِل ۔اَمی کردارٕ کِنہ چھُ نہٕ Auditor تہِ اَتھ معاملَس اَتھٕ لاگنَس بہران۔

بلاے میأنس بجٕرس، بیٚیہِ وأژ گتھ ڈُلہِ گژھتھ خبر کوٚت، اَمی چھِ بُڈس پینشن دِوان، انگریزِن أسہِ مغزٕ ڈلیٚمتی زِریٹایرلفظ کوٚرُکھ ایجاد، بہر حال گتھ أس زِتمہِ دوہہٕ أسی سخت فساد چلان یمہِ دوہہٕ مےٚ لگٕن اوس، ریڈیو تہٕ ریڈیو سٹیشن أسی بےٚ شُمار، اِوٕ کنٕ أس فسادٕ وکھو تہٕ ہنٕز شوٗوے زیادٕ۔ دوٚشوٕے فسأدٕ ڈٕری أسی پنہٕ نِس پنہٕ نِس عوامَس اپیل کران زِ یتھ نوٗ زُک وقتس منٛز گژھن تہٕ تم سیکیولر اِز مُک نصب اُلعین نظرِ نِشہِ ڈلنہٕ دِنی۔ باقٕے پٔن احتجاج گژھ جأری تھوٗن، تہٕ سہٕ رۄدِ جأری رنگرٕن اوٚن بیٚیہِ منٛز ژوٗ رِژوٗ رِکیسری رنگہٕ دستار تہٕ سہٕ گوٚنڈُکھ مےٚ کلَس تہٕ فأصلہٕ گو زِ مہارازٕ گژھ کوچو کوچو بأسکلس پیٹھ ہوٗ رلگن کرنہِ بڑ وٚنٹھ بڑ وٚنٹھٕ روز بیا کھ نفرٕ شینٛکھ ہبتھ بیٚیس بأسکلس پیٹھ ۔۔۔ پروگرامہٕ مُطأبِق دِژ اوا کھ نفر بأسکلس پیٹھ مہارازٕ یعنی مےٚ ہبتھ تہٕ بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ دِژاو ۔۔۔ شینکھٕ وول بیٚیس بأسکلس ۔۔۔ کوچو کوچو۔ أتھی منٛز پیٚیہِ مےٚ یعنی مہارازَس بُتھِ پھوکہٕ بالہِ وأرلس پیٹھ نظر ۔۔۔ گیس بال أس پٔزی بُستی منٛز وأرِد سپٕز مٕژ۔ لِنہِ لورِ گنٛڈِتھ بالو علاوٕ آسہِ تَس پٔنس گنٛڈِتھ واریاہ پھوکہٕ بالہٕ ہیوٚ راسمانَس کُن لمان۔ مےٚ زوٗن پانَے زِ یہِ آسہِ ہےٚ اَوے غأب گومُت! گیس بالہٕ ژھانڈنہٕ! (پھوکہٕ بالہٕ وول تہٕ اوس کوچو کوچو پکان)

۔۔۔مَتھ گوم یِہ مہاراز دستار دِمہٕ اوک طرف دأرِتھ تہٕ گیس بال ہتھ نیر پانَس گِندنہٕ مگر میٚون وقت اوس موکلیامُت ، دَستار لاینہٕ ستی نیرِ ہے نہٕ کینٛہہ ، وقت ییہِ ہے نہٕ واپَس ۔

فساد ہیٚے یِہ تہٕ فسأدی رہنماوَو کوٚر پننِس پننِس عوامَس شابَش تہٕ مرحبازِ نوزُک دورَس منٛز "سیکیولر قدرِ تہٕ شیر وشکرک بأی چارٕ" برقرار تھأوِتھ کوٚر

تَموٕ عظیم ریٚوایتن ہِندِس تأرِخَس منٛز اکھ سونہری بابُک اِضافہٕ !

دوٚیمہِ دوہہٕ دژ ایِہ خلکھ ہیٚیہ کوچہٕ تہٕ کرفیو مُشرِتھ سڑگن پیٹھ اکھ تہٕ موٚنجہ ہیٚنہٕ گیس بالہٕ آسہٕ جایہِ جایہِ کِنہٕ ۔مگر مےٚ رودیہِ شر أندرِی ، گیس بالہٕ گِندنُک ۔

تتھ کالَس أسی کشیرِ منٛز بٹہٕ تہٕ روزان ۔مےٚ زاوزنانہٕ لڑکہٕ تہٕ تُسی ستی زاومےٚ تہٕ آیڈیا (Idea) سوٚچُم زِ اَدِ موکلیا میٚون وقت ۔میٚون نیٚچو آسہِ گیس بالَن گِنداں ، منٛزی منٛزی آسہٕ بہٕ تہٕ لوکچارُک تماہ پوٚرٕ کران ۔دُنیا چھُ پتہٕ وتھ اِتھے پأٹھی پکان آمُت ۔مےٚ دُیت پانَس تسلا ۔باقین ہنٛز چھےٚ نہ مےٚ خبَر مگر پانہٕ چھُس بہٕ پأنی پانَس تسلادِنَس منٛز یکتاتہٕ ماہِر ۔یِہ وَصف اوس مےٚ زہنہٕ وِزی بھگوانَن دُیتمُت ، ہوٚ رِتھ ہکَس نہٕ ! اَصلی آسہِ ہے تَس تہٕ یِہ اند از زِسأرِ ے زندگی بُرمَس ابھاوِ ستی یِہ وَصف ہرگاہ نہٕ دِمَس یِہ مرِ زہوان زہوانیے !۔۔ٹلی

چھس نہٕ بھگوان ونان ، پڑتھ گتھِ چھُ گوڈے وأتتھ آسان ! اِتھ چھِ ساخلکھ پۄزا کران اَدٕ ۔

اُف رأو گتھ ہیٚیہِ وَتی ۔۔۔ خبر مےٚ زَن چھےٚ ووٚنی یہ بیمأرِی لار یمٕژ ۔ گتھ آسان خبر کیاہ چلان بہٕ واتان خبر کوٚت ۔ ویسے پننہِ جایہِ چھےٚ گتھ بہٕ اوٚسُس دوہے مغزٕ وتھُے ، دَف جوأنی اُس ، باس اوس نہٕ لگان ، ہیٚیہِ اوٚسُس نا بہٕ خُرفہٕ آیے اَمہِ ہِکِنٕ اوسُم نہٕ کانٛہہ کینٛہہ وَنٕنس تہٕ بُہران ۔ خأر گتھ اُس چلان زِ مےٚ سوٚچ زِنیٚچوس ستی آسہٕ بہٕ تہٕ مژٕی مژٕی گندٕ نُک شوخ کڈان ۔۔۔ مگر تہٕ ہیٚوک نہٕ مُمکِن سپدِتھ تِکیاز ییٚوت تام سہٕ گیس بالہٕ گندٕ نچہِ دُمبرِ ووت توٚتام اوس باقے چیزَن ستی ستی اشراف شُرِ ہن ہُندلو کچار چھاونُک میزان تہٕ بدلیامُت ۔ سیکیولر اِزمس ستی ستی اُسی رہنماو ہیٚیہِ تہٕ بسیار نعرٕ ایجاد کری متی ، اصل ، خوش پوٚنی ، وزن دارتہٕ اَکی تأثیرہ یادروزن وألی ۔ ووٚنی اُسی نہٕ سکوٗلَن مژٕ پران " لب پہ آتی ہے دُعا بَن کے تمنا میری " میوٚن نیٚچوٗ گوگوڈٕ پڑٕیس " Prep " دأخل ، اَمہِ وِزِ اوس سہٕ اڈٕ کولے ییٚلہِ سہٕ نرسری ، لوٗر کے ۔ جی ، اپر کے ۔ جی دوٚن ژون ؤری ئَن ووت ، اِدٕ تو رمےٚ فِکرٕ زِ یہِ چھُ ہمپٹی ڈمپٹی سیٹ آن اے وال پران ۔ اَوَلس تام واتان اوس لو کچار ہمپٹی ڈمپٹی ئَن پانَس ستی دیوارٕ

پٹھ یون دٕیثمت دأرتھ۔ گیس بالہِ سوٚمب اوس توتہِ وقت واریاہ بچان مگر فیس ،ٹیوٗشن ،ٹرانسپورٹ ، کِتابہِ ، وَردی تہٕ باقٕے أڈنی گڈنی ہنہٕ پتہٕ اوس نہٕ گیس بالہِ خاطرِ کینٛہہ بچان۔۔۔ "ہرگاہ لڑکہٕ کینٛہہ بناوُن چھُ تیلہِ گیہِ وُنی کنٛہس لاگت لائگنی!"

یہِ موٗل مَنتر اُسی سارٕے ونان ، تہٕ یہِ منتر پرٕکھٹاونس لگی سارٕی شوق تہٕ واریاہ ضروٗرتہٕ چھپہِ۔۔۔۔ مگر لڑکہٕ بنیاوپزٕے کینٛہہ۔۔ بلکہِ واریاہ کینٛہہ ۔اَمیُک سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ احساس اوس لڑکس پأنس تہٕ تسندِ کھوتہٕ زیادٕ تسند بن ہوور بن ! اَکھ عجیب کتھا۔۔۔ عجیب کیا بلکہٕ ناقأبلِ بوٗر کتھ اُس یہِ زِ گیس بالہِ تہٕ ٹِکہٕ واوجہِ کمنَن وول اوس وُنہِ تہِ سُے ، تتھی لِنولورِ گنڈِتھ بالہٕ تہٕ ٹِکہٕ واوجہِ کنان ، تتھے پأٹھی آوڈ ِسگریٹ ژھبتہٕ کرِتھ بٹ ( Bit ) کنس پٹھ گنہِ تھوان یتھ پأٹھی پتھ کالہِ چِٹھی رَسان قلَم تھوان اُسی۔

وونی اُسی الیکشن واریاہ سپدان۔ جمہوٗریت اُس ناکامی "پھہلیمژ" اَز میونسپلٹی ہنٛدی پگاہ اسمبلی ہنٛدی کالہٕ کبتھ پارلیمینٹکی۔ گراجنرل تہٕ گرابأیی۔ گرا کانٛہہ مَرنہٕ کِنہِ تہٕ گرامارنہٕ کِنی ،سرکارٕ گرنہٕ کِنی یاسرکارٕ گراونہٕ کِنی۔

گیس بالہِ وول اوس پرٕتھ الیکشنہٕ وِزِ مُختلِف سیأسی جمأژن ہنٛدی

اِنتخأبی نِشان گرِتھ گیس بالہٕ اَنان۔ یِتھن دوہَن اوس تَس کِنس پیٹھ گِنہ فِلٹر دار کِنگ سایز سِگریٹ بٹہٕ آسان ۔۔۔۔مےٚ چھُ باسان بہٕ ہیوٚتنس بیٚیہ اَصلی گتھ نِشہ ڈُلن ، بہتر چھُ دلیل ژھوٚراوِنی ۔۔۔!سپُد یہ زِمےٚ زایہ لڈگس گونٛدری ہش لڑکی ، بہٕ گوس سبٹھاخوش سوٚچُم زِووٚنی چھےٚ نہٕ مےٚ کانٛہہ پابٔندی ، ووٚنی گٔیہ سأری پینشن پوٚنسہٕ بالَن گیس بالَن پیٹھ خرچہٕ گرٕنی ۔مگرنچ زبنس ستی آیہ مےٚ دوٚیمہِ پورِچ کوٚٹھر دِنہٕ یتھ محض ووٚب ہش اَکھ سیکہٕ دأرأس۔ ووٚنی اوس بوٚ ڈکمرِ میأنہ نوشہِ ،لڑگس تہٕ تہنٛدِس عیالَس ، زیادٕ ضرورت ، میزان اُسی اوٚت تام واریاہ بدٕقیمتی تہِ جمہوٗری قدرٕ وأس پھٕلِتھ کوٚچن تام ژھٹھ کڈٕ مژ ۔۔۔!حأرأنی ہنز گتھ چھےٚ زِ پھوکہٕ بالہٕ کِنَن وول اوس اَز تہِ سُے ، دوٚہے اوس میأنہِ سیکہٕ دارِ نِش رُکِتھ نرکأنی قلمُک بین ’’ٹاں‘‘ گرِتھ وایان تہٕ بہٕ اوسُس سیکہٕ دارِ مٔنزی دَجہِ گنٛڈِتھ پوٚنسہٕ تر اوان تہٕ سہٕ اوس اُتھی دَجہِ اَکہِ طرفہٕ اَنٛدرس گیس بالہِ ہُنٛد پَن گنٛڈان ۔ بہٕ اوسُس بڈٕ کشالہٕ گرِتھ دوٚیو سیکہٕ مٔنزی بال اَنٛدر رژانان ۔ پگہٕ اوسُم بہتھ زِ اَکہِ دوہہٕ کھسہِ نچ بُڈی بَبس ژھانٛڈان ہیوٚرتہٕ بہٕ دِمَس یمہٕ رنٛگا بہ رٔنگی بالہٕ یمَن پیٹھ واریاہَن بالَن مُختلف رہنماہَن ہنٛدی اِنتخأبی نِشان تہِ بنأوِتھ اُسی ۔ بالہٕ گٔیہ وارٕ وارٕ میأنہِ کوٚٹھرِ منز جمع گژھان ، سارے آسہٕ

گیس بالہٕ اَوٕ ـکنٕ آسہٕ سارے ییٚلہٕ گوھوٗنے وُپھ دِتھ تالوٗس ءستی لگان۔ اکہِ
وقتہٕ آوسوٗرے تالو بالوٕ ءستی برِتھ۔۔۔وارِیاہ وقت لوٗگ اَتھ شایِد۔ نبرٕ اَسی
وارِیاہ میزان بدٕءمتی تہٕ أندرٕ اوٗسُس بہٕ خبر کیٛاہ زِ وارٕ وارٕ بالَن منٛز روٗ زِتھ زَن
پانہٕ تہِ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ ہلکہٕ گژھان۔۔۔اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ بہٕ صُبحن نیٚنٛدرِ ووٗتھُس
،بہٕ اوٗسُس پزِی بالَن ءستی تالوٗس لٔگتھ بالَن منٛز ہیٚنہٕ آمُت۔بہٕ اوٗسُس وُنہِ اَتھ
پیٹھ سوچانے زِ یوٗنہٕ گیہِ ودَن کرٛکھ، گوڈٕ میٛائنس لڑکہٕ سنٛزٕ تہٕ پتہٕ میٛانہِ نوٗشہٕ ہنٛزٕ،
ءستی تُج نچہِ تہِ ودَن گرٛبز۔۔۔بہٕ اوٗسُس پیٹھٕ کنہِ سٹھا ہلکہٕ گٔژھتھ بالَن
درمیان تالوٗس ءستی لٔگتھ خبر کیٛاہ زِ خوش ہیٚوٗ!

کیٛنژٕ دوٚہی ییٚلہِ کوٗٹھرِ منٛز بالہٕ نبرٕ آیہٕ کڈنہٕ بہٕ تہٕ دژاس یمٕنے ءستی۔ ووٗنی
چھُس بہٕ پنٛنن رنٛگ برٕنگی بالَن ءستی کھُلہٕ آسمانس منٛزٕ آزاد ی سان پھیران!
بلکُل ہلکہٕ! سنہٕ تہٕ تارِیخ چھُم نہٕ یاد اِتھٕ پأٹھی، وٗں گوٚتیمس سنہٕ زیادٕ اہم باسہِ
سہٕ ہیٚکہِ ییٚمہِ نِشانہٕ ژھأنڈِتھ زِ بٹن اوس کٔشیرِ پیٹھٕ ژٔلی متِس وارِیاہ کال گومُت۔

-------

# دۄن اَتھَن ہنٛز داستان

لِوان لِوان وأژسو برٕ داسَس تام تہٕ اَمہِ پتہٕ کوٚژُن بڑ ٹرٕس کھندس تھگھ ہیٚو۔ سوٲس درواز کہِ ہیٛر مہِ داسہٕ پیٛٹھی تہٕ شاید لوٚن پھَش دیٛن یژھان، پوٚز درواز پیٹھِ گنٛج لَب اَس تِسنٛدِ قدٕ کھوتہٕ واریاہ تھٔز، تیژ تھٔز زِ تِسُند اوت تام ترِ پلوِتھ لِوٚن پھَش دیٛن اوس ناممکن۔ تمہِ دِژ خٲلی کمرَس اکِہ لَبہِ پیٹھہٕ دوٚیمہِ لَبہِ تام نظرَ وٕستی دوٚنی، سوٲس لِوٚن ہُر ہیتھ بَرٕ پیٛٹھی لَبہِ تام واتنٛچ سبیٖل ژھاندان۔ تَس رُکے یہِ مےٚ پیٹھ نظر تہٕ کیٛنژس کالَس گوس لِوٚن مُشتھ۔ یہٕ اوسُس وأنسہِ ہِندِس تتھ پڑاوَس پیٹھ یێلہِ اِنسان کھوکھجہِ ہُند دور مُکمَل کرِتھ صرف دۄن پدٕ بن پیٹھ کھڑا سپدنک ہل بَل چھُ کران۔ میانہِ اَمہِ کوٚشِشہِ ستی اَسی تازٕہ لِوٚنس کیٛنژن جایَن ژکھر وٕتھی ستی۔۔۔ ''بلایہِ لگَے ژکھر ماتُل''۔ تمہِ دۄن

ئلبر مےٚ کُن، تَس اُس نہٕ کانٛہہ شکایت ئلکہِ اُس خوش زِ یہٕ چھُس کھو کھجہِ ہُنٛد اہم
منٛزلہٕ طے کرِتھ ووٗنی صرِف دوٚن پدٕ بن پیٹھ کھڑا سپدُنک سَنٛز کران ۔ تُسنٛد
سرٛ ئیہُل وُٹھ گُمنیار وُچھِتھ آس یہٕ وولسنٛس ہیوٚہ تہٕ تَس وُچھوٗن کرِم بیٛیہٕ کھڑا
سپدٕنچ کوٗشِش ۔ مےٚ دِتی گوڑٕ نِمتھ دوشوے اَتھِ پٔتھرِس، پٔتھرِ یک اڈٕ ہوٚکھ
لوٗن لاریوو مےٚ دوشوٕنی ماوَن، میاٛنی یہٕ جستہٕ خاز وُچھِتھ آو تَسنٛزٕ ن اُچھن منٛز
اَہی ہُنٛد شیچار وو تلِتھ تہٕ سورٕے تھگن گوس زَن موٕ ملکی پاٛٹھی ویٚگلِتھ ۔ مےٚ ٹُل
وارِ وارِ زمینہِ پیٹھٕ اَکھ اَتھ تھوٚ دتہٕ زَنگہِ ستی ماوہِ ہُنٛد لوٗن مَتھان مَتھان تھوٗوم
کوٚٹھس پیٹھ اَتھِ ، ہلبہٕ کوٚرُم تھوٚ دوتھنک پوٚزاڈٕے باسیوٗم زِ یہٕ یمہٕ اُک
طرفہٕ لاینہٕ ـــ "ہمتھ کرٕ سوٚرہٕ گوساٛنیا" تَمہِ وٚون تہٕ کمرِس پھہلے یہٕ
دودہٕ ہرٕچ ہش مُشکھ ۔ مےٚ کھور وارٕ وارٕ بیا کھ اَتھ تہٕ تھوٗوم دویمس کوٚٹھس
پیٹھ ، پتہٕ کرِم کوٚٹھن ہٹھ دباوتر اُوِتھ رَسہٕ رَسہٕ پدٕ بن پیٹھ اِستادٕہ سَپدٕنچ
کوٗشِش ۔ گیران گوس یہٕ گوڈٕ کوٚب کڈِتھ تہٕ پتہٕ پوٗرہٕ پاٛٹھی اِستادٕہ ۔
یہٕ وُچھِتھ پھوجہ تَس زَن بوٚ کہٕ ، ٹاربن پیٹھ آس شبنم ہیوٚہ اُدریار تہٕ سورٕے گو
سوٚنتھے سونتھ ۔ پوٚز صرِف دوٚن پدٕ بن پیٹھ کھڑا سپدنہٕ خاطرٕ چھُ ڈٔنڈا کی ترٛایہِ
تھاونک ہونر زانُن ضروٗری تہٕ یہٕ اوسُس اَتھ ہونرِ منٛزٕ وُنہِ آچھرُے ، اَدٕ موکھ

اوس مے پأنس تہٕ باسان زِوُنی پھمہٕ ۔ مےٚ گرٕ ہنجأری پأٹھی ہوٕ ہس منز پولرہِ پشجہِ نرِ ژھرٕ ٹہٕ وِتھ ڈنجہِ کھڑاروزنچ کوٗشش تہٕ ژِہس أ کس روٗدُس کامیاب تہٕ ۔ تمہِ کوٚرخوش گرٕ ھتھ لوٗن اَتھے تیٚتھ زورٕ ژرہِ پوٚپ زہ لوٗن چھکوٕ ستی دژاو کرٕ ہنس تمئ تالوٗس تار کھنب ، مےٚ وٚچھ لوٗن چھکہ ہنٛدِ پھمہٕ ہکہٕ أچھ ، ستی ڈوٚل توازُن تہٕ بہٕ گوس دوپھ گرِتھ پتھر بہتھ ۔

''سوٕ رہٕ گوسائیا أچھ ٹِتہٕ واریہٕ ستی گوکھا بہتھ ؟'' تمہِ وٚون اَسان اَسان تہٕ پھیر پوٚت درواز کہِ ہیٚر مہ دَمہٕ پیٹھی لبہٕ ہنٛدِس تتھ ھس لوٗن پھش دِنچ سبیل ژھانڈنہِ یوٚت تام تَس نٕر پلان أس نہٕ تہٕ بہٕ بیوٗٹھس بیٚیہ دون پدبن پٹھ کھڑاسپدنہٕ باپتھ جستہٕ خأزکرنہِ ۔

بہٕ اوسُس اَتھ کوٗشِشہِ منز ژھیٚتھ پیٚوان ، گرادوپھ گرِتھ بہتھ گرٕ ھان تہٕ گراڈُلہٕ گرٕ ھتھ چھاونہٕ یِوان ، پوٚز ژِہس أ کس ووٕ دِنی روزنہٕ ستی یُس نشہِ تہٕ یوسہٕ مُستی ہش مےٚ باسان أس سوٕ أس تھٕ نکہِ احساسہٕ کھوتہٕ سبٹھا طاقتور ، تلہٕ پدبن أس عجیب ہسَر ہش باسان ، یوسہٕ کُنی ژھالہِ رگن رَگن پھٕہلان أس ، دِلس أندی أندی اوس باسان خوش یوٗن ترٕ نیار رٕ ہیوٚ تہٕ وٚچھاوس زَن بونہٕ ہُنٛد باڑولبان ۔ یتھ پأٹھی صرِف دون پدبن پٹھ کھڑاسپدنہٕ وِزیٚلہِ

تہِ یون کُن وُچھان اوُسس باسان اوُسم کھورٕ تلیٖ زمین چھےٚ سبٹھا سبٹھا یون تہٕ
کلہٕ پیٹھُک آسمان سبٹھا سبٹھا نزدیک ، نرِ ہرگاہ پلوٗس کومب گرِتھ رٹِن سوٗرے
تاپھ ہتھ نالہٕ مَتہِ ، اَمی کھڑ اوِ کہِ اَمارٕ اوُسس دَب لگِتھ ، ڈُلہٕ گژھِتھ تہِ دون
پدبن پیٹھ کھڑ اسپدٕ نچ کوٗشِش کران۔

تَس ییلہِ نہٕ برٕ پیٹھی لَبہ تام پلہٕ نچ کانٛہہ سبیل اَتھِ آیہ تَمہِ تھاوی برچہٕ
تھزِ دمدرِ پیٹھ کھوٗرزٕ ہ ، کھوہورِ اتھٕ گرِن پیٹھی مِس دَمَس تھَھ تہٕ ژچھنہٕ اَتھٕ ہُر
پلوِتھ دُیتِن اَکھ پھَش ، دوِیم پھَش ، ترٛیم اوُسن وُنہِ اوٚڈے دِیُت مُت زِ
کیٚاہتام گو ، شاید گیہِ تَس کھوہورِ اَتھچ تھَھ ڈیٚج ، تَس آیہ ہکہٕ گرٛاے ، ہُر پیٚو
پتھَر تہٕ بوٚنہٕ گو دَمدرِ لاٗرِتھ سوٚ آیہ یہ وُکراونہٕ ، پوٚز بامبرِ مَنز دُیٚت تَمہِ تَمنٛی لد
کرٕ ہنس نٛری کوٗٹس اَتھٕ تہٕ لوٗن میٚژ برِتھ اَتھُک مُکمل آکار گو نٛری کوٗٹس پیٹھ
وٕٹسی ۔۔۔ کرٕ ہنس تَمنٛی لد کوٗٹس پیٹھ اوس تیٚندِ اَتھُک یہِ آکار زیادٕ ے
پرٛزلوٗن تہٕ چمکدار باسان ۔ سوٕ ژھ وارٕ وارٕ دَمدَرِ پیٹھ بون تہٕ ہیٚٹھ پتھَر ۔ تَس
اَس سٲری ہے پاٗنس نٕتھ نٕتھ تہٕ بتھِس اَ ہِس لیٚد رِژھٕتھ پھیر ہٕژ ۔ سوٕ ژھَتہِ
ہے ودَن باکھ پوٚز کیٚاہتام گو زِ پھوٗرُس نہٕ ۔ سو روٗز ہے بنگہٕ ہِش ژھیٚوے مٔژ و
اَچھو واریاہَس کالَس تَمنٛی تالوٗس پیٹھ وٕٹسی گاٮمتِس آکارس رٹِتھٕ پاٚٹھی وُچھان زِ

مےٚ باسیٚو ووونی ڈالہِ نہٕ یہِ زانِہہ اَمہِ پیٹھ نظر، مےٚ کوٚر فٲصلہٕ زِ یتھِ تتھِ سپدِ دون پدٕ بن پیٹھ کھڑاتہٕ نرِ پلوتھ کرَن یہِ آ کار آزاد، پوٚز ڈُلان گیران ییلہِ تھوٚد وُتھتھ نرِ زٕہ پلوبم اَسمان کُجایمہٕ واژنہٕ تالوٚس تام تہِ تہٕ گوڈ نکہِ پھرِ گوم احساس زِ اَسمان چھُ سبٹھا تھوٚد تہٕ نرِ سبٹھا ژھوچہِ۔ تمہِ دوٚہہٕ گوا تھگ سہٕ چھاپ خبر کیاز زِ موٚرِ ژنجہِ ہنٛدی پاٗٹھی اَنٛد رِی گتہِ تام لاہہٕ کھاٗرِتھ مگر پننہِ اَمہِ گُدرنک دُیٖت نہٕ مےٚ تَس زانِہہ باس تکیا زِ تَس اوس نہٕ تیٖلہِ پزٕھ کرنس لایکھ کھٔنٛژ بچان۔

نیٖبرِ اوس آنٛگنک بوٚڈ لکرکُل تتھے پاٗٹھی کھڑاتہٕ تاپھ تہِ اوس تمی انداز کُلہِ منٛزی وُرِیہٕ پیٹھ زمینہٕ چھیٹھ کڈان۔ لکر گوڈس نچہٕ ییٚتہٕ نَس شیٚہجار گوٚن اوس ،اوس اَز تہِ سُہ کاژر ہوٚن کھوٚنگھُن کارِ منٛز ژھٕنتھ زِپہ کران۔ اَز تہِ آسہٕ دوٚہہٕ دِشہِ ہنٛدی پاٗٹھی آنٛگنہٕ اَپارِ کنٛجہِ وٕتھہٕ ستی ستی وُڈوٗرِتھ آنٛپہٕ سوٚمبران۔ کُنہِ اَس نہٕ کانِہہ فرِق آمُت۔ کمرٕ اَنٛدٕرِی یہِ کینٛژھا سپُد تمیٖک اوس نہٕ کمرٕ نیٖبرِ مِس عالمس کانِہہ اَثر پیوٚمُت۔ شاید اَسی نہٕ نیٖبرِ مِس عالمس اَمہِ وٲرِی داتچ خبرے۔

اَمہِ دوٚہہٕ شامَن شوٚنگی اَسی فاقہٕ پھرِی، شوٚنگی نہٕ سوٚ گنٛجن اَر کوٚشِش، اَچھ وُٹھتھ روٗدی دوشوے راتی راتَس پٕنٕنی پٕنٕنی زال وونان۔ ییلہِ مےٚ تھکِتھ اَچھ موٗراوِ گاش اوس واریاہ پھوٚلمُت، سوتہِ زَن اَس میٲنی سےٚ اَچھ مُژراوَنس

پراران ۔ تَمہِ تُلُس بہٕ کھوٗنہِ تہٕ دژایہِ برٕ نیٚبرٕ تہٕ کمرٕ گوو وجارٕ، زَن پڑٲوتژ اُتھ
یاتری اُسی گاشٕتی ۔ صرِف اوس اَتھُک سہٕ وَٹُسی گومُت آ کاروٗنہِ تہٕ برابر زوتان۔
خبرٕ کموٗتژ بوٚنژ آیہِ بےٚ شُمار زٕلری نیٚرتھ تہٕ پیٹھی کمرٕس اَرٕ ورزال وونہِ۔
برٕ نیٚرتھ وُٚژھ سو ہیرٕ تہٕ دژایہِ آنٛگنس منٛز ، آنٛگن ڈیڈ نیٚرتھ وٲژ سو
کوچس منٛز تہٕ کوچس تٕرتھ یَیلہِ سوسٕڑکہِ پیٹھ وٲژ ،سوٗرکے یہٕ بژٕنژس کھنٛڈس
۔ اَکھ نظر دِژن سٕڑکہِ تہٕ اَکھ مےٚ کُن ، پتہٕ رٕوٹُنس بہٕ کھوہورِ طرفہٕ وارٕ پٲٹھی
کھوٗنہِ تہٕ کلہٕ تھوونَم پتِنس پھیکِس ستی ، دوتہِ لوٗنٹھ تژ اَوُنم کلہٕ پیٹھی تہٕ تٕرسٕڑکہِ

اَپور___________!

اَمہِ پتہٕ رٲوی اُسی وار یاہَس کالَس کوچَن ہنٛدِس جنگلس منٛز ۔ اُتھ
جنگلس منٛز پھیران ہیوٚچھ مےٚ پکُن ، صرِف دون پدٕن پیٹھ کھڑا
روزُن ۔ ووٚنی اُس سو مےٚ صرِف اَتھَس تھپھ کران تہٕ پکان اوسُس بہٕ پانے۔
حالانکہ پانٛس اوس مےٚ بہتھ زِبہٕ ہیکہٕ تھَپہٕ بغاٲرٕ تہٕ پکِتھ مگر تَس اُس نہٕ زَن وُنہِ
میانٮن قدمَن پیٹھ پژھ ۔ اَتھ جنگلس منٛز آسہٕ بدلے بدلے زُوٗ زٲژ۔
اکہِ دوہہٕ یَیلہِ مےٚ اَکی جنگلی بچ ٹوپھ دِژ ، مےٚ کوٚرٕ چھورٕ چھورٕ ،
سوٗرے پاس گوم نیٚلہٕ ژٕری ۔ یہٕ اُسی میانٛس بدنس پیٹھ کانٛسہِ بچ سنٛز گوڈنچ

ٹو پھ۔ٹو پھ وُچھتھ آو تَس وُتھن پیٹھ عجیب اُسن تہٕ مےٚ وونُس دَگ للہٕ وان:

''یہ چھُس دَگہِ ستی مران تہٕ ژٕ چھِہم اَسان''

''اَسان نا چھُس نہٕ لُجہِ سیا بلایہ''

''اَسان اَے چھکھ تہٕ''

''نا پرٛژھ چھِم نہٕ یِوان ژٕ چھِہم پزی پأٹھی بڈیا مُت''

''یہِ گوٚیہ ژےٚ ووٚنی احساس''

''اِں پچ سنزِ ٹوٚپہ ستی ۔۔۔پچ سنزن نظرن منز یُنے حبا گوبڈُن''

تمہِ وٚون زہر ژٕ ہان ژٕ ہان۔

دویمہِ دوہہٕ پیٹھٕ کرنہٕ تمہِ پکنہٕ وِزِ مےٚ اَتھس تھپھ تہٕ ووٚنی اوسُس یہٕ تَسنزِ تھپہِ بغأرِ ے پانٔے پکان۔منزی منزی اوسُس یہ سبٹھا بڈٕ وُنٹھ نیران تہٕ سو اُسی تیزٕ پَتھ روزان زِ مےٚ اوس پرارُن پیوان، تِتھٕ پأٹھی پرارُن اوس مے سبٹھا کھران۔اکہِ دوہہٕ یِیلہِ مےٚ یہَے گَتھ تَس وُنی سو پیٹھی پتھر تہٕ ژٕہس کھنڈَس تھکھ کڈنہٕ پتہٕ وٚنُن بڈ ماصِم انداز:''مےٚ ہاووٚنی پکنہِ ستی شانٛش ہش زَن کھسان'' تَسنزٕ گَتھ بوٗ زِتھ باسیوٚ مےٚ زَن واریاہ کالہٕ پیٹھٕ مےٚ سو وُچھمژ ے چھَ نہٕ۔شاید تنہٕ پیٹھٕ ینہٕ مے پانٔے پکُن ہیوٚت۔صِرف دون پدن پیٹھ !سو

اُس پۆزۍ پأٹھۍ واریاہ کرٕ ٹے ہٕژ ، تَس آسہٕ ڈبکس ژٕ مٹھتھ واریاہ گیٚنہٕ پیمٕژ۔
اُچھن اٚندی اٚندی اَسس کرٕ ہنٕز حلقہٕ پیمٕتی تہٕ مَنگنٕڈن آسس مُچھ ٹیچہ ہشہ
نموٗ دارگاٮ۪مٕژ۔ مازبیرٕ آسس واریاہ گجمٕژ تہٕ وُٹھن اٚسس پٕترٕ اُلجمٕژ۔
دوہہٕ اکہِ لٮ۪گۍ اٚسۍ ترٕشہ بُستی کُن ییٚتہِ بدلے لُکھ اٚسۍ ، ساٚرِے شکلہِ
ہِوے ، چارواین ہٕندِ کھوتہٕ زیادٕ سوی ، پکان تہِ تہٕندی پأٹھۍ ، کھیلن منٛز ، پوٗز
تہٕندی پأٹھۍ نہِ اَکھ اَکس نِشہِ لاپرواہ تہٕ بےٚ خوف ۔ بٕلکہِ تنہٕ ترٕنی سارٕنے
بےَ زِ وَقت گوژھ نہِ ظایہٕ گژھن ۔ یہٕ نہ کأنسہِ زوٗن زِ وَقت ماچھُم ظایہٕ کران۔
اوت وأتتھ ہیچھنوٗ وس یہٕ تمہِ واریاہ کٕتھ ، مِثالے یہٕ زِ شیشہٕ چھُ زیری پھٹان ، یہِ
پھٹنہٕ چھُنہٕ تیٚوت دوکھ گژھان یوٗت اَمیُک چوٗرٕ سنہٕ گژھان چھُ ، موم چھُ ترٕژٕ
ستی ویٚگلان ، یتھ جایہ نہٕ گاش واتہِ تتہِ چھےٚ زأجۍ لگان تہٕ زلرزال وونان تہٕ
بیٚیہِ تہِ واریاہ کٕتھ ______
تہٕ ییٚلہِ نہٕ تَس مےٚ ہیچھِناوٗن لایکھ کیٚنہہ تہِ باقی روٗد ، سو ہیٚرٕن وارٕ وارٕ سورٕنی
ہش ۔ مےٚ باسیوٗ زَن تمہِ اٚندرِم کیاہتام موٗلُل مےٚ دِتھ پنُن پان کھوٗ کھر
کوٗرمُت اوس ، تَس اُس وَس تام خأ لی گأمٕژ ، توَے اُس تَس ووٚنی سَخ ترٕ لگان
تہٕ یہٕ دژاس تَسٕندِ خأطرٕ تاپھ ژھانڈنہِ۔

مےٚ اوس ووٚنی پۄرٕ پاٚٹھی یہِ کھرٕ ووژٕ وٕلمُت زِ پدٕ بن دوٚن پیٹھ کھڑا

سَپدِ تھ ہرگاہ نَرِ زِ ہ پکھٕ سورٕ ے تاپھ ہتھ کیارٔژن اَسمان کو مبہٕ۔

اکہِ دوٚہہٕ آئی مےٚ بتھٕ تتھٕ اکھ دوٚژھ تاپھ تہٕ اکھ کھۄنڈ اَسمان ---۔ اَمہِ دوٚہہٕ

اُس سو سبٹھاخوٚش، سو پیٹھ ڈوٚکھ دِتھ تہٕ یہِ بیٚوٚٹھُس تَس نِکھ، تِہٕنٛد بن ژمٹھے متٕن

اَتھن پھَش پھَش دِنہِ ۔ مےٚ اُسی تِہٕنٛدی اَتھٕ واریاہہِ لٔٹہِ وُچھٕمتی ۔ تِہٕنٛدِس

کھوٚ ورِس اَتھس پیٹھ کھۄنتھ اومکار، ترٕشوٗل، پھیری، تارکھ، ژٔنٛدر، شٔٹھ کون تہٕ

خبر کیٚاہ کیٚاہ ، واریاہ لٔٹہِ وُچھمتی مگر اَز تام اوسمَس نہٕ یمن متعلِق زانٛہہ

پرٕ ژھمُت ۔ اَز خبر کیاز پرٕ ژھمَس ـــــــــــــــــــــــ

''ژٕ ے کیاہ چھے کھوہورِس اَتھس کھۄنی کھۄنی یہِ چھٹھ کڈٕمُژ؟''

''کیاز چھےٚ نا جان ؟'' تمہِ وٚون یمن کھۄنیٚن متٕن نقشَن پھَش پھَش دِوان

''نا ے جان چھِ ---۔ مگر یہِ چھےٚ نا عجیب کَتھا زِ ئچھُن اَتھٕ چھُ خٲلی تہٕ

کھوٚ ہورِس اَتھس چھےٚ چھٹھ کڈنہٕ آمٕژ۔ ''

''تیلہِ اُسس بہٕ کُنی ، سُہ اوس کامہِ کارَس بانگہِ نیران تہٕ ژانگہِ اَژان، کُنزِس

چھےٚ لٕر جاے تہٕ کھینہٕ یِوان ۔ بہٕ اُسس گوڈٕ تیلکس پیٹھ ژٕنی اُڈٕ راٚؤتھ تھوان

تہٕ پتہٕ سٕرٕ نہِ سٕتی ترٕسی دِتھ یم نقشہِ کڈان یِیلہِ یمن خون پھٹہِ ہے پتہٕ اُسس

یہِ تیلہٕ دار ژٕنہِ ہَن پیٹھ مَتھان ۔ اَتھ اوس کیٚنژٕن دوہَن ہٕنٛز کھَسان تہٕ ییٚلہِ
سہٕ وَسہِ ہے تلہٕ اوس اَتھَس پیٹھ نقشہِ نۆن نیران۔ بہٕ تہِ أسس گانٛگلہِ
گرٕھان تہٕ گُنٛز تہِ اوسُم نہٕ باسان، وارٕ وارٕ دژایہِ سأرٕ ہے اَتھَس چھٕٹھ۔"
--"تہٕ ژٕ چھنِس اَتھَس؟" مے پرٛژھُس۔
--"پتہٕ زاکھ ناژ، اُجٕ سیٖہِ بلایہِ، پتہٕ گتہِ رٕو دگُنٛز" تمہِ وۆن مے بُتھِس پھَش
دِتھ ________!
اَمہِ پتہٕ وَچھِ تمہِ وارٕ وارٕ أچھ تہٕ پتہٕ تہٕ مُژرٕ بن نہٕ ۔۔ وونۍ چھُس بہٕ گُن
۔۔۔ بلکُل گُن ۔ گُنٛزُک چھُم احساس تہِ، اَتھٕ زٕہ چھُم خألی تہٕ ہرٛژن تہِ چھُم تہٕ
ژٕنۍ تہِ ۔۔۔ پۆز کیٛاہ تام چھُ توتہِ گَم زِ اَتھَس ترٛسی دِتھ، خون پھاٹِتھ تہٕ نقشہِ
کھٕنٛتھ گُنٛزٕ چ داستان چھُس نہٕ لیٛکھِتھ ہیکان۔

--------

# پتہٕ سَپُد یہِ۔۔۔!

ویسے ہرگاہ وُچھو تہٕ وَنُن لایکھ چھُ یِتے زِ پتہٕ کیا سپُد تِکیاز یہِ گوڈٕ سَپُد تہٕ چھُ سارنے وِیُو دتہٕ یہِ سارنے خبر آسہِ تہٕ پھِرُن چھُ نہٕ کانٛہہ مانے تھوان، دَپھ پتہٕ کیا سَپُد تہٕ چھُ ذاتگ گدُرُن تہٕ یہِ پھِرنہٕ چھُ اِنسان اشرف اُلمخلوٗقات آسنگ ثبوٗت تہٕ دِوان تہٕ حق تہٕ اَدا کران!۔۔۔

توٚے یِیلہِ تہٕ مےٚ کانٛسہِ نِش یہِ گتھ پھِر، شروع کوٚرُم اَتی پیٹھٕ زِ پتہٕ کیاسَپُد۔۔۔ تہٕ سپُد یہِ زِ گوڈٕ گوتاپھ پھوٹہٕ ئر ہیٛو، یوٚہے ہیٛترِ لد ہیٛوٗ۔ اُتھی ئتی کرٛٹیہِ ''چیزٕ ن'' قد تہٕ ژھایہِ گیہِ واریاہ زیٛچھِ ۔۔۔ سہٕ اوس ژھایَن کھوژان یہِ چھُ پزٕ ر۔۔۔ مگر یہِ چھُ نہٕ پزٕ ر زِ تَس یہِ سپُد تہٕ کیاسَپُد اَمہِ کھوژنہٕ ئتی۔ تَس یَمہٕ تاویز تہٕ یتہٕ ر اَمہِ کھوژنہٕ نِشہِ محفوٗظ روزنہٕ خاطرٕ نالی اَسی تہُند تاثیر ماسَپِد ہے یکدَم، یوٗت جلد ختم۔ سہٕ تہٕ یتھ حدس تام ختم زِ اَچھِ دأرہش

مُورت ، زِنٛدٕ جاوید ، یِہے گوٚژھِ پور سلینَس (Porcelain) مَنٛز تبدیٖل ، نہ خونٛگ تژٕر ، نہ ژٕمہِ ہُنٛد لاوبر ، نہ دِلچ دُبراے ۔ یوٚت ما گوٚژھِ تاویزن تہٕ ینترٕن تاثیر گم !

"اُمِس چھےٚ ژھاے !" ترٕ کھوٚ دِژ راے ۔

"اَتھ کانٛہہ یلاجہِ ؟" مےٚ پرٕژھکھ ئلی ، تِکیازِ بہٕ گوس نہٕ تہنٛزِ رایہ ہُنٛد قائِل تہٕ پزٕر گوٚیہِ زِ بہٕ چھُس نہٕ اَزتہِ تہنٛڈ یہ تشخیش سُہی مانان ، تہٕ کرِتھ تی مانوٚ زِ اُمِس چھےٚ ژھاے پتہٕ چھا تَمہِ ستی یِہے حالت گژھان ۔ بہٕ چھُس نہٕ ترٕک ، مگر وُچھمُت چھنا پانَس اَندی پٔکی ژھایَن ہُنٛد عالَم ، کتھٕ پاٹھی چھُ قد ژھوٚٹان ییلہِ ژھایہِ زیٹھان چھےٚ ۔ اَندی پٔکس بِوان لاوِمُشکھ ہش ، ہنٛگہٕ منٛگہٕ لگان نپہ نپہٕ کرونمن گنٛج بانَن زَنٛگ ۔ یہِ سورُے چھُ سپدان مگر اَچھِ داَرہش موٚرت ما چھےٚ پوٚرسلینَس مَنٛز تبدیٖل سپدُن ، نہ خوٚنَس وُشنیر ، نہ ژٕمہِ لاوبر ، نہ دِلَس دُبراے !

وَچھُس نہٕ کھَسہٕ وَس کانٛہہ ! تہٕ بڈٕ گتھ یہِ زِ علاج سبیٖل چھےٚ نیران ، تتہِ نےٚ تہٕ ژھاے چھےٚ رَسہٕ رَسہٕ پانٔے ہرِتھ پِوان ۔۔۔ یِی چھِ وُچھان آمتی ، یِی چھِ بوٚگان آمتی تہٕ یِی وُچھو ، یِی بوٚگو ، پزٕر چھُ تی باقے گٔیہِ بوٚ اُلھوسی ۔

دَپان پور سلینٛچ موٚرت چھےٚ اَندرٕ رکھوکھر آسان ! دَے بوٚزِن یہِ مہٕ

اُسن پۆز۔ ہرگاہ یہِ پۆز آسہِ تیِلہِ نےٚ آشی روزِ پتھ ۔۔۔ یہِ چھُس نہٕ اوٚے اَتھ گتھِ پڑھ یژھان کرُن، ہرگاہ اَتھ پژھ کرٕ وتیِلہِ کیٚاہ روزِ پتھ، سوٗرے موہ پھُٹہِ ۔ یہِ ہرگاہ بھرٕم چھُ یہٕ چھُس یہِ بھرٕم یژھان قاییم تھوٗن ژُرک چھُس نہٕ اوٚ کنٕ چھُس ہنا بُھوس تہِ ۔ پانٔس چھُس یہِ وٕنتھ تسلا دِوان آمُت زِ سرد شٹھیمتہِ پزٕ رکھوتہٕ چھُ بھرٕمَن ہٕندِس گدٕاز فانوسی عالمٔس منٛز روزُن زیادٕ جان تہٕ اُتھی عالمٔس منٛز بےٚ مطلب تہٕ بلا مقصد واریاہ موہ پائنٕ!۔

ژُ وکبن ہُند مشوٗرٕ چھُ ۔۔۔ مشوٗرٕ نہٕ بلکہِ منطق چھُ زِ پژھ کرنہٕ یا نہ کرنہٕ خاطرٕ چھُ لازمی زِ گتھ یہِ سَرٕ کرنہٕ تہٕ جان گو زِ مۆرژ یہِ کانٛہہ اَنگ بنٛد پھُٹرٕ اوِتھ یہِ وُچھنہٕ زِ پزٕی چھا یہِ پور سلینچ، کھوکھر ۔۔۔۔۔۔ منطق چھُ یہِ بڑٕ سٕہی، قابلِ عمل تہِ مگر ہرگامےٚ پادشاہ ماز آسہِ ہے تیِلہِ! پۆز تہِ ماچھُم ۔ یہٕ چھُس ناعام اِنسان، موموٗلی ۔۔۔ موہ چھُم، اَنگ ہکٕس نہٕ پھُٹرٕ اوِتھ ۔۔۔ یِیہِ مانوتی زِ یہِ آسہِ کھوکھرٕ ے ۔۔۔ تیِلہِ پھُٹہِ ۔۔۔ پتہٕ نےٚ سِتھی بروزِنہٕ کیٚنٛہہ ۔۔۔۔ تہٕ گرِتھ یہِ تہِ چھُ نامنطقٕی زِ یہِ کیٚاز آسہِ کھوکھر، راتھ تام اَے اَتھ خوٚنچ حرارت، ژمہِ ہُند لاویٛر، وَچھس دُبرائے اُس، تیِلہِ کیٚاز آسہِ از کھوکھر؟

''بوز ساجگرا وونی تِجُتھ ژےٚ واریاہ کھاٗری ۔۔۔ اُمِس چھے شاپھ

۔۔۔تہٕ شاپھ چھےٚ اٲمس پنٕنہِ آسنٕک سٕری پیٚٹھی احساس۔تہٕ چانہِ خاطرٕ چھےٚ زہٕ وَتہٕ موکجِہ یاتہٕ گو پانہٕ تہِ شاپہٕ لَد بٔنتھ اٲی ہے ہیٚوٚ بنُن ،تہٕ گوموہ مُشرتھ پانہٕ نیرُن،یہِ پانَس تہٕ ژٕ پانَس"۔۔۔۔ووٚنی واٚ ژ چھیکرس گتھ توٚت نَس ٹیتہِ نَس مےٚ وَنُن چھُ زِ پتہٕ کیٛاسپُد ۔۔۔پتہٕ سپُد یہِ زِواریاہ پھیٚوٚرُس،ترٚوکِنن پرٚ ژھُم، متمن ژاس ہیہِ مگروُنہِ تہِ چھُم نہٕ تگان بوزُن زِ پانہٕ تہِ بناشاپہٕ لَد کِنہٕ ترٛ اوَن آلوِتھ۔۔سہٕ پانَس تہٕ یہٕ پانَس ۔۔کِنہٕ ہیٚیہٕ چھےٚ کانٛہہ وَتھ موٚکجٕ ؟

--------

# شب گرُد

بأزی گرَن ہأوزوردارپأٹھی ڈاہرواۓ تہ دُہچ أخری کھیل !

ژَرِتُج اوول ییر نہٕ خائطرٕ دُہچ أخری گاسہٕ گرٛٹ !

بِچ دِژ دُہچ أخری ٹوپھ !

گوٗلی لایَن وألی چلاو دُہچ أخری گوٗلی !

گوٗلی کھینہٕ وألی کھیِیہِ دُہچ أخری گوٗلی !

زہٕری دُیٛت زالَس دُہک أخری وار ! تہٕ

مےٚ تہِ لیچھ ژھرٛٹھ دِنتھ دُہچ أخری لأن ! تہٕ أتھی ستی لوٗس أزیُک

سِریہِ، پتہٕ آیہِ رات

تہٕ شب گردی دِژ رأژ ہنٛز گوڈنِچ کرٛکھ'' ہوش خبر دار۔ ہوش

۔ہوشاہوش۔" اَمہِ پتہٕ گیہِ ژھوپہٕ بڑ ژٕرِس کھَنڈِس، موٚتنی ہش ژھوپہٕ۔صرِف رُوٚزشب گردٕ ہنٛدِ بَڑِ تہٕ مظبوٗط ڈنٛڈٕچ "ٹھک، ٹھک، ٹھک" آواز تہٕ ہنٛد ہن قدمَن ہٕستی رأژ ہنٛدِ دِلکہِ دُب دُبک باس دِوان؛ رأژاوس وُنہِ شاہ کھسان

شب گردی رُکاوٕ چوٚکس نخہٕ وأتتھ قدم تہٕ ہٕستی گوٚ ڈنٛڈُک ٹھُک ٹھک تہِ بنٛد، باسان اوس شاید ژھیٚون رأژ تہِ شاہ۔تِمی دِژ گوڈٕ ژووپأری نظر تہٕ پتہٕ لأین چوکس سیٚہ مَنٛزٕ رِس کھڑا تتھ گول تھَڈِس ڈنٛڈٕ ٹاس تارٕ یتھ پٮ۪ٹھ دوٚہلہِ پُلسہٕ وول سائڈ (Side) ہاوان چھُ تہٕ ہٕستی لأین دوٚیم کرٕ بکھ "ہوش خبردار، ہوشاہوش"

کرٕ بکھ بوٗزِتھ آو بأزی گرِس وُٹھَن پٮ۪ٹھ عجیب اَسُن "ہوش کتھ پٮ۪ٹھ" تِمی دُیت بسترَس منٛزٕ لرِ پھِرُن۔"خبر گیری کتھ؟ رُوٚدکیاہ باقے؟ یہِ اوس تہِ خرچوٗ" تہٕ سہٕ بیوٗٹھ تِمَن کھیلَن شُمار کرنہِ یمہٕ تِمی از تام لوٗگن ہاوِ ہٕژ آسہٕ: "نارَس گُلزار تہٕ گلزار سوٗرکرُن تہِ ہوومکھ۔أکِس داہ (10)، دٕہن ہَتھ تہِ ہَتس ساس بناوُن تہِ ہوومکھ۔خألی تَش نارِ ہنٛزآبہٕ گرٕبکھ تہٕ ترٕہن یکٔن ہُنٛد کمال تہِ ہوومکھ۔رَزِ سوٗرُف تہٕ سورفس رَز۔۔تہِ تہِ موکلیاو۔۔ووٚنی رودنہٕ کینٛہہ ہاوَنس لایکھ: پتھ کتھ پٮ۪ٹھ ہوش تہٕ کتھ خبر گیری؟"۔۔۔تہٕ بأزی گرِس رأو یہِ سوٗچتھ

نبٕنِدرِ زِ پگاہ یتھُے مجمعہٕ جمع گڑھِ سہٕ کوسہٕ کھیل ہاوِنۍ تمۍ دُیٔت بیقرأری سان لرِ پھِرُن۔

"ٹھک، ٹھک ٹھک، شب گرٕ دی دُیٔت بیہِ باس زِ رأژ چھُ وُنہِ شاہ کھسانے۔ بوٗ ڈتہٕ مظبوط ڈنٕڈ ڈُکھر اوان ڈُکھر اوان ووت سہٕ چوکہٕ بروٗنٹھ سڑکہِ ہنٕدِس دوٗیمس اَندَس پیٹھ، اَتہِ ٹھہریاو بیہِ تہٕ ستی گو ڈنٕڈُک ٹھک ٹھک تہٕ تیسنٕد بن قدمن ہنٕز آواز تہِ بنٕد ۔۔۔ بالکل بنٕد ۔۔۔ خاموش۔ بیہِ باسوٗ زِ شاید ژھیٖون رأژ شاہ ۔۔۔ ژھوپہٕ ستی ترٕ ہرِتھ کوٗڈ ژٔرِ اَلِس منٛز پکھِ تلہٕ ہکہٕ کلہٕ نبَرِ تہٕ پنٛجوٕ ستی کٔرِن ٔدچھِنۍ کھوہوری گاسہٕ کرٕچہِ چیرٕ تھٔچھ، تَس اُس خبَر زِ ووٗنۍ کیاسپِد: شب گردی ترٕ اوگوڈٕ پوٗت پھیرِتھ چوکہٕ اپور سڑکہِ ہنٕدِس تتھ اَندَس نظریٖتہٕ پیٹھ تمۍ شروع اوس کوٗرمُت، تَس گوا اَنہِ گٹہِ منٛز کینٛہہ دڑ ینٛٹھی کِنہٕ نہٕ تہٕ ہیکہِ نہٕ تَس بغأر ییٖہِ کانٛہہ ٔدنتھ۔ اَمہِ پتہٕ پھیٖو رسہٕ واپس نخہٕ تلہٕ کَس گلِس گُن تہٕ گَش کَڈِتھ لاٗیِن اَتھ تتھۍ جایہِ ڈنٕڈ ٹاس زٕ ژور ییٖتنس سہٕ اَتھ دوٗہے لایان اوس ستی دِژِن کرٕ بکھ ۔۔ "ہوش خبردار، ہوشا ہوش۔ خبردار!"

ڈنٕڈ ٹاسوٕ ستی گوٗ گلِس اَرٕ، ژٔرِ گوٕ اَلِس منٛز پھرٕ ٹہٕ تَم، باسیٖوس زِ ووٗنۍ ییٖہ لنٛجہ ہنٕدِ دوٗکھمبلہِ منٛز تُسنٕد اول نیرِتھ تہٕ بوٗنہٕ گنہِ نیربس ٹاس، تُجہ تُجہ ییٖہِ سورٕے

چھکراونہٕ ۔۔۔پوٚز تیٚتھ سپدٕ نہٕ کینٛہہ ۔۔۔رَسہٕ رَسہٕ ہیٚچھ لنجہ قرارٕ تہٕ ژٕرِ کوٚرشکرٕ زِ
یہِ راتھ تہِ دژایہِ !تمہِ گٔرِ وارِ وارِ گاسہٕ کرٛ چوپیٹھٕ پنجن ہٕنٛزٕ تھچھ ڈیکہٕ تہٕ ترٕ نشہٕ بچنہٕ
خاطرٕ پیٹھ بیہِ گوٗکُن گرِتھ، کأر ہیٚرٛ اَن پکھِ تل تھوٗنی زِ دوٚرِ گیہِ ییٚہِ شب گردی
ہٕنٛز کرٛ بکھ ۔۔ ''ہوشاہوش، خبردار!'' کھوکھرٕ آوازِ تٕسنٛز کرٛ بکھ بوٗزِتھ آوژٕر تٕس
پیٹھ عار ہیوٚ ۔۔ ''بچارٕ ترٕ گٹھ کارٕس منٛز چھُ رأژ پہرٕس ہٹرٕ ہٹرِ پھیران، ژٕ کہٕ نہٕ
مطلب کینٛہہٕ، یہِ زٕن کرِ خبر کأژاہ تہِ ہوٚشیأری، نیرِ کیاہ زٕن تمہِ منٛزٕ، دٔےٚ رٔچھن
واوِ جوٚشتھ ہر گاہ زورٕ پٔہن ییہِ ،میوٚن اول ییہِ خبر گٹھ بیاہ بانٕس چھاونہٕ ۔ میأنی
خبر گیری کیاہ سنا کرِ تمہِ وقتہٕ ۔گاسہٕ کرٛٹ چھنہٕ کُنہ تہٕ بنان زِ یہِ اول تھوہَن
چیرٕ لنجہِ ہندِس یتھ دوٚ کھُمبلس منٛز بنٛد ، تہِ گرِتھ چھا اول گاسہٕ پینٛتی کِنہٕ ییٚہِ چھُ
کینٛہہ، یتھ گٹھ ہُشأری اَدٕ؟۔۔۔۔

شب گرداوس ووٚنی تتھ طرفس کُن دژ امُت یپأری سڑک گٔچھ اُس تہٕ
نرم تہٕ لاوِ زمینہِ اَسی کیمووٗلی تہٕ اَلی گری ہتی، یموٚے منٛزٕ اوس اَکِس وٗلِس منٛز
بوٗچ تہِ بہتھ پگاہ دٕپچ سبیل کران ۔تمِ اَسی دوٚہلہِ زہر کٔرتٕ شوٚے بستوٗ رخألی
گری ہتی تہٕ تیوت اَستھ اوس زہر پرٕ پیوٚمُت ۔سُہ نے ستی ہر یہِ تہِ لوسہٕ ہے
بڈٕ خجالتھ گژھِ ہے ۔حاجت منٛدن نے ضروٗرت تہٕ وِزِ حاجت رواسپدِ تیلہِ آسُن نہ

آسُن ہشی کتھا۔

شب گردووت بالکُل تۍسنِدس اَلس سیّد سیٹھۍ دپٹھ گنہِ کچہ سڑکہِ پیٹھ ،أندرِ اوس پیچ تۍسند بن قدمن ہنز آواز صاف بوزِتھ ہبکان ،تمی کرمیٔژمنزِ زہر کشید کرِنچ جست خیز بنٛد تہ برٛونہہ کانٛہہ زِ (۲) تھوٗ دتُلتھ بیٛوٗٹھ پیٹھ تالوس سارنہِ ،سُہ اوس انداز کرُن یژھان زِ شب گردِ سُند ڈنٛڈ ٹاس گتہِ نس ہیٛوٗ پییہ، أتھی منز گیہِ پیٹھ گنہِ تۍسندِ ڈنٛڈ ٹاسچ آواز تہ ستی گیہِ کرٛکھ" ہوش خبردار ،ہوشا ہوش!"

رأژ اوس وُنہِ شاہ کھسان۔

شب گردسندِ ڈنٛڈ ٹاسہ ستی آیہ پیٹھ زِ ،ترٛے (۲،۳) میٔژ پھٕلی وٕکراونہٕ تہ بوٗنہٕ پییہِ بچس پیٹھ ،تَس کھٕژ سخ ژکھ ،متھ گوس زوٗنی نیرِ نبرِ تہٕ ٹوپہٕ ستی کربس نیلہٕ سرٕی ،پوٗز مجبوٗری زہرِ کی سأری بستو رأسِن دوٗہلی خرٕچ گرٕی متی تہٕ نوواوس وُنہِ گشید کرِنے !۔۔۔" بےٚ ربط ،مےٚ گتھ سناچھِ خبر گیری کرِنی یا گوچھس نہٕ پننی کأم انجام دِوان ،یوٗتاہ وٕنہہ آسان چھم تیٛوٗت چھس سوٗرے ورتاوان ، وونی زن کیاہ ہشیأری گوٗ ژھس امہِ کھوتہٕ کرُن؟'

شب گرد اوس وونی ڈنٛڈ ٹاسوان سڑکہِ ہنٛدس تتھ پاسس ووتمت

یپأری ہٕلی، سیٚدی، ٹوٚی، پرٲنی، لوٚ کٹ، بٔڈی پرٛتھ قسمکی مکانہٕ بےٚ ترتیب پأٹھی کھڑا یا اَکھا اَکس ہِتی ڈٔوکھتژ اَوتھ أسی۔ سہ رُکیاوہنگہٕ منگہٕ اَکس مکانَس برٛونٛٹھہٕ گنہِ تہٕ ہِتی گوڈنڈُک ٹھُک، ٹھُک' تہِ بند، بیٚیہٕ گواکہِ لٹہِ گُمانہٕ زِشاید مالوٚگ رأژ دُبرالیہٕ ژھیٚن ۔۔۔ ژِہس کھنڈس ٹھہرِتھ تُل تمی بہ یکبار ڈنڈٕ تہٕ لأین زٕ ژور (۲،۴) ڈنڈٕ ٹاس مکانہٕ کس درواز َس ہِتی دِژِن کرٛبکھ ۔۔ ''خبردار، ہوش ۔۔ ہوشا ہوش ۔۔۔''

کرٛبکھ بوٗزِتھ آیہِ أندرٕ گولی چلاوَن وأَلس پانسے ہِتی اَسنہٕ ہنا ۔۔۔ وُچھ گس چھُ ونان، مےٚ! یُس پننہِ خبرگیری تہِ ہُشیأری کَنی تہِ چھُ یہ سہ چھُ!' ۔۔۔ ونان ونان دِژ تمی بیٚیہٕ اکہِ پھرِ احتیاطاً اَکھ أچھ وٗٹھ بندٕ وٗقہٕ نالہِ أندرٕ ری نظر زِنالی چھا أندرٕ سافی۔ تَس اوس ہکرِ پھرِ تماہ گومُت زِاَکھ گوٗلی لایہِ شب گردَس تہِ، مگر تیٚتھ اوس نہٕ کانہہ حکُم!

مَسا ژور (۴) قدَم کٔڈِتھ رُکیاو شب گرُدیٚیہٕ أکس برٛس نخہٕ ۔ یہِ مکانہٕ اوس گوڈنکِس مکانَس بالکل نخہِ توٚ خ، بلاشک آسہِ ہے اِمکی بسکین درَن تہِ شب گردٕ ہِنز کرٛبکھ بوٗزمٕژ ۔ پوٚز شب گردی ترٲوی اَتھ دروازَس تہِ تیٚتھے پأٹھی زٕ ژور ٹاس تہٕ ہِتی دِژِن کرٛبکھ تہِ ۔۔۔ ''ہوش ۔۔ خبردار ۔۔''

کڑبکھ بۄ زِتھ رُکوو أندرٕ گوٗلی کھبنہٕ وأ لی پٔنٕز سَلیب گران گران اَتھٕ تہٕ یہٕ سوال آس أندرٕ بێیہٕ ووتلِتھ زِ أہم کیاہ چھُ ہوش' کرُن آ۔ کِنہٕ بے فکرٕ پأٹھی پننہٕ یِیمہٕ مرتیچ رأچھ کرٕنی زِ خالقَن چھُس بہٕ أنہٕ بہٕ أنہٕ پننہٕ شبیہہٕ تھٕرمُت : اشرف اُلمخلوٗقات چھُس ،۔۔۔ برٛنزِس کھَنڈس سوچ کرنہٕ پتہٕ تُل تمی پرٛتھ دوٕہکی پأٹھی وارٕ وارٕ اَتھٕ تہٕ بیۆٹھ پگہکہٕ خأطرٕ بێیہٕ پٔنٕز صلیب گرنہٕ !۔۔۔ برٛس پتہٕ گنہٕ اوس زلُرٕ ڈنٛڈٕ ٹاسچہٕ آوازِ ستی کھرٛ کہٕ تھوٗ دگومُت وٕ تتھ تہٕ زالَس آسہٕ کێنہ لرٛزھێتھ آمٕژ تَس آو پانَس پیٹھ سخ عار۔۔ "یہٕ گیہٕ شاپہٕ لد زِندگی ،نہٕ چھُم أندرٕ تارسوران تہٕ نہٕ گوم ازتام زانُہہ زالے مُکمل ۔ اَتھ کیاہ کرٕہ ہوش تہٕ بہٕ کَتھ کرٕ خبرگیرٕی؟"

شب گردٕ سِندٕ ہن قدمَن ہنٛز تہٕ أتھی ستی ڈنٛڈٕ چ 'ٹھِک ٹھِک' آواز وأ ژمیأ نس برٛس نخہٕ سبٹھا نخہٕ تہٕ بہٕ پرٛاریاس زِوٗنی کٔڑِیہٕ میأنس درواز س تہٕ زٕ ترٛیہ (۲،۳) ٹاس تہٕ ستی دِیہٕ کڑبکھ ہوش خبردار ! مگر تہٕ سِپُدٕ نہٕ کێنٛہہ ،سہٕ دژاو سیۆدُے ،شاید یہِ زأنِتھ زِ بہٕ چھُس ہُشارٕ ے نتہٕ یہِ زأنِتھ زِ میٔون ہُشار آسُن نہٕ آسُن ہشی کتھا۔

اَمہٕ پتہٕ گیہٕ ڈنٛڈٕ چ کیٛو قدمَن ہنٛز آواز رَسہٕ رَسہٕ دوٗر ۔۔۔ واریاہ دوٗرے یہِ تہٕ أخرس گیہٕ غأب ۔۔۔ موتہٕ ہش ژھوپہٕ گیہٕ ۔۔۔شاید اوس

أغرس رأژشاہ ژھنیونمت ۔

---پتہٕ کھوٚت ہری یہِ ،سأرے أسی تیار، سأرِی وأتی پننہِ پننہِ کرمہٕ

بھومی (مأدانہِ عملس) منز، پٔننی پٔننی سبیل ہتھ---تہٕ مےٚ تہِ لیٚو کھژھر ٹھدِ ہتھ

بٔنیہِ شامَس---

بأزی گرَن ہأوی ڈابرِ ٹاساوأ ہتھ دوٚہچ أخری کھیل---

بچ دِژ دوٚہچ أخری ٹوپھ---

گوٗلی کھبنہٕ وألی کھبیہِ دوٚہچ أخری گوٗلی

زٔلرِی دُیٚت زألس دُہک أخری وارتہٕ أتھی ستی لوٗس أزی یک ہری

یہِ تہِ-----پتہٕ آیہِ راتھ----

---------

# اشرف المخلوٗقات

یہِ اُس بٔستی مَنز گوڈنچ لٹھ ییلہِ یژھ ٹاسہِ رائے سپز اِ موکھ تورنہٕ کأنسہِ فِکرِ زِ اَتھ پتھ چھا خوش گژھُن کِنہٕ ناراض، جٔشن چھا کرُن کِنہٕ ماتمی جلوس کڈٕنی ـــــ سأری روٗدی پننہِ پننہِ جایہِ پژاران تہٕ تا ایس دَم چھِ پژارانے، حدِ کمال کوٚر بٔستی والیو یہِ زِ مولوم کوٚرُکھ، یُس ٹاسہٕ رارایہِ بُزی گوسہٕ کُسند اوس تہٕ کٔمِس واتہِ ہے کیاہ، یمِس کینٛہہ واتہِ ہے سہٕ گو ماتَم پُرسیہِ، تیمِس نہٕ کینٛہہ واتھے تمی گرتھرِ موٗٹھا تہٕ شکرُ کوٚرُن چونٛٹھ ہیوٚر کُن گرِتھ زِ اُسی تہٕ سأنی بچأری رٔچھی تھکھ'' امہِ ساتہٕ باسیو سارنے سہٕ سمجھدار تیمی سبٹھا بڑ وٕنہہ پأنس أندی أندی گوژ وٕنتھ بٔستی ہتی گٔٹ اُس ژٕٹمٕژ، مگر تمہِ ساتہٕ اوس سارِ بٔستی تھٕبن ''اَے'' کوٚرمُت تہٕ ''لٔٹ'' ''لٔٹ'' گرِتھ پھوتہِ تلٕی متی ـــــ

کرِ ہاپہٕ تہِ یی مگر مے چھُ گاش تہٕ وُشنیر دوٚشوٚے خوش کران تہٕ یم دوٚشوٚے وصف چھِ صرِف تاپس ـــــ کھٕلہٕ تاپس یُس نہٕ گوژِ منٛز ممکِن چھُ،

عأب اَے تاپَس چھُ تہٕ صرِف یہِ زِسأری ہسے چھُ ننہٕ کران ، زخم ، چأکی ، آکھ ،
داغ مکٕر یار ، سوٗرے پھُٹوٗن کڈان۔

ٹاسہٕ رایہِ ہُنٛد دِ ہہ ہمباو ، خلکھ آیہِ پننین خبَر ہیتھ واپَس زِأتھی ہستی گیہِ
گتھ شروع :

"یہِ ہسأگیہِ وولہٕ ہٕرِش !"

"گوناہہٕ ییلہِ زیادٕ گژھَن تیلہِ چھُ یی سَپدان"

"مُرن چھُ نہٕ یادٕ ے کأنٛسہِ

أخرزمانہٕ ہایارِ تہٕ بیٛہِ کیاہ !"

بُستی ہٕنٛدی پرٛتھ نفرن وۄن زَن ضأبطہٕ مُطأبِق ، اَمہٕ قسمُک اَکھ اَکھ
جُملہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ سَپُد تی یہ پرٛتھ دۄہہٕ سَپدان اوس ۔ مےٚ اوس پرٛتھ
دۄہکی پأٹھی پنٕن یار کأنی اَمہِ وِزِ تہٕ ہستی ، میٛون لب خنٛدٕ وُچھتھے وۄتھ سہ ژٕرِنہٕ
سان ۔۔۔"چأنی کٔنی چھِ یِم سأری بےٚ عقل" ۔۔۔ تَس اوس خبَر کیا زِ خوف زِ
موت چھُم پَد بن تل ۔ مےٚ وُنُس تتھے پأٹھی اَسِنٕی کٔرِتھ "تہٕ چأنی کٔنی چھِ یِم
سأرِے گاٹلی ۔۔۔!" مےٚ تہِ اوس احساس زِ موت چھُم پَدٕبن تل !!
"توٗتہِ چھِ کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ ونان ۔۔۔ سوچان" تِمی وۄن تِمہِ تأجلی سان

زَن میانہِ ''کیٚنہہ نتہٕ کیٚنہہ'' وننہٕ ستی تَسُند موت پَد بوتلہٕ نیرِتھ بالوٗ پٮ۪تی کنی ژھال دِتھ غآب گژھِ ہے۔

''اَکھ کتھ ہاونٕے'' وَنان وَنان گُرمےٚ یارٕ کأنٛیس نَرِ تھپھ تہٕ نیوٗم اَند گُن۔۔ ''ژےٚ چھیہِ پتہٕ بُستی والین چھےٚ نہٕ وُنہِ تہٕ خبر زِ اَسہِ چھا اَتھ پٮ۪ٹھ خوش گژھن کِنہٕ ناراض!''

''کتھ پٮ۪ٹھ؟'' تَمی پرٕ ژھ پننہِ بلہٕ اُچھ نکراوِتھ۔

''اَتھی ہاٹاسہٕ رایہِ پٮ۪ٹھ''

''ژےٚ وَن''

''بہٕ کیاہ وَنےٚ خوشی تہٕ غَم چھِ دِلکہِ ژیٚننہٕ آسان، میانہِ وننہٕ یانہٕ وننہٕ پٮ۪یہِ نہٕ کانٛہہ فرِق''

کتھ بوٗزِتھ گوسہٕ ہنا قایِل مگر یہِ خوف رودُس برقرار زِ موت چھُم پَدبن تل۔۔۔ پزٕر گو یہِ زِمےٚ تہٕ اوس پننہِ جایہِ احساس قایٖم زِ موت چھُم پَدبن تل ''ژےٚ چھیا خبر''۔۔۔ مےٚ وُوٗنُس یورَےٚ زیٖر دِتھ ''سورفن ہُنٛد نسِل کیازِ چھُ وُنہِ تہٕ قایٖم؟''

''کیازِ؟''

''تہٕ کیاز یِیلہِ سورف ختم کرنک سنٛز سپُد ۔ راز یندر راژن دیُت شہمارن ہِنٛدِس شہنشاہ تکھِکس (تکھشک) پننِس سنگھاسنس تل پناہ!''

''سِنگھاسن مطلب؟''

''شاہی تخت، شاہی تختس تل تھوٗون محفوٗظ ۔۔۔!'' ۔۔میون یوٗتے وُنن زِ پدِ تلکی موتن دِژنم بہ یکبار دوشوٗنی زنگن تھپھ تہٕ بہٕ آس ٹاس گرِتھ زمینہِ پیٹھ وُکراونہٕ تہٕ تتھے مےٚ ہوش آو بہٕ اوسُس ژتر گُپت (چتر گُپت) ہنٛدِس دربارس منٛز تس برٛونٛٹھ کنہِ کھڑا تہٕ سہٕ اوس بہی کھاتہٕ کھوٗلتھ اَکھ نظر مےٚ کُن تہٕ اَکھ نظر میأنس کھاتس دِوان ۔۔۔مےٚ توٚر گوڈنچی نظر فِکرِ زِ حالات چھِ نہٕ میانہِ حقہٕ ٹھیک کینٛہہ!

''ژٕ کیاسأ چھُکھ؟'' تٚمی پرٛژھ گو بہِ تہٕ روعب دار آوازِ منٛز۔

''بہٕ جناب چھُس بُستی ہُنٛد تہٕ مذہب چھُم ۔۔۔۔۔''

''ژٕ ے دوٚپُے نہٕ مےٚ کولاولیٚ ؤنٛی، یِیتہِ چھِ ساٲرے مذہب ہیٚوی ۔اَسہِ نِش چھُکھ ژٕ محض اَکھ نمبر، اَکھ اَنک، اَکھ ہندسہٕ توٚ ریہِ فِکرِ'' تٚمی وٚون ہنا سختی سان تہٕ مےٚ کوٚر کلہٕ نوٚمراوِتھ پننہِ غلطی ہُنٛد اِقرار۔

''جناب مےٚ توٚرنہٕ تیلہِ تُھند سوال فِکرِ!''

''اَسہِ پرٛژھوٗوے ژٕ کران کیاہ چھُکھ، چھُکھ کیا؟''

''جِناب افسانہٕ لیکھان، ڈرامہ تہِ لیکھان، کِتابہ تہِ ----''

''بَس بَس توٗ راَسہِ فِکرِ زیادٕ زیٹھر اونٛچ چھےٚ نہٕ کانٛہہ ضرُورت''

''بہتر جناب، آینٛدٕ تھَوٕ اَمیک خیال''

''یہِ چھُکھٕ پانٔے لیکھان کِنہٕ اورٕ یورٕ نقل وکل کُرِتھ تہِ ---''

''نہَ جِناب سہ کُس تخلیقی عمَل گوٚیُس نہٕ پانٕہ ژٕ پنٛتھ، محسوٗس کُرِتھ بھاونہٕ پیٛہِ''

''ہنٛم: گو نا اَہنکار!'' تمہِ وۄن بامعنی اَند ازٕ تہٕ تَس دٕ چھِنیٚ کنٛہ بہِتھ اُکی کارِندَن لیٛو کھ کیاہ تام پنٛنہٕ بہی پیٹھ۔

''اہنکار جِناب کیاہ، مےٚ زَن توٗ رنہٕ فِکری؟'' مےٚ پرٛژھُس کھوٗژی کھوٗژی''

''اہنکار گو گھمنٛڈ، غرُور، کِبر، اہنکار زِبہٕ یہِ لیکھِ تہِ لیکھِ پنٛنی سوچہٕ''

''مگر جِناب ساٲرے چھِ -----'' مےٚ ہیٚژ ایہِ صفاٲیی پیش کرٕنی مگر مےٚ دٕ چھِنیٚ کھوہوری یِم زٕ ۲ کارَنٛدٕ کھڑا اٲسی تِموٚ دوشوٕی تھووٕ مےٚ پنٛنہِ پنٛنہِ پاسہٕ پھیکِمن پیٹھ تِتھٕ پأٹھی اتھِ زِمےٚ توٗ رپانٔے فِکرِ زِ وضاحت چھےٚ نہٕ کرٕنی۔

"یہِ کیاہ زِ چھُکھ شکھرِ ہ لاگتھ آمُت ، ژےٚ اۍ ہے ناخبر گژھُن کوٚت چھم؟"

"جناب بالکل اۍسم نہٕ پتاہ، تہٕ گرِتھ ہرگاہ پتاہ آسہَم تہٕ بہٕ یمہٕ ہاتوتہٕ یِی لاگتھ"

"کیاہ زِ؟"

"تِکیازِ یہِ چھُ میوٚن بہترین ڈژبس ، یہے لاگتھ چھُس بہٕ کمَن کمَن دعوتَن تہٕ مجلسَن گژھان "

"گوناشِکسلدی!!"

تَس دۍچھِنہِ طرفکی کارندَن لیوٗکھ ییٚہِ کیاہتام پننہِ بہی پیٹھ ، تہٕ مےٚ گر ہستی ییٚہِ پننہِ کنہِ وضاحت کرنچ کوشش ۔"جناب توٚہہِ اَے خبرِ ے چھےٚ اَتھ سائنس کارَس چھُ نہٕ تیوٗت پھیرِ ،افسانہٕ ،ڈژامایاسِکرین پلے۔"

"تہٕ مجبوٗری کیاہ اۍس یہِ شِکسلد کارکرُن" تَمی ووٚن منزٕ ے میأنی گتھ ژٕٹتھ۔

"اِدِ کیاہ چرسہٕ کارِ بار گوژھا کرُن زِ" مےٚ ووٚنس ہناہ تعشس ہیتھ۔ تمی گراکھ نظرِ مےٚ گُن اَکھ دۍچھنہِ طرفہٕ ہنِس کارندَس گُن ،پتہٕ ووٚتھ بڈٕ گھمبیر آوازِ

منز۔۔۔ "ہنٛم گونا بُتھی پھیٚور!" ۔۔۔کارندن لیٚو کھ بیٚیہ پننہٕ ہُی پیٹھ کیاہتام۔

مےٚ ژِٹر پننہٕ جایہِ زِ کیاہتام اَتُر گو، پننہٕ وجوٗدِ چ تمام حلیمی آوازِ منز اُنتھ

کُرمےٚ کتھِ پھُٹھ کڈنٕچ کوٗشش ۔۔ "حضرت زندگی چھےٚ اِنسانَس اکہِ لٹہِ

میلان، یہِ دبارن پیٹھ ضایعہٕ کرٕنی یا ضمیر کروی تھاوِتھ صرف عائشہِ خاطر

نامناسِب، غیر قونوٗنی یا غار اِخلاقی کارکرِتھ یہِ شاپہٕ لدتہٕ داغدار بناونہٕ کھوتہٕ چھُ

ناجان کیٚنہہ رُت پتھ کُن ترٛاوِتھ گرٛھن، کیٚنہہ مولُل، کیٚنہہ تیٚتھ یِیمہِ ستی

زندگی وبستار لَبہِ؟"

گتھ بوٗزِتھ دیُت تٔمی بیٚیہ دَم ہیٚوٚ تہٕ پتہٕ وٚونن زَن پانسے ستی ۔۔ "گونا

کأکی!" اَمہِ پتہٕ دِژن کارندَس کُن نظر، بڑ نِژس کھنڈَس روٗز مُکمل خاموشی تہٕ

پتہٕ وٚوتھ کارندٕ اعلان کرٕنکہِ اِنداز ہی کُن وُچھِتھ میٚون اَزل نامہٕ پرنہٕ۔۔۔۔"

گونہَن ہُند خانہٕ خأ لی۔۔۔ ثوابَن ہُند خانہٕ تہٕ خأ لی۔۔۔اہنکار، کِبر، شکسلدی

، بُتھی پھیٚو رتہٕ کأکی" ۔۔۔۔اعلان کُرِتھ بیٚوٹھ سہ ُ پتھر ۔۔۔۔اَمہِ پتہٕ روٗز

بڑ نِژِس کھنڈَس ژھوپہٕ، بالکل ژھوپہٕ ۔۔۔۔۔مےٚ ہیٚوٚتُن زَن تہٕ تمہٕ لدٕ سٔندی

پأٹھی چھاتہِ پیٹھ بار ہرُن تہٕ اَتھی منز وٚوتھ سہ ُ (ژٹر گُپت) پانہٕ ۔۔۔۔"ہنٛم،

نہٕ گوناہ کوٗرمت نہٕ ثواب، پیٹھٕ اہنکار، کِبر، شکسلدی، بُتھی پھیٚو رپیٹھ کأکی تہٕ

۔۔۔یہ کتھ سَنالگہِ ییٚتہِ۔۔۔واپس دِیوٗن یوٗن دأرِتھ!"

تسُند وۄنُنے یوٗت زِ یہٕ آس یوٗن وُرکاوۄنہٕ۔۔۔دَیہِ سٕنز دَیہِ گتھ، یہٕ وۄتھُس دشِکھر، دِنان دِنان تھوٚد زِیرٕ وۄنٹھہٕ گنہِ وُچھُم یارِکأنی، بِلہٕ أچھوٚ مےٚ گُن وُچھان۔

"ژٕ کتھاپأٹھی؟"تمی پرٕژھ حأرأنی سان۔

"یہٕ نالوٚگُس تمَن تتہِ، واپَس دُیتہَس دأرِتھ"مےٚ ۆوٗنُس ژھوٚٹرِتھ ہٕژرٕ سان۔

"تہٕ ہاگوٚ ٹھیک، مگر یوٚرکوٚت؟"تمی کوٚر بیٚیہ سوال۔

"پننہِ بستی منٛز ہاتہ بیٚیہ کوٚت"

"ہتاژ کران کرٕژہٕ گتھ چھکھ، ژےٚ ہا چھی أزٕ دٕہم(10) دوٚہہ!"

"أسہِ نوٗ پتہٕ کیاہ گوٚ"۔۔۔مےٚ کرییہ ژٕٹونی۔۔۔مگر تمی تأرمےٚ معالجہٕ سٕنٛجیٕ گی فِکرِی۔۔۔

"ژٕ ما چھکھ پاگل، دوٚہے أزچھے ژےٚ دٕہم دوٚہہ، وُنی وُنی کوٚرُے أسہِ ماتمی قراردادتہِ پاس، یہٕ چھُس تورَے پکان، ہتہٕ سأپٕژھ نےٚ تیٚی یہِ چھے تمِچ کاپی۔اَکھ کاپی سوٗزٕ ےپرٕبسَس، اَکھ ریڈیو والین، اَکھ ٹیلی ویژنس، یہِ

چھےٚ ریکارڈ خاطرٕ آفِس کاپی!''

''تیلہِ؟'' مےٚ پرٛژھُس ہٮ۪رٕ سان۔

''وُچھو'' سہ لوٗگ مےٚ سمجھاونہِ۔۔۔'' یہِ گژھہِ ناووٕنی ہیڈٕنی لایکھ کتھا ، ماتمی قرارداد آسہِ نشر تہِ گومُت ، شام تام نیرِ اخبارَن تہِ ، گھرٕ کرِ تہِ موکلےیِ دٔہم دوٚہہ گرِتھ ، دانشورَو کیوٚ سیأسی 'نفرو' کوٚر ہےٚ خراجِ عقیدت تہِ پیش ۔۔۔ ژٕ سوچ پانَے۔۔۔''

یہٕ گوس تَسنٛزٕ وکتھو ہٮ۪تی نیم خام قأیل ، پوٚزٕ ے اوس ، ماتمی قرارداد اوس پاس گومُت ، سہٕ اوس نشر تہِ گومُت ، شایعہ تہِ سپُد مُت۔۔۔'' یہٕ ما ونہٕ ہا تو تہِ مزید کینٛہہ زِ سہٕ ووٚتھ پیٹھٕ۔۔۔'' اشرف المخلوٗقات ہا چھُکھ ، چارٕ ووے چھُکھ نہ کینٛہہ ، مِثال تژٕ اوٕ پتھ کُن۔''

'' اشرف المخلوٗقات چھُس ، یہِ بوٗزِتھ زَن منٛدٕ چھاس یہٕ مزید اِسرار کرنس ، ییٚہِ سوٚچُم یہِ تہِ زِ ییٚتہِ روٗزِتھ چھُ نہٕ لاس تہِ کینٛہہ لبُن ۔ گتھ ڈألِتھ پرٛژھمس ''بُستی والِس تو رافکرِ زِ اَسہِ چھا اتھ ٹاسہٕ رایہِ پیٹھ خوش گژھُن کِنہٕ ناراض ، جشن مناوُن کِنہٕ ماتَم؟''

''چأنی درٛژی ہا بلکل اَے کینٛہہ تہِ۔۔۔ یہٕ چھُس پانہٕ تہِ راوان''

ونان ونانے زَن گوس یکدَم احساس زِموت چھُم پد بن تل ۔۔۔اَمہِ بڑ وۄنہہ زِ ''یُتھ سہٕ نیرِ ہے پۅ۪ت پھیرِتھ بُستی کُن، مےٚ وۄنُس پرأنی پأٹھی لَب خندٕ کٔرِتھ ناراض یندرازٕ تہٕ تکھبکھٕ (تکھشکھ) سٟتۍ دلیل کأنسہِ نِش پھرَ کھ''

''کیٲزِ''

''تہِ کیٲزِ یہِ باوُن گوموتَس یورَے نادَس گژھُن''۔۔۔گٔتھ بۄزِتھ دیُت تٔمی بڑ نزِس کھنڈَس ژبتھ، بلہٕ اُچھ نکراوِبن تہٕ ہیرِ بون نظراہ کٔرِتھ دژ اوسہٕ کیٚنٛہہ وننہٕ بغأرِے تیز تیز قدمَو بُستی کُن ۔۔۔تہٕ بہٕ تہِ دژاس پۅ۪ت پھیرِتھ بُستی نبر پننہِ خأطرِ سو جاے ژھانڈنہِ یێتہِ واریاہ گاش آسہِ تہٕ تاپھ صرف وُشُن آسہِ، ماجہِ ہنزِ کوچھِ ہیٚو۔۔۔!

خبر آسیا تژھ کانہہ جائے؟

---

# تحریر

یٚیمہٕ بُستی ہٕنٛز بہٕ گَتھ چھُس کرَان ،یہِ چھےٚ سرکأری بُستی ،اِمو کھٕ چھُ یہِ تہِ لأزمی ہیٚوٗ زِسأرِی مکانہٕ آسَن اَکی اَنہٕ مانہٕ ہٕوی ! ہرگاہ یہِ تہِ وَنو زِ سرکأری بُستی ہٕنٛز شِناختےٚ چھےٚ ،اَمہٕ کِنہٕ مکانَن ہُنٛد یکسان آسُن تہِ کیٛنٛہہ غلط گتھا آسہِ نہٕ ۔پزَرگو یہِ زِمےٚ چھُ اَوَے یِژھَن بُستیَن منٛز روزُن خوش کران زِپننہِ وجوٗدِچ اِنفرأدِیت چھےٚ بُستی ہٕنٛدِس یکسان مکرِس میٛژِ رنٛگَس منٛز تحلیل سَپدِتھ میانہِ بہٕ چھُس' آسنٛک بارہلکہٕ کران تہٕ پہچان چھےٚ محض کیٛنٛہہ حرَف تہٕ ہِنٛدسہٕ روزان: بُلاک ڈی۔بی ۱۰۲۔یُس مےٚ بروٗنٹھ بُستی ہٕنٛدِس یَتھ کمرَس منٛز 'آباد' اوس ، تَسٕنٛز شِناخت تہِ اُس یہے .Block- D / B - 102

مےٚ گُر بار ہا کوٗشِش زِمیٲنِس تصوٗرَس منٛز گوٗژھ تَس نفرٕ سٕنٛد خاکہٕ یُن یُس مےٚ برٛ ونٛتھ بُستی ہِنٛدِس یَتھ کمرَس منٛز روزان اوس تہٕ یَسٕنٛد بہٕ وونی جانشین چھُس۔ یُس میانہٕ خاطرٕ یہٕ کمرٕ خٲلی گٔرِتھ دژ امُت اوس، سہٕ ما آسہٕ پننی سارِی دوکھ سوکھ یَتھ ڈِی۔ بی بُلاک کمرَس منٛز وتر اٚوِتھ دژ امُت؟ یَتھ محدوٗد، موختصر کمرَس منٛز کتہٕ ہیکِن اٚکِس عام اِنسانہٕ ہٕنٛدی تمام دوکھ سوکھ وپٕتھ! دوکھَن سوکھَن ہُنٛد فہرِست ماہیکہٕ یوٗت موختصر اٚستھ، کِنہٕ شِناخت مکٔرِس میٛژ رٔنگَس منٛز تحلیل سَپدنہٕ پتہٕ چھُ دوکھس سوکھس مانہٕ راوان! بہٕ اوسُس یہٕ سوچانٕے زِبیکبار گییہٕ اٚندرَرے نارٕ وُزملہٕ تہٕ محدوٗد موختصر کمرٕ چھِن لَبَن پیٹھ سَپدی تحریرَن ہِنٛدی دٕدِمتی سوٗرٕ جنگل نموٗدار۔۔۔!

سہٕ اوس شاید کمرٕ میانہٕ خاطرٕ خٲلی کرنہٕ برٛ ونٛتھ دوکھٕ سوکھکی تفصیل ییٚتی سوٗرٕ گرِتھ گومُت۔ ہلکہٕ سَپدِتھ اوس ییٚتہٕ دژ امُت مگر فہرِستٕک یہٕ بھسم تہٕ تحریرَن ہُنٛد یہٕ شیشہٕ ژٕن اوس سہٕ پننہٕ نِس جانشینہٕ ہٕنٛدِ خاطرٕ پَتھ کُن ترٛاٚوِتھ گومُت تہٕ یہٕ وراثت قبوٗل کرنہٕ نِشہٕ اِنکار کرِنٕچ اٚس کُنی وَتھ موکٕج تہٕ سہٕ گوٚ کاٚنسہٕ کیٛنہہ وننہٕ بغٲرٕ لوٗتہٕ پاٚٹھی ییٚمہٕ یک رٔنگی سرکاری بُستی منٛزٕ نیرٕن۔

تہٕ مےٚ کوٚر فاصلہٕ زانہٕ گٹہٕ گژھوٗنُے ترٛاون یہٕ مکٔرمیٛژ رنٛگہٕ بُستی۔

بہ ہکہٕ نہٕ یہِ وراثت قبوٗل کٔرِتھ!

"ژٕ ہکلکھ نہٕ اَسہِ تزٕ اُوِتھ گژھِتھ ا" اچانک زَن گوٚ تحریٚرن ہٕنٛدِ بھسمہٕ جنگلہٕ منٛزٕ کُس تام تحریٚر بیدار۔

"کیٛاز؟ بہٕ کیٛازِ ہکہٕ نہٕ گژھِتھ؟" مےٚ زَن کوٚر اَنٛدرِی سوال۔

"تِکیٛازِ چوٚن لوٗن چاپٔنی وراثت چھےٚ یہَے" بیٚیہِ گیہِ کُس تام تحریٚر بیدار

"بالکل نہٕ مےٚ چھُ نہٕ توہہِ ستی کانٛہہ تعلق۔ بہٕ اوٚسُس صِرف یِیمہِ بُستی ہٕنٛز یکسانیت وُچھِتھ آمُت" مےٚ کٔر دلیل پیش۔

"بالکل اَپُز ژٕ اوسُکھ یِتھ مکرِ میٚژِ رٔنگی بُستی منٛز پننی شناخت کھٹنہِ آمُت --- گُمنام کرنہِ آمُت۔ تِکیٛازِ یہِ چھےٚ چانہِ خاطرِ بوٚڈ عذاب تہٕ یہِ کاپہٕ رٹنگ توانگر چھےٚ نہٕ ژےٚ۔ ژٕ اوسُکھ آمُت یِتھ مکرِ میٚژِ رٔنگی بُستی ہٕنٛدِس اَنہِ گٹس منٛز یہِ دفن کرنہِ۔"

اَمہِ پتہٕ سپُد تحریٚرن ہُنٛد یہِ سوٗرٕ جنگل بیٚیہِ بےٚ جان تہٕ بہٕ بیوٗٹھُس کٔرِ چہِ سپکہٕ دارِ منٛزی ٹلی خبر کیٛاہ ژھانٛڈ نہِ: دوٚپہر چہِ گرمہٕ کرٛایہِ منٛزٕ اُس سُنسان سڑک زیادَے خاموش باسان، بُتھِ سڑکہِ پیٹھ اوس اَکھ ہوٗن بجلی کھٔمبہِ چہِ ژھایہِ تل شوٗنگنچ کوٗشِش کران مگر کھٔمبکہِ سایہِ اوس تیٚوٗت محدوٗد زِ ژٕ متھ

روزنہٕ باوجوٗ دتہٕ اوس ہوٗن نصفہٕ کھوتہٕ زیادٕ تاپہٕ ژٔنجہٕ تلے روزان، تنگ ییتھ
وٚتھ ہوٗن تھوٚ دتہٕ ژاو کھہو رِطرفہٕ کوچہٕ گلہٕ منٛزی، شاید اُس تَس کوسہٕ تام سہٕ
جاے یاد پیمٕژ ییتہٕ نَس سہٕ ژھایہٕ منٛز بِہتھ ڈاپھ ہیکہٕ تژ اُوتھ، بہٕ تہٕ ہیوٗٹھُس
اَنٛدٕری اَنٛدٕری کانٛہہ تژھ جاے ژھانڈنہٕ ییتہٕ نہٕ پہچان برقرار تھاوُنک عذاب
آسہٕ تہٕ نہٕ وراثژ منٛز ژھیہٕ آمژ ن تحریرن ہنٛدِ شیشہٕ ژٔنہٕ ستی چھوٚ کہٕ لد گژھنُک
خدشہٕ آسہٕ، مگر وار یاہ ژھاٗنڈی دِنہٕ پتہٕ تہٕ پیٚیہٕ نہٕ تژھ کانٛہہ جائے یاد۔ بے داَر
ہیوٗ گژھتھ آس بہٕ دارِ پیٹھٕ واپس تہٕ بالکل تتھے پاٗٹھی لوٚگُس تحریرٕ کھٔنجن نِشہٕ پان
بچاونچ کوٗشِش کرنہٕ ییتھٕ پاٗٹھی وُنی ہوٗن تاپہٕ نِشہٕ بچنہٕ خاطرٕ کران اوس۔
بَس فرِق اُس صرِف یہٕ زِ تَس اوس تنگ کوچس منٛز کُس تام
سایہٕ دار کوٗن اَتھِ لوٚگُمت تہٕ میاٗنس عالمس منٛز اوس نہٕ یُتھ کانٛہہ کوٗن ییتہٕ نَس
بہٕ صرِف پانَس ستی زندٕ ہکہٕ روٗزِتھ!
ییلہٕ بہٕ تنگ ییتھ دوٚ بارٕ سیکہٕ دارِ نِش گوس، تاپھ اوس ڈوٚلمُت تہٕ ژھایہٕ
آسَن زیٚچھِ ہرٕژ مژٕ گژھنہٕ۔ ووٚنی اوس تاپُک تژر تہٕ ہنا ہمیاٗمُت، خبر کیاز زِ
یوژھ مے زِ ہوٗن گوژھ تنگ کوچہٕ منٛزٕ نیرِتھ بجلی کوٗٹس تل ڈاپھ تژ اوٗن، ووٚنی
پیٚیہٕ ہے نہٕ تَس بجلی کوٗٹچہٕ ژھایہٕ تل ژٕ متھ روزنچ کوٗشِش کرِنی، بہٕ پرار یاس

واریاہَس کالَس زِسہٕ پیہِ مگرُ واریاہَس کالَس ، پڑ ارنہٕ پتہٕ تہٕ ییلہِ سہٕ آونہٕ بہٕ بیٛوٗٹھُس ئلی پٹٕن پان گانگلہِ کرنہٕ خاطرٕ بجلی کوٗٹی چِھن ہایی ٹینشن (High Tension) تارَن ہٕنزَن ژھایَن ئستی ئستی نظرٕ ن واش ہیوٗ کڈنہِ مگر أ کِس نوٗقتس پیٹھ وأنتھ گییہِ مےٚ نظرٕ زَن وَئِسی : ژھایہِ ہُند آ کارُو چھتھے تورمےٚ فِکرٕ زِ تارَن منٛز کیٛاہ آسہِ ہیٚنہٕ آمُت ۔۔۔ مےٚ گٔر کوٗشش زِ بہٕ ہٹاوٕ اَتہٕ پیٹھٕ نظرٕ مگر تہٕ ہیوٚک نہٕ سَپدِتھ ، گُس تام اَزأنی ، گُس تام بےٚ ناو رِشتہٕ ہیوٗ زَن اوس زِنظرٕ گییہِ أتھی ژھایہِ پیٹھ روٗٹہٕ : بڈٕ ہمَتھ کٔرِتھ تُجہِ مےٚ نظرٕ ہیوٗر تارَن ہٕندِس اَتھ جمگٹس گُن ، ہیٚرٕ اُس ہایی ٹینشن تارَن ہٕندِس جوڈَس پیٹھ اَکھ کُٔتج ۔۔۔ موردٕ کُٔتج وُلٹہٕ اویزان ، ہٕکھر یمٕژ ۔۔۔ بالکل بےٚ جان ، شاید اُس گلی لَنڈ زأنتھ ہایی ٹینشن تارِ ہٕندِس جوڈَس پیٹھ بیٹھ مٕژ ۔۔۔ نتہٕ ما آسہِ ہس کانٛہہ پأز پتہٕ ، تِسٕندی ہِیمہٕ اُس پان کھٹنہِ اَتھ جایہِ آمٕژ ۔۔۔ پٔنٕنی پہچان ژوٗرِ تھاونہِ ۔

خبرٕ کِتِس کالَس روٗدُس بہٕ أمِس وُلٹہٕ اویزان ہٕکھر یمٕژ کُٔتجہِ وُچھان ۔۔۔ أتھی منٛز باسیوٗ مےٚ زَن میٛانہِ علاوٕ تہٕ ییہِ کانٛہہ چھُ یُس أمِس وُچھان چھُ ۔ مےٚ دِژ بون گُن نظرٕ ، بوٗنہٕ سڑکہِ پیٹھ اوس سوٗی ہوٗن تنگ کوچہٕ منٛزٕ نیرِتھ بڑ مےٚ مژ ونظرٕ ومُدَے گٔنڈِتھ موٗمژ اویزان کُٔتجہِ وُچھان ، مَتھ گوم دارِ ہٕندی سیکھ

پھُٹر اُوِتھ نیرِ گُنِے ووٹہٕ تہٕ ہوٚن ژٕھنَن بُستی منٛزٕ نبر کڈٕتھ مگر دوٚیم خیال آمٕ ستی
خبر ہوٚن تہٕ کٔتیٚ ماچھِ اَکھ اَکی ہٕنٛدِ وراثٕنکی حصہٕ در؟ ـــــ ترٛیم تہٕ اَخری
احساس اوس یہِ زِ شاید چھےٚ یکسان مکانَن ہنٛزِ ـ یَتھ مکرِ میرٛ رنگہٕ بُستی منٛز دار بن
جیلکی پأٹھی سیکھِ لأزمی ـ یُتھ آوارِ ہوٚنی سیکو منٛزی صرِف وُچھِتھ ہکَن پوٚ زلاشہِ تام
ہکَن نہٕ وأتِتھ ـــ!

اَمہِ پتہٕ کوٚڈ ژھایو کاڈ، وار ہاہ پھہلیِہ، یوٚت تام رَسہٕ رَسہٕ سورٕ ے
اوند پوٚک ژھاین ہنٛدِس سمندرَس منٛز غأب گو ہائی ٹینشن تارِ پیٹھ اویزان کٔتیٚ
تہِ آوارِ ہوٚن تہِ تہٕ بُستی ہنٛز یکسأنیت تہِ، اَمیُک مکری میرٛ رنگ تہٕ میأنی ذات،
سورٕ ے ـــ سورٕ ے پھوٚٹ بالکل بےٚ آواز ژھاین ہنٛدِس اَتھ سمندرَس
منٛز!

رأ ژھُنڈ کرٕ ہنبرِ گو واریاہ گوٚن ـ بہٕ ووتھُس وارِ وارِ بےٚ صدا تھوٚد تہٕ
دارِ نیبری دِ ژٕم نظر، بہٕ اوسُس تسلا کرُن یژھان زِ ووٚنی چھُ نہٕ ہوٚن اَتِہ ـــ
سہٕ اوسہٕ رِکنہٕ نہٕ مےٚ ہیوٚک نہٕ اَنہِ گٔٹس منٛز وارِ پأٹھی وُچھِتھ ـ

بہٕ پھیوٚرُس پوٚت تہٕ فأصلہٕ گُن اندازَس منٛز تٔجم دارِ پیٹھ گُنِے لاپنٛھ تہٕ
ووٚتُس درواز َس نکھٕ تہٕ دوٚیمہِ لاپنٛھِ دژاس کمرٕ منٛزٕ نیبر مگر یہِ کرنہٕ وِزِ خبر کمن

تحریرَن ہُنٛد چوٚر گومےٚ پَد بَن پزٕہ پار گرِتھ، پوٚز بہٕ دژاس رفتارٕ سان کمہٕ پیٹھہ بڑاندَس تہٕ اَتہِ پیٹھہٕ سڑکہِ پیٹھ ۔بٔستی تژاُوم پَتھ تہٕ انہِ گٔتس منٛز دژاس سبٹھا دوٗر، پنٕنی کَنی بالکل محفوٗظ ۔۔۔۔۔پوٚز اَتھ احساسَس ستی باسیوٚ وےٚ زَنٛ کُس تام آسیکی پاٹھی میٔے پتہٕ پتہٕ پکان چھُ ۔بہٕ پھیوٚرُس ہکہٕ پوٚت ۔۔یہٕ اوس سُے آوارٕ ہوٗن، میانٮ۪ن زخمی کھوٚرَن ہُنٛد خون وتہٕ وتہٕ لوان مےٚ پتے، سہٕ بیوٚٹھ مےٚ تتھے پاٹھی وُچھنہِ ہتھٕ پاٹھی سہٕ مورِ دٕ گتجہِ وُچھان اوس، بڑٕ میٖرٕ وبوچھہِ ۂرہِ نظرٕ! ووٚنی اَس نہٕ تَس تہٕ مےٚ درمیان سیکہٕ داٗرتہِ ٹھٔرِس، تہٕ مکرِ میٖرٕ رَنگہٕ یکسان مکانہٕ واٗجنی بٔستی تہِ اَس سبٹھا دوٗر گاٗمژ!

----------

# پلیٹ فارمہٕ یپارِ پٔتھ

پلیٹ فارم اوس خأ لی۔ اَکھ ٹرین اُس خبر گر دژ اہٕ ژ تہٕ بیا کھ اُس وُنہِ
پلیٹ فارمَس پتھ لگنے ، یہٕ وُ چھ مےٚ دوٗ رِ دوٗ ری ، جنگلہٕ یپارِ پٔتھے ۔ ٹِکٹ گھرس
بڑ وٕنہہ کنہٕ تہِ اُس نہٕ زیادٕ بیٖر بارَے کیٚنہ ۔ یاتہٕ اوس لٔوگن گھرٕ موٗ ٹھمت نتہٕ
اُسی تم صُلی یتھ گوڈنچہِ ٹرینہِ منٛز گرتام پٔننہِ پٔننہِ گھرَن وأتی مِتۍ ۔

مےٚ گو نہٕ مُلیٖہہ تہِ افسوٗس زِ اَکھ ٹرین گیمِ مس (miss) بُلکہِ گوس
خوش زِ دوٚیمہِ ٹرینہِ چھُ رَش کم ۔۔۔۔ ٹِکٹ گھرٕچ دأرأس یلِے تہٕ أندرٕ اوس
کھٔٹِتھ کتھ تام جایہِ ٹِکٹ دِنہٕ وول تہِ بہتھ ، ٹِکٹ گھرِ کہِ گدِ منٛزی اُسی صرِف
تٕسنٛدی اَتھٕ زہٕ (۲) بوزنہٕ یِوان ۔ بظأہر اوس نہٕ یمَن اَتھَن منٛز تیٚتھ کیٚنہ تہِ یتھ

غآر موموٗلی وَنہٕ ہو، نہ رنگہٕ کنٛہ تہٕ نہٕ باڈوٕ حسابہٕ، پوٚز خبرٕ مےٚ کیازِ باسوٚ توتہٕ زَن
یمَن اَتھَن کیاہتام سحر چھُ، زَن یم اَتھٕ مرضی یا ضرور تہٕ موٗجب بڑان لوکٹان
آسَن، نَر مان دزٕ اُنٹھان آسَن۔ زَن یمَن اَتھَن بہٕ یک وَقت مسیحا سُند شفاتہٕ
فراعونہٕ سُند داہ اوس۔ مےٚ بٮ۪وٗٹھ یمَن اَتھَن ہُنٛد وٕ ہمہٕ ہیٚوٗ زَن۔ ٹِکٹ گھرَس
تام گرٛھنَس بہر یاس نہٕ، پوٚز ٹرٛینہٕ کھَسنہٕ خاطرٕ اوس ٹِکٹ اَنُن ضروٗری تہٕ ٹِکٹ
اَننہٕ خاطرٕ اوس ٹِکٹ گھرَس تام گرٛھُن ضروٗری، مےٚ ہیٚژ کمال جُرتَس کاٚم۔
چندَس ژھُنٛم اَتھٕ تہٕ پاُنسہٕ رٹٛم موچھِ منٛز۔ کلہٕ تھوٗم بون کُن تہٕ ووتُس ٹِکٹ
گھرَس نِش، مُشکلَن تجمٕر ٹِکٹ گھرِ کس گٕدِس تام تہٕ تِسٕند بن دوٚن اَتھَن نکھِ
واَتِتھ ہرٕٛرم موٗٹھ، زٕیوٚ پھوٗرُم نہٕ کنٛہی، مےٚ باسوٚیہٕ ژیوٚ ہہٕ اَکِس زٔنمس برابر،
پوٚز یہِ سَپدان اوس تہٕ زَن اوس فلیشَن (Flash) منٛز سَپدان، وُزٕ ملَن ہٕژرٕ
رفتارِ مگر تہِ اَستھ تہِ نہ ہُریاو وقتے تہٕ نہٕ چھوٗنیاو سَپدُن (۱)۔ زَن تہٕ وقت تہٕ
سَپدُن، اَکھ اَکی ہٕندِ قالبہٕ کڈنہٕ اَسی آمٕتی۔

تِسٕند بن اَتھَن آیہِ حرکت، اَکھ اَتھٕ گوٗ دوٚیمہِ نِشہِ اَلگ تہٕ واش ہیٚوٗ
کڈِتھ بٮ۪وٗٹھ قرارٕ سان میانِس اَتھَس پیٹھ یتھ منٛز ٹِکٹہٕ ہنٛدی پاُنسہٕ عاٗرٕ تے
عاٗرق گاٚمٕتی اَسی۔ مےٚ باسوٚ زَن مےٚ اَتھَس منٛز دِل تھوٗو کھ: تیٚتھے سرٛیہہ، تیٚتھے

دُب، دُب، تیتھے شہجار، مےٚ کوٗ ونچھ زِیہِ اَتھ گوٚڑہ تا ابد میائِنس اَتھس پیٹھ روزُن۔ مگر تہِ سپُد نہٕ، تمیٚ تُل اَتھ وارٕ وارٕ تھوٚد تہٕ تھوٗون تمی اَنہٕ مانہٕ پننس دوٚیمس اَتھس پیٹھ یمہِ اَنہٕ مانہٕ مےٚ یہِ گوڈٕ وٗچھمُت اوس، ٹِکٹ ہنٛدی پاٗنسہٕ تہِ تُلِن نہٕ تہٕ نہٕ دِژِن ٹکھے۔ یہِ زاٗنتھ زِ ٹکٹہِ خاطرٕ چھِ یم پاٗنسہٕ کم، کوٚڈ مےٚ موٗٹھ وُٹھ اَتھ واپس تہٕ ژھُنم چنٛدس، اورٕ کڈٕم دُہچ ساٗرے اَرزَتھ تہٕ تھوٚم اُمس برٛونہہ کنہِ ۔۔۔۔ پژاریاس زِ یہِ تُلہِ بیٚیہِ دِل ہیٚوٗ اَتھ پنُن تہٕ تھوِ میائِنس اَتھس پیٹھ، مگر تیٚنٛدِس اَتھس گٔیہِ نہٕ حرکت تہِ۔ بہٕ آس چارٕ نہٕ ہیٚوٗ ہستی گنیوم احساس زِ یہٕ چھُس پژاٗری پژاٗری وارِیاہ تھوٚ کمُت، حالانکہِ مےٚ اوس نہٕ تیوٚت کال گومُت آمتس۔ مےٚ ہیٚژ ایہِ تھکنہٕ احساسہٕ ٹکٹ گھرٕ چہٕ ڈٔندرِ ہتی کھون دِنی زِ اُتھی منٛز گٔیہِ اَندرٕ پیٹھ آواز ''ییٚتہِ چھےٚ نہٕ ریزرویشنہٕ (Reservation) بغاٗر ٹِکٹ میلان'' آوازِ ہنٛدِس پژتھ لفظس ستی گٔیہِ تیٚنٛد بن اوٚنگجہِ ہنٛڈ بن (صرف اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بن) تیتھ پاٗٹھی حرکت زَن یہ آواز یموے منٛزٕ نیران اُس، اَمہِ پتہٕ گٔیہِ ژھوپہ، بالکل ژھوپہ، تہٕ ستی گٔیہِ تیٚنٛزن اوٚنگجن ہنٛز حرکت تہِ بنٛد۔ مےٚ تُل تُسنٛد وُنِن یوٚہے حکم ہیٚوٗ ماٗنتھ بنٛڈلہ پیٹھ ریزرویشن فارم (Reservation Form) تہٕ دژاس ٹِکٹ گھرٕ نمبر۔

نیٛبرٕ اوس تاپھ تَمہِ آیہِ زِپٕرتھ کانْہہ ژھاے اُس وُریٛبہٕ باسان، بہٕ آسہٕ ہا مَسا جتکِلَس تام ووتمُت زِسہٕ آومےٚ بڑونٛٹھ کُن تیتھٕ پاُٹھۍ زَن مےٚ پراران اوس ۔سہٕ اوس بُتھِ سیٹھا موموٗلی، موموٗلی یمہِ حِسابہٕ زِ اَتھ بُتھس منٛزٕ اُس نہٕ تتھٕ کانْہہ کتھا یمہِ کَنہِ یہِ وَنہِ ہیکہِ ہےٚ رُوٗ زِتھ، تیتھٕ وۄجوٗ دیُس ژوٗن (۴) ہِنٛدِس جمگٹَس منٛزٕ تہِ رٲوِتھ ہیکہِ، اکثر اِنسان چھِ تیتھۍ آسان اِوموکھ گونہٕ مےٚ تَس وُچھِتھ کانْہہ حاَرَتھ تہِ ۔تٔمۍ پلہِ نووکیٛنہ وِنہٕ بغاٗرِ اَتھِ منٛزٕ ک قلم مےٚ کُن تہٕ مےٚ رۄٹ کیٛنہ وِنہٕ بغاٗرے تَسُنٛد قلم تہٕ بیوٗٹھس فارم بَرنہِ: ناو ''ہردے کول بھارتی''، منٛزِل ''گھرِ'' ---۔فارم بٕرِتھ دیُت مےٚ تَس قلم واپس پۄ زٔمۍ کۄر یہِ وٕنِتھ رٹنہٕ نِشہِ اِنکار زِیہِ چھُ نہٕ تَسُنٛد، مےٚ کٔرتَس یاد پاوٕنٕچ کوٗشِش ۔۔'' توہہِ دیٛتُوٗنا وُنۍ مےٚ یہِ قلَم؟''

''نہَ سأنہَ میوٗن اَے آسہِ ہےٚ تیلہِ رٹہٕ ہأنا بہٕ'' تٔمۍ کٔر ہو جتھ۔

مےٚ کۄرُس بیٛیہِ اِسرار۔''وُچھ سأیہِ چھُ بِالکُل چوٗنۍ قلَم، ژےٚ تہٕ مےٚ بغاٗر چھُ تہِ نہَ کانْہہ اَنٛدی پکٕو''

''نہَ سأ آسہِ نہٕ، مگر یہِ چھُ نہٕ میوٗن قلَم'' ونان ونان پھیوٗرسہٕ پۄت تہٕ گواَنٛدٕ رپلیٹ فارمَس کُن ۔بہٕ رُوٗدُس تَس ربوٗدٕ ہوٗ وُچھان۔

دوٗ رِگیہِ ٹرٚینہٕ ہٮ۪نز چِھ ،شاید أس ٹرٚین پلیٹ فارمَس پٮ۪ٹھ لگن واجینہ ۔

متھ گوم زِ کُنی ووٚٹہِ واتہٕ پلیٹ فارمَس پٮ۪ٹھ ییتھ نہٕ ٹرٚین مَس گژھہم مگر زٔ نگہٕ پچھم

نہٕ ۔ یِتھ قلمَس کیاہ کرٕ؟ یوٚت تام نہٕ یمیک کانٛہہ وأرِث درنیرِ توٚت تام کوٚت

گژھہٕ؟ کانٛسہِ ہُنٛد امانت ہٮ۪تھٕ مادژ اس! یہِ بار ہٮ۪تھ سفر کرُن اوس نامُمکِن ۔ تٔمی

دوٚن اَپُز یہِ قلَم اوس تسُنٛد ہے۔۔۔!!

ٹرٚینہٕ دِژ بیٚیہ چِھ ۔شاید أس نیرٕنک سَنٛز کران ۔۔مےٚ دِژ بامبرِ تھ ذٕ چھنہ

کھوہوری نظر زِ کانٛہہ مانیرِ اَتھ مأ لِکھ مگر سأری أسی مےٚ کُن ژٕلوِنی ژٕلوِنی بےٚ

معانی نظرا دِتھ پلیٹ فارمَس کُن لاران ، سارِنٕے أس کُنی گل ،ٹرٚینہٕ گھسنچ ،

ٹرٚینہٕ دِژ ترٚیم (۳) تہٕ أخری چِھ تہٕ اِنجن دژاو ، چھُک چھُک کران مٔنزلَس کُن ۔

وُچھان وُچھان گومےٚ بازپٕتی ۔۔۔کیاہتام شاپھ اوس زِ قلَم پیٚوم

بارِ ۔۔۔بےٚ دأر گژھتھ دِژمےٚ دوٚ رِپٮ۪ٹھے ٹِکٹ گھرکِس گٔدِس کُن نظر ،تٕسنٛدی

اَتھٕ أسی وُنہِ تہِ تٔمی آیہ تہٕ سہٕ اوس أنٛدرٕ گَتھ تام جایہِ کھٔٹِتھ ۔ تٕسنٛد بٔن اوٚنگجہِ

ٹینٛڈ بٔن (صِرف اوٚنگجہِ ٹینٛڈ بٔن ) گیہ بیٚیہ حرکت ۔

’’تٔمی وٚونٕے نہٕ اَپُز ۔یہِ اوس نہٕ تسُنٛد قلَم‘‘

’’پتھ اَدٕ؟‘‘ مےٚ زَن پرٕژھ پانسے ۔

تَسِنٛد بَن اوٚنٛگجِہ ٹینٛڈ بَن آیہٕ بێیہِ حرکت۔۔۔ ''خبر گسُنٛد، تُمۍ تہٕ اوس یہِ
تِتھے پأٹھۍ روٗزمُت، کُمۍ تام ہیوٚت گس تام تہٕ بوٚ رُن فارم، تَس ہیوٚت کُمۍ تام،
تَس کُمۍ تام، تَس کُمۍ تام، تَس أمۍ تہٕ أمِس ژےٚ تہٕ بوٚ رُتھ فارم''۔

کتھ گیہٕ ختم تہٕ بہٕ بیوٚ ٹھُس رووُمت ہیوٗ تمَن اَتھَن وُچھنہِ، اَمہِ پتہٕ روٗز
خبر کِتِس کالَس ژھو پہ۔ قلَم اوس وُنہِ تہِ تِتھے پأٹھۍ میانِین زالبِن منٛز!

''ژٕ بیہہ أتی نَس جنگلَس ستی ڈوٚکھ دِتھ پتھَر، تھگُنٛ احساس گژھی
گم۔''

تَسنٛز کتھ حکُم مأنِتھ بیوٚ ٹھُس بہٕ پتھَر ڈوٚکھ تہٕ دِیتُم جنگلَس ستی مگر نظر تُجم
نہٕ اَمہِ ساتہٕ تہِ ٹکٹ گھرَس کُن۔

''وَتھ چھےٚ گنٛز''۔۔۔ سہٕ لوٚگ بێیہِ وَننہِ تہٕ یہِ زأنِتھ زِ یہِ وَنہِ وۍ پاے
تُج مےٚ ٹِکٹ گھرَس کُن ہکہٕ نظر۔ اوٚنگجِہ ٹینٛڈ بَن اُس برابر حرکت گژھان
۔۔۔۔

۔۔۔''ژٕ دِأتی نَس بہتھ لوٗگن ریزرویشن فارم (Reservation
Form) بَری بَری۔ چھُ بنان زِ اکہِ دوٚہہٕ پییہِ اَمہِ قلمُک وأرِث دَرتہِ پٔتُن
فارم برناونہِ ژےٚ نِش تہٕ ژےٚ گرِی آزاد!''

اَمہِ پتہٕ گیہِ ژھوپہٕ تہٕ ستی گیہِ اوٗنگجن ہنٛز حرکت تہٕ بند۔

تہٕ مےٚ ووت تنہٕ پٔتھٕ برابر لۆکن ہندی ریزرویشن فارم بران، خبرٕ کرٛ

ٹرینہٕ آیہٕ تہٕ گیہِ۔ خبرٕ کتی لۆکھ وأتی منٛزلس، خبر کأتیاہن تہٕ کتھن کتھن لۆگن

دِتی مےٚ فارم بٔرِتھ۔ مگر سہٕ وأرِث دَر آونہٕ ونہٕ۔۔۔ خبر ییاتہٕ زانٛہہ؟۔۔۔ مےٚ

چھُ ووٗنی تھکنُک ایحساس سبٹھا شدید گومُت۔۔۔ شاید چھُس بہٕ ووٗنی پٔژی پأٹھی

تھۆکمُت۔

ٹِکٹ گھرِ کی اَتھٕ زٕ تہٕ چھِ خبر کوٚت گأمتی تہٕ دأرِ چھےٚ بند!!

---

# شاہ سوارِ سٕنز دلیل

## (طویل افسانہٕ)

صأبر گلہٕ وانٕس تہٕ مہاراجہِ بہودرٕس اوس أکس معاملس منز زبردست ہشَر، سہٕ گو زِ دوشوے أسی گرٕبن ہٕنٛدی بےٚ پناہ شوقین، بلکہِ روزِ عاشق وٕنن زیادٕ بہتر۔ مہاراجہِ اوس بہودُر آسنہٕ علاوٕ مہاراجہِ تہٕ اِمو کھٕ اوسُس فارم 'دُنیا کھوٚ زأ ژَل گرہوٕستی بٕرتھ، صأبر گلہٕ وان گتھ کرِ ہے اَتھ معاملس منزٕ تَس ستی مان، وٕں رگو سہٕ تہٕ اوس نہٕ پننہِ حسابہٕ کینٛہہ کم پایہٕ ہیٛو۔ پوٚرٕ جیٚمس کھوٚ گٔشیرِ منز یٚیلہِ تہٕ کأنٛسہِ جان زأ ژَل گُری سُنٛد ضرورت پیٚیہ ہے سہٕ اوس مپلہٕ واد کڈِتھ صأبرٕس نِشی واتان۔

تیٚلہِ أسی نہٕ موٹر عام نہٕ آسہٕ سڑکے تہٕ نہٕ پیٹر ولے پڑتھ جایہٕ وأفرِ۔ بڈٕ گتھ یہٕ زِلٕوگن اوس نہٕ چنٛدٕس توانگر تہٕ اِمو کھٕ أس گتھ گرسے پیٹھ ٹھہران، سہٕ تہٕ یٚیلہِ ہاگس بتٕس جان گٔذارٕ آسہِ ہے۔

گتھ چھےٚ تمہٕ وٕقتچ یٚیلہِ گھرٕس منز گرآسُن محلٕس کھوٚ سماجس منز خاص رُتبہٕ آسنٕک نِشان اوس، یٚیلہِ أہی کرٕن والین جُملَن منز "گرٕ ھ ژٕے کھسہٕ

ۆن گُرتہٕ وسہٕ وِنی ناوآٮ۪سنۍ" معیأری اٮ۪ہی جُملہٕ مانٕنہٕ اوس یِوان اَوے اوس تمن

تہِ 'زبہِ کھارٕٹ' یا خرس برابر گُر آسان یٕمن رُتبک بڈٕ تتہٕ چھُ آسان، اَدٕ امہِ

خاطرِ کیٚاِ زٕپیٚیہ ہےٚ نہٕ اَجی یٕڈ بتہٕ کھیٚوٚن۔۔۔ مۆلہٕ گتھ چھیٚے یہِ زِ سماجِچ امہِ بیمارِ

ہٕتی اوس صأبر گلہٕ وانُن کاروبار تہِ بڈٕ جان چلان۔ صأبرس اوس گلہٕ وان گرِی

کرُنک پنُن منفرِد ٹیکنِک۔۔۔ پُلوامہِ کرِ ہے گُری ژۆر تہٕ بانہالہِ اوس تَس ٕکنان

۔تورٕ اوس نہٕ خألی اَتھٕ یِوان، تورٕ اوس گُر تُلِتھ انان تہٕ تَس سوگامہِ ہارٕ انان۔

رام بنُگ گرنہامہِ ٕکنان تہٕ بنڈ پور یٚک دٔومیلہٕ۔ اَوٕ کنٛی اوس نہٕ زیادٕ رٹنہٕ تہِ یِوان

،ویسے تہِ اوس تِمس تھانَن تہٕ پُلسہٕ والین کیٚھو باقی متلقہٕ عملس ہٕتی جان 'ماز

مِنٛچھر'۔ پٔنِنس کاروبارس منٛز اوس پوٚختہٕ، خبر اٮ۪سس زِ تُلُن گتہِ چھُ تہٕ ترٛاوُن

کتہِ چھُ۔ مُنأسِب جایَن تہٕ مناسِب حأکمن اوس منگنہٕ بغأرٕ ے یورَے پنُن

حِصہٕ ایماندأری سان واتناوان تہٕ باضے موقعہٕ محل وُچھِتھ سو پورُک دِلچہٕ گاڈٕ تہٕ بنڈٕ

پورِچہِ گنٛدِ دار ژادَرٕ ڈالہِ تہٕ نِوان۔ پٔنہٕ نو ہٕتھوٕ ے صفتَو کنٛی اوس صأبر گلہٕ وان

،گلہٕ وان آسنہٕ باوجوٗد تہٕ معزز شہری، بڈٕ بن لوٗکن ہٕتی وٕتھن بہن، حأکمن ہٕتی

دٔس بۆسی تہٕ خأر پاٹھ تہِ!

صأبر اوس ہٕتھ پاٹھی پننہِ زندگی ہٕتی مُطمعین، بَس اٮ۪کی گأیلَن اوس ہنا

اَڈ مۆر کۆر مُت ، سہٕ گو زِ زنانہٕ اَسس لوکِٹے کُنے تژ اۆتھ یِمہٕ عالمہٕ گاٮ٘مژ ۔بڈٕ
نیک اُس اللہ تعالیٰ کَرِی نَس مغفرت ، خبر صابرٕ ہنٛدی کرتوٗت ما پیٛیِس گوٚبۍ ،
یہٕ احساس اوس صابرَس مُنزِی مُنزِی مَژ نیندرٕ ڈٕ نہٕ وِتھ بیدار کران تہٕ اَمہٕ پتہٕ اوس
سہٕ راتی راتَس لرِ پھِرٕنی دِوان ، منطق لڑاوان زِ یہٕ چھُ تسُند رِزق ، تَمِی دیتُمت ،
یُس توٗنت تہٕ دِوان تہٕ دانہٕ تہٕ چھُ دِوان ، مگر کِیاہ تام رژھنہٕ اوس اَتھ منطقس زِ
تَس اوس نہٕ قرار یِوان ۔

صابرَس آیہٕ آشنہٕ ہنٛدِ گُذرنہٕ پتہٕ واریاہ مشورَس زِ دۆیِم اَنُن ، وُنہٕ
چھُکھ لوکُٹ مگر تَس آیہٕ نہٕ برابٔری ڈوٗ ہرلڑکہٕ اَسس جنت گارٕنۍ پتّن نِشانہٕ
تژ اۆتھ گاٮ٘مژ ۔ ووٕ موج خبر کَرٕتھ نیر بس ؟ اَمی وٕہمن دیتنَس نہٕ دۆیِم کھاندر
کرنَس اِجازت ، بلال اوسس عاٮ٘ن تہٕ غاٮ٘ن تَس جنت گارٕنہٕ پتھٕ گومت ،
ژوٚنٛھس زِ اَڈ زَن ! صابرَس اوس یہے یہٕ ڈٔلۍ زِ تہٕ دین تہٕ دُنیا ، بَس اَکھ تماہ
اوسُس زِ بلال تہٕ گوژھ کَتھ ( نِکر ) تہٕ قمیض لٲگِتھ 'اصیل' شُر بن ہنٛدی
پاٮ٘ٹھی بابا یوسف سکوٗل گژھُن ۔

صابرٕ سُند مکانہٕ اوس 'ہوٚمل وال' محلُک اَندِم اَخری گھرٕ تہٕ اَتھی
برٛوٚنٛھی کِنۍ اَس سیدِ سیٛوٚ دسٹرک بابا یوسف سکوٗل تام گژھان ، اِوکِنۍ اَس صبحن

شامَن سکوٗل گژھَن والین شُر بن ہنز اپأری بیر بیرَ ے روزان ، صأبر اوس اکثر دارِ پیٹھ بہتھ یمَن وُچھان وُچھان اَکھ زِ تمأ کی چِلمہِ سوٗری کران ۔ بلاآل اوس وُنہ دُو وُہرُ ے تہٕ تریم لگہِ ہَس نوِسوٗتہٕ ، وُنہِ اوس تَس ژٕون وٕری ین بیٚہِ پژارُن تہٕ اِدٕ ہکہِ ہے تَسُند یہِ ارمان پوٗرٕ سَپدِتھ ۔

''شیٚیہِ وٕریہِ وأنسہِ کَم بچَن چھُ نہٕ سکوٗلس منز دأخلہِ ہٮ۪کان میلتھ ، قونون چھُ یی'' ، سکوٗلکی ہیڈ ماسٹر مہیشوٗرناتھن اوس تَس تسلا دِوان یہِ قونونی نوقتہٕ فِکرِ تورمُت ۔۔۔ ''گرأے موتَن یاوری یہٕ کرَن چون بلاآل صأب پننہِ پانہٕ دأخل ، یورَ ے وَنے تمہِ ساعتہٕ ، یہِ گوٚژھ ےٚ سَتی وعدٕ'' مہیشوٗرناتھن اوٗسس مَتھِ مَتھِ دِتھ تسلا دِوان وونمُت تہٕ وونی اوس صأبر بےٚ صبری سان تتھ دوٚہس پژاران ۔

صأبرَس أسی تم سأرٕ ے کھوژان تہٕ دوٗرِی سلام کران ، یمَن گری أسی تلکیأزِ یہِ أس سکہٕ گَتھ زِیُسند گرہنگہٕ منگہٕ غأب گژھِ سہٕ ، چھُنہٕ دوٚبارٕ اَتھِ یِوان ، دویم گَتھ أس یہِ تہٕ سکہٕ زِغأب کرن وول آسہِ بلاشبہ صأبر صأبے تلکیأزِ تَسِندِس علاقَس منز چھِ نہٕ نُہامکی گلہِ وان تہٕ اَتھِ ترٕ اوٚنس بہران باقین ہنز چھےٚ نہٕ گَتھے ۔

---

پُنن پان دۆوُہر ماجہِ یتیم لڑکہِ بلاآل تہٕ گُنز بیٚنہٕ ساجہِ ، أتھی محورس پٮ۪ٹھ أس صأبرٕنی زندگی چلان ، عام میزانہٕ بالکل گنڈ گرٕہستی ، بَس صِرف اوٗسُس أکھ سُکم تہٕ ، یہے اوٗسُس نوسور زَن تیلان : ساجَس اوٗسُس خاندرٕ پتہٕ کیٚنژرِ ریتی خانٕدار پنجاب ژٕولُمت ، تتہٕ گیہِ ووٚنی اکہٕ پلہٕ شیٚ وٕرِیہِ مگر سہٕ پھیٚوٕ رنہٕ واپَس ، سرسری آیہِ خبَر زِ گتھ تام سمندری جہازٕ کمپنی منٛز چھُ حمالٕ کأم کران ۔ اکہِ دۆیہِ پھِرِ گرٕ صأبرَن تہِ پنجاب گرٕہِتھ تَس ژھانڈٕنچ کوٗشِش پۆز حاصِل آو نہٕ کینٛہہ ۔ ساجَن نَہ ژھٕٹ باکھے نَہ دِتِن بتھِ بُتھِ ۔ أندرٕ رے گیہِ دَم پھٔٹِتہٕ رَسہٕ رَسہٕ ہیٛرِن لوٚسنٕ ، بأے کوٚرُس واریاہ اِعلاجہِ ، ہسپتالہٕ کرنوونَس مُلاحظہٕ ، پیٖرَن فقیٖرَن نِیَن مگر تَس اوٗس أندرٕ ری آمہٕ تاو ، فقیٖر کیٛاہ کرہَن ! ۔۔۔ أخرَس وٗنُس ہسپتالکی زِٹھ داکٹرَن " شہرٕ نِن ، أمِس چھُ کاژھ ۔۔ ہوٚکھ سِلہٕ ، دژ وگجَن ہسپتالہٕ کرُن بھٔرتی ، بہٕ دِمےٚ چِٹھی لیکھِتھ ڈاکٹر صأبَس پٮ۪ٹھ ۔۔۔ وُنہِ چھُ مرٕض تازٕ تازٕ ے علاج چھُ مُمکِن ، ژیر لاگھ تہٕ مرٕض سنہِ زیادٕ ۔ ڈاکٹر سُنٛد مشورٕ ، فرمان سمجِتھ کوٚر صأبرَن بلاآل ماتامالہٕ نانہِ حوالہٕ تہٕ ساجہٕ ہیٚتھ دژ اوشہر ۔

--------------

سرینگرُک یہِ علاقہٕ اوٗس نہٕ صأبرٕ سنٛدِ خأطرِ نوو ، تَس أس ماجہِ برابر ماس

أتی نخے دوہبن باۓ گنۍ آمژ ۔ شیچھ بۆ زتھے وأ ژسو باقی اَنگ اَشناوہتھ دروگجن تہٕ صابرس تہٕ گیہٕ بشاشت ہش ۔ وونی سَپد سوُرے رُتے ۔ ہنا فراغت پِنٛس ستی پیٹھ صابرس گُری تہٕ کاروبار یاد، گلہٕوان گری اَس تَس کارٕ بارٕ علاوٕ نشہٕ ہیو بنیمژ امہٕ بغأر اَس تَس یہے بتھی سیتھ ہش لاران ، سہٕ اوس بے قرار گژھان ژھرٛ ٹہٕ ہیوی دِ ہنہٕ لگان ۔ سہٕ اوس پرٛتھ گُرِس تُلتھ اَنہٕ پتہٕ گوڈٕ تَس کھیاوان چاوان کھر کھرٕ کران پتہٕ پانہٕ ٹھیک پأٹھی سوأری کران تہٕ اَدِ اوسُس کُنہٕ کڈان تہٕ ہہٕ وأرلِس تہٕ اوس تمبیہہ کران زِ یُتھ نہٕ ایزہ دِہس تتھ بجٛشی نہٕ اللہ تعالےٰ تہٕ نہٕ بخشے تہٕ ۔

دژ وگجن وأتتھ اوس سہٕ صرف ٹانگہٕ گُری ہبکان وُچھِتھ علاقہٕ اوس چونکہٕ وِزِٹرن تہٕ انگریزن ہُند اِ کنی اَسی ٹانگہٕ تہٕ تہٕ گُری تہٕ سبٹھا جان تہٕ سجٕونی ۔ صأبر اوس مُدے گَنٛڈِتھ ٹانگہِ گُرین وُچھان تہٕ تصوُر ہے منٛز تمِ نتھ تمن سوأری کران ۔ کُنہٕ ہرگاہ ٹانگہ ٹھہرِتھ آسہٕ ہے تہٕ تَس گُرٹارِ کھَسہٕ ہے سہٕ اوس تَس نخہٕ گژھِتھ مَٹھ مَٹھِ دِوان تہٕ کشنہٕ ہنا گرِتھ ٹٹھ موران ۔

---

اکہٕ دوہہٕ اوس صأبر ہسپتالہٕ پیٛنہٕ نظر دِنہٕ پتہٕ بلوار ڈچہٕ پتمہٕ تنگ سڑکہٕ

پٹھ ئلی چکرا کران زِتس پٔپہِ سڑکہِ اَپارِ اَکس سفید شین ہوٗس قد اور گُرِس پٹھ نظر یمس سائیس بڑ احتیاطہِ سان خراماں خراماں گردِش اوس کرناوان، صائبر گو گوڈنچی نظرِ زن رٔہتھ ہیٚوٚ۔ اُس روٗدس تریشہٕ ہتی سٕندی پاٚٹھی ووتھے، متھ گوس زِ کُنی درٕسہٕ نیہ سائیسس لاکم تہٕ تھکھ کڑ ہومل وال محلہٕ۔ اَندر گیس وُزملہٕ ہنز ہش چمکدار رکھ گمچہ ٹاسکی پاٹھی سٔنتھ ۔۔۔بتھ اوس مہارجہ بہودر سٕند طبیلک سائیس، تمی زِ ترا کی نظرِ زنفر (صائبر) گرٕ تھ گری شناس آسن۔ گرِس کُن اِشارٕ کرِتھ وٚ ووٚتھس وُٹھ گمناوِتھ پٔارِم پاٚٹھی ''گھوڑا پسند آیا؟''

صائبر اوس نہٕ امہِ کلامہٕ خاطرٕ تیار، بڑنزِس کھنڈس گیس گلہِ زبو تہٕ آخر وٚوٚتھس درجواب ''بڑا زبردست ۔۔۔ سبٹھا ۔۔۔ بہت!'' ونان ونان دُیت تمی کمہِ تام جبلی احساسہٕ اتھ تھوٚ دتُلتھ یتھہٕ پاٚٹھی گُرِس روٗنکھس پھش پھش زن وٚ رِیہ وادو پیٹھِ زانہِ ہَس۔ اُتھی ستی گیہ گتھ گتھ شروع ''اصلی عربی نسل چھُ باسان'' صائبرن ووٚنس تجربہٕ کارانہٕ اندازٕ ''اوڈ اندازٕ چھس چون درست'' سائیسن ووٚنس اَسوِنی کرِتھ ۔۔۔ ''دوٚغلا چھس یہ عربی تہٕ روٗسی!'' سائیسن یتھا بوٗ زمت اوس تیوٚ تھا فر کوٗ ن۔

دوشوے روٗدی گُربن ہٕندِس نسلس، رنگس، عادتن تہٕ کھنن خوردنی

پتھ گتھ کران ، یوت تام سائنس دُگپکارس نِنجہِ تتھ مُقامس ووت ییتہِ نس گُرِس تہِ سائنسس قیام کرنک رہتہٕ کائی ٹھکانہٕ اوس۔

اَمہِ دوہہٕ پتھ بنیو وصابرسُند یہِ معمول زِ سہٕ اوس گُرِس گردِش کرنکہِ وقتہٕ ہسپتالہٕ نیران تہٕ سائنسس ستی توت تام گتھ گتھ کران پکان روزان یوت تام سہٕ گُرِس گردِش کرنہٕ وِتھ واپس ٹھکانس پتھ انان اوس

وونی اوس صابرس سورِے فِکرِ تورُمت زِ گُرگسُند چھُ اصلی ، کتہِ چھُ آمُت ، رچھنہٕ کَمہِ کامہِ خاطرٕ چھُ یوان ، اَتہِ کِتس کالس ٹھہرِ ، وَنِدس کوت چھُ اُمس گرژھُن ، مہاراجہِ بہودُر کیاز چھُ خاص طور پتھ تھَین گُربن پالان تَس کُتیاہ تہِ کَمہِ کَمہِ نسلکی گُری چھِ ـــ مگر اَتھ سوچس ستی اوس تسُند اَندرِم گلہٕ وان پننی اکھ الگ سکیم تیار کران ۔ برابر ژکھِ ژکھِ سکیم تیار کران ، اَجہِ ژکھِ دوبارٕ سوچ گٔر، تھ اَندرٕی نِہنا وان تہٕ اَجہِ نوِ کھینچان ، مگر اَندرِم یہِ گلہٕ وان اوس نہٕ وُنہِ نیبرِ مس صابرس تہِ پوٗرٕ اعتمادس منز انان ، تکیاز سورِے اوس وُنہِ مُبہم یہَے ژھائے ہش مسلہٕ اوس کآم تہِ گرژھِ اَندٕنی مگر اِلزام گرژھہ نہٕ سائنس بچارس تہِ لگُن ۔ مہاراجہِ بہودُر ماتژ اویس کڈُ رسزادِیس تہٕ گونہگار رسپدِ صابر ، یہِ اوس نہٕ صابرس قطعاً منظوٗر!

صائبرس اوس نہ فکرِی تران زِ سہٕ چھا خوش کِنہٕ دُکھی ، اکہِ طرفہٕ اُس
خوش خبر زِ ساجہ چھےٚ رسہٕ رسہٕ سند اران ، ڈاکٹرن اوس وونمت "وقتس پیٹھ
آکھ، وُنہِ اُسس دادِچ صرِف چھِہہ لاریمژ ، علاج گو آسان" اَمہِ دوٚہہ توٚر
صائبر گُرمشر اُوِتھ حضرت بل شُکرانہٕ ادا کرنہِ -- مگر ذہنہٕ کس اُکس کوٗنس منٛز
اوُسس مہاراجہِ بھوُدُرسُند گرتہِ ! --- سُجدٕ گرِنی --- خیال ڈوٗلُن ، مگر فطرتس
کیٛاہ کرِ ہے ! گلہٕ وان !

ساجہ اُس خوش زِ زوٗ بچے یَس ، پوٚز ستی اوُسس یہِ خیال تہِ
کھوٚژ ناوان زِ واپَس گژھِ تہٕ دوٚہہ کڈُن گژھِم بیٚیہِ کوہ کڈنس برابر، پتھ کالکی
دوہہ پیٹھ اُندرِ ے دوٗنژھراونہِ تہٕ بلاآل اوس اُکھ نوقطہٕ یتہِ نَس ہنا راحت
دژ ینٛٹھی اوس گژھان ۔ بلاآل سُند خیال یِنَس ستی باسوٚ ساجسٕ زَن تَس وٗری وادٕ
گھرِ دژ امتِس گاٹمتی چھِہ ۔ تَمہِ کوٚر فاصلہٕ زِ اَز یتھےٚ صائبر یِیہ بہٕ وٗنس گھرٕ گژھنہٕ
خاطرٕ باقے اعلاج ہیکہِ ووٗنی تتہِ تہِ سپدِتھ --- مگر تسُند یہِ فاصلہٕ آونہٕ صائبرس
براہ ، یہِ نہَ زِ سہٕ کیا اوس نہٕ گھرِ یژھان گژھُن ، سہٕ تہِ اوس 'کامہِ کارٕ' بغاَر
تنگ آمُت ۔ مگر مہاراجہِ بھوُدُرسُند سفید گر اوُسس وچھس پیٹھ بوٚ ڈبار یُس نہٕ
کیٛنٛہہ کرنہٕ اوُسس دِوان ۔ اَتھ وَتھے اُسس نہَ یوان زِ کرٕ کیٛاہ، کتھ پاٹھی کرٕ

گُر گِلناوُن اوس نہٕ بۆڈ مسلہٕ ہنا اوس خطرٕ مگر کأم واتہِ ہے اَنٛد ۔مگر سائیٚنس کیاہ کرٕ تَس لگہِ سزا، سہٕ بچارٕ کتہ برِ ہرجانہٕ! راجہِ سُنٛد گُر، سہٕ بربس کونٛدِ۔۔۔ تیٖلہِ ؟۔۔۔۔بَس یہوٚے 'تیٖلہِ' اوسُس نہٕ کینٛہہ کرنَس وَتھ دِوان، کُنہٕ کُنہٕ اوسُس جیرٕ یِوان زِدمہٕ گُرِس تھھ تہٕ کڈٕ پانَس گھرٕ کُن ٹکھ، پتہٕ یہٕ سائیٚنس نصیٖبَس آسہِ تہِ واتہٕس، بہٕ کیاہ کرٕس؟ مگر یہِ جنون اوس نہٕ زیادٕ کالَس روزان، دۄیہِ ژۄ رِلٹہِ اوس سائیٚنَس چائے تہِ چوومُت، سگریٹہٕ بدلہ بیڑی چۄن تہِ ہیچھنومُت، نۆنہٕ چایہِ باپتھ بتایہِ وان نیوٚمُت، حالانکہِ بچارٕ پانہٕ چھُ نہٕ نۆنہٕ چائے چواں ''اِمِس دۆ کھٕ دُیٚن گوگوناہ''

---

اِنسان چھُ باضے پننہِ زالہٕ پانے ہنہٕ یِوان تہٕ یہوٚی چھُس پتہٕ وۄتَل بُجہِ کرناوان: محض گُری ہنٛدِ خاطر لأج صابرن سائیٚنس ستی یارٕ ژ مگر یُتھے سہٕ سائیٚنس نچہ ووت، تہٕ نزدیکہٕ پیٹھٕ سہٕ زوٗنِن تَس گوپزی سہٕ ٹوٹھ، دُور جیٖمہِ کہِ گمہِ تام پہاڑی علاقُک، ماجہِ کُنہٕ اُچھ گاش، سو چھُس پأنسہٕ پأنسہٕ ییٚمہِ آشہِ جمع کران زِہ نیچو واَژہم ستووُہَن، (۲۷)اُتی اَنَن گھرٕ نوش، کورِ والین ستی چھِنَس ذری قسم تہِ گُری ہتی

سائیسَس یہِ کینژھا بخشِش وغاٲرِ ہیتھ میلان چھُ تہٕ چھُ سہٕ ماجہِ سوزان ''گلی گلی بچارٕ گرژھان ـــ سبٹھا رُت تہٕ نیک'' یہِ آخری صفت اوس زَن صاٲبرٕ سند بن اِرادَن زولانہٕ تژاوان ، سورٕ ے اوس شٹھان ہیٚو ، صاٲبرس اوس نہٕ فِکری تران زِ کرَ ے تہٕ کرٕ کیاہ ۔ گُرِس ہکہِ نہٕ سہٕ مُشراۄِتھ بامے کینٛہہ تہِ گژھی تَن !' تَس اوس بہتھ زِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سٲبِیل نیرِ ضرور ۔ ''اللہ تعالےٰ چھُ سبَب ساز موئِس کرٛیم نہٕ''۔ سہٕ اوس نہٕ بالکل نااومید ۔ پٔنن پان اوس تَس خُدا ترٛس باسان تیمِس سخت خوفِ خُدا اچھُ ۔ گلہٕ واں کاراوس نہٕ تَس گوناہ باسان ، تَسنٛد مانُن اوس زِ 'سہٕ' خالقِ کائینات چھُ بوٚڈ رزاق ، پرٛتھ کانٛسہِ چھُن رِزقچ سبیل کٔری مِژ تہٕ تَسنٛد رِزق چھُن یتھے پاٲٹھی لیٚو کھمت ، پَتھ گو مُشکِل ! سہٕ کَتھ کارَس چھُ نہٕ مُشکل آسان ؟ تہِ کٔرِتھ تیمی کاردُیت سہٕ کرِ مُشکل تہِ حل ، تہِٕنٛدِ کھوتہٕ مُشکل کُشا کُس ؟''

سائیسن وۄن تہٕ اکہِ دوہہ سَپُد پزی مُشکِل حل ، کرامات سپٕز ییلہِ تَس سائیسَن وۄن زِ تَس چھُ ہفتس چھٹی گرژھُن ، تورَ ے چھےٚ شٛیچھ آمژ ، موج چھےٚ علیل َ

سائیس اوس وُنہِ ونانے زِ صاٲبرَس گیہِ مغزَن منٛز بہٕ یکبار واریاہ وُزٕ ملہٕ یمو تَسنٛد سورٕ ے خاکہٕ مکمل کوٚر ۔ سائیسہٕ سٕندِ وارٕ کارٕ گرٕ روانہٕ سَپد نہٕ پتہٕ دۄیہِ دوہہٕ

---۔ برابر دۆیہ دوہی، یُتھ نہٕ سائینس بچارس ژۏر ہانژہ لگہِ---۔ ٹھیک دۆیہِ دوہی رأژ پہرس گرینین فارمہٕ منز کڈِتھ، نٔنی راگہِ سوار سپدِتھ-----۔ امہِ برٛونٹھ سۆچِ نہٕ تمی زِ خبر دِمباغ ماکرِ راز فاش! 'خطرٕ چھُ واریاہ پۆز پروائے نہٕ کینٛہہ، 'سہٕ' چھُ سبب سازسورٕ ے کرِرُت---۔'

---------------

ٹھیک ژۏرمہِ دوہہ شامس ژہر ووت صائبر گلہٕ وان مہاراجہِ بہوُدر سُند سفید شین ہیُو گُر ہتھ 'وہنہٕ کۆرڈکرہِ پیٹھ ہوٕ وری گرٕ، گُرتھوٗن گٔپن گانٛس منز تہٕ پۆت کھورِ ے پھیٖو رواپس، دوہ کھنڈ لۆگ بیٛیہِ تہٕ ووت نصف شبس ہیُو واپس ساجس نشہِ درو گجن۔

گُرِس لۆگ بڈٕ ژہانڈ و، سورٕ ے سرکأری عملہٕ آوحرکتس منز، تلکُ پیٹھ تہٕ أندرِم نبر سپد مگر گُر آو نہٕ اَتھِ۔ صائبرس تام وأژ نہٕ کانٛسہِ عقل، اَکھ اِو 'کنی زِ سہٕ اوس پننہِ معمولکہِ میدانِ عملہٕ نشہِ واریاہ دۏر، گجا 'ژوٗٹس' یا نأدی ہمل' تہٕ گجا 'گُپکار' دۆیم وجہ اوس یہِ زِ سلہٕ ہسپتالس منز چھِ انسان ویسے نیم مورد آسان، گُری ژۏر کُس کرِ!

صائبر اوس پننہِ کامہِ منز پوختہٕ کار، واپس گرٕ گژھنس منز گرِن نہٕ کانٛہہ توہ

تمبلی زِ خبر چھا شک ما گژھِ۔ ڈاکٹرن یِمہِ دۄہہ ساجس ہسپتالہٕ چھٹی دِژ تمہِ پتہٕ تہٕ رُکیا وسہٕ بہانہٕ کرِتھ اَکس دون دۄہَن تہٕ تژیمہِ دۄہہ تہٕ یِیلہِ وارٕ کارٕ پٹن گرِ 'ہومل وال' محلس گُن دژاو، انہارٕ تلہٕ اُس نہٕ تَس کانْہہ تہٕ جلی باسان، یہٕ چھےٚ وَکھرِ کتھ زِ اَندرٕ اوسُس زۄُوہنہٕ کرِ چھن 'ڈکرن اویزان زِ خبر گرِس کیاہ حال آسہِ ۔ مَنزٕ اوسُس دِل ووٹھ کڈان زِ اَکھ نظر دِمہٕ شہر تہٕ، وُچھہِ سأیسس کیاہ حال چھُ ۔ واپَس آسہِ آمُت ووٚنی، پۆز اَتی اوس سوچان زِ یہِ گو ہُتہٕ ہونہِ کھبتہٕ زَنگ 'کأفی یارانہٕ گوووٚنی ۔۔۔ ووٚنی گوسہٕ پأنس تہٕ یہٕ پأنس تھی مَنز چھےٚ دوشوٚنی ہنز بجأیی ۔ یِمہِ کتھِ ہُنْد اوس تَس پۆرٕ یقین زِ سأیس پھسہِ نہٕ، زِ (۲) دۄہہ برۆنٹھ اوس پیر پنژالہٕ اَپور ووتمُت، ژۄر کتھ کرِ ہےسہٕ تہٕ گُری ژۄر ۔ مَنزی اوسُس پانسےٚ ستی اُسن تہٕ یِوان زِ مہاراجہ بہودُر کھوٚوم پۆیہ سأرِ ے مہاراَجی مُشر اَومس اَکی داں دبہٕ ۔ دپان سخ شوقین چھُ میأنی پأٹھی گُربن ہُنْد ۔ بتہٕ آسبس نہٕ ہٹہِ وسان یِیلہِ گُرآسبس یاد پیوان ۔ مگر تہٕ تہٕ اَپزی ، یِمَن چھُ پادشاہ ماز آسان، یِمَن چھُ نہٕ سأنی پأٹھی پھیران ۔ تَس آسہِ یہِ گُر گومُت مُشتھ ۔ دپان واریاہ زاَژل تہٕ نُسلی گُری چھس ۔ خودأیےبختہٕ بۆڈ کۆرمُت، پۆز مےٚ تہِ گرِن یأری، ناشکر کیاہ زِ روزٕ، پزی چھُ بوٚڈ سبب ساز،

سارِنے چھُ آنٛپہٕ واتناوان، تُمۍ تجٔبیہٕ شُکرانہٕ کہِ اللہ اۯ أچھِ ہیٚوٚر گُن مگر نظر ژٕکیٚہ وتی تِکیٚاۯِ درواۯس پیٚٹھ اوس صأبر صأبُن لوکٹ ہیوٚہ ہہر باپہٕ کھڑا۔۔۔۔ وُہنہٕ کرِ پیٚٹھ آمُت۔ تَس وُچھِتھ گو صأبرس بڑ ژٕنِس کھنڈس أند رِم شاہ اَند رتہٕ نبرِم نبر۔۔۔۔ أتھی أکس ژِہس منز گأس ہتہٕ ہٕدی خدشہِ بیدار، خأر پاٹھۍ تہِ پھوٚرُس نہٕ توٚت تام یوٚت تام نہٕ ہہرن اورٕ وونُس

''سورُے چھُ ٹھیک، بامبرٕنٛچ چھےٚ نہٕ کانٛہہ گتھ''

''حمد خدایس کُن مےٚ دوٚپ۔۔۔۔۔۔'' ووٚش ہیٚوٚتر أوِتھ

کوٚر صأبرن أڈِس جُملس پیٚٹھے قنات تِکیٚاۯِ جُملہٕ گرٛٹھِہے تیٚلی پوٚرٕ ییٚلہِ پرٕزٕرس وُرُن تُلہٕ ہو۔

کھوٚربانہٕ کڈِتھ ییٚلہِ ہہر ژٕنِس ستۍ ڈوٚکھ دِتھ تمۍ کی چِلمہِ سوٚرکرنہٕ پتہٕ چایہِ پیالس کُن اَتھ نِنہِ لوٚگ، صأبرس رٛوٗدنہٕ صبر، ژوچہِ زأن بڑوٚنٹھ کُن أنِتھ ووٚنُس لوٚتی ''تیٚلہِ کتھہٕ پأٹھۍ اۯیتھ تاپہٕ کرٛایہِ منز'' ہہر اوس مخولی ژوچہِ ہَن تُلان تُلان ووٚنُس اَسہٕ وٕنی گرِتھ۔

''زامتری کوٚٹ چھُ ناہمیشہِ کوٚٹے روزان، یہِ ماچھُ بڈان زانٛہہ، أمِس چھےٚ پھوان نظر نظر دِنۍ''

''یہ گتہِ رٕوٗدُس سہٕ کوٗٹ'' صأبرَس پیٚیہِ زنانہ جنت گأرِنی یاد'' تمہِ اَے سُلہِ صُبھأے جہانس لٔتھ دِتھ مزار روٗٹ تہٕ''

ووٗنی پیوٚ ہہرَس تَس لأ زما تسلا دُیٚن '' آدم چھُ مزارَس شرٕ پان پوٚز رِشتہٕ چھِ تاحیات روزان''

اَمہِ پتہٕ رٕوٗز بڑٕ ژٕرِس کھنڈَس ژھوٚپہٕ ، صرِف اُس مٔنزی مٔنزی نبہٕ جاناوارَن ہنز آواز گژھان ۔ چایہٕ پیالہٕ خأ لی کٔرِتھ آو ہہرُ مقصدَس پیٹھ '' یہِ نوٚو نموٗنہٕ تُہُند چھُ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ کرٕ ٹان''

'' کیاز ِ؟ کیاہ دلیل ، بیمار و بیمار ما چھُ ؟'' صأبرَن ووٚن ہنا تشویشہٕ سان۔

'' اوِ پزٕ اہ چھُس ، اِتھ پأٹھی چھُ ٹھیک مگر نہٕ چھُ کھوان کینٛہہ تہٕ نہٕ چوان۔''

'' خبر کھینبس کیا آسبس حال؟'' ہہرن دُیت ہنا ژکھِ سان جواب۔ '' دٔرُ کھینبس آسبس حال ، کران گمہٕ سأ کتھ چھُکھ ژٕ ، گرٕ ے چھا کنہٕ بیٚیہ چھُ کینٛہہ ؟''

'' مہاراجہِ سُند گر چھُ ! تِتہِ چھُنا سوچُن''

''یہِ اُسی تَن خداصائبُن گُر، خوراک کھیٚیہِ تی یہِ گُر کھوٚان چھُ''

تیٚلہِ کیاز ِچھُ نہٕ کھوٚان کیٚنہہ، وجہ آسہِ نا؟''

''ووپَر جائے آسبس گرٕ ھان ظھرایا خبر بیٚیہِ ماچھُس کیٚنہہ'' ہٕہرَ ن

ۇنی ژٔٹہٕ وِنی گُرِتھ ''ژیہِ پانئے، پانہٕ دِس نظر۔''

''اِں۔۔۔تی روزِ جان'' صائبرَن تھوو خالی پیالہِ واپَس ''خبر میٲنہِ یِنہٕ

ماگرٕ ھبس۔۔۔۔''

''اَدِ گرٕ ھبس پڑاہ'' ہٕہرَ ن ژٔٹ ٹسٕنز گَتھ مَنٛزَ ے ''ژٕ ہسا چھُکھ تِتھٕ

پأٹھی ونان زَن سہُ آدَم ذات چھُ''

تَمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ، گُر چھُ سانہِ کھوتہٕ سمجھدار آسان!''

''اَدِ تیٚلہِ گوٚیِن پانہٕ ، ئلکہِ چونُے پوٚز آسہِ'' ہٕہرَ ن وٚون طنزٕ سان

---

'وہنہٕ کوٚر' وأتِتھ تِتھے صائبرَن گُپن گأنس درواز مُژٕ رِتَس پھیر لبد رِ

ژھٹھ، شاہہ گوس أندرَ ے بند، باسیوٚس ۇنی یمہٕ زمینہٕ پیٚٹھ ۇکراونہٕ ۔ درواز

داسَس تھپھ دِتھ ژوٗلُس ہکہٕ نیٚرتھ ''خدایا نجات! أمِس کیہو گومُت یہِ؟''

''اَدِ کیازِ آس بہٕ لاران ژٔے نِش، دوٚیمے نایہِ ہسأ چھُ کرٕ ٹیٚو مُت''

''کرٛٹیوٗ مُت نا، یہِ چھُ موٗژیامُت ۔ مےٚ چھُنہٕ بہانےٚ یہِ چھُ سُے گُر''

''مگر چھُ سُے، مےٚ مابدلوٗ'' ہہرَ ن وٚون پننہِ مخصوٗص طنٕز یہِ انٛد ازٕ

''نا مگر ۔۔۔۔۔۔'' اَمہِ برٛ ونٛٹھ پھوٚرُے نہٕ صأبرَس کینٛہہ، معاملہٕ اوس تیُتھُے: قدآور، مَد ہوٚس ہیُوٗ سفید شین گُر، یہِ ہے اوس وُنی کِہن زُبہِ کھارٕٹہٕ ہُنٛد اڈلیُوٗک بچھیرٕ ہیُوٗ باسان، رنگ تام اوسُس زردیامُت۔

برٛ ژرٕس کھنڈس گُرِس معاینہٕ کرنہٕ پتہٕ دژ او صأبر لوتی گُپن گانہٕ نبر تہٕ ہووٕری گھرٕ اَستھ تہٕ أژن جَجیر پانَے برٛ ونٛٹھ گُن، چلمہِ ترٛ ووٗن مَننہِ منٛزٕ تیوٚنگل تہٕ دام دام دِوان بیُوٗٹھ معاملہٕ أندرٕ ے کھوکھلاونہِ۔

''ووٕنی صلاح'' ہہرَ ن کوٚرُس سوچس خلل۔

''دَنہٕ پنہٕ گُرِس خدمت کرٕنی، بیٚیہِ چھےٚ نہٕ کانٛہہ وَتھ'' تٔمی پھر جَجیرٕ ہنٛز نَے ہہرَس گُن۔ ہہرَ ن رٔٹ نَے تہٕ سورُے گُٹھ گودہےٕ دِہہ۔ اَتھ دوران گُر نہٕ دوٚیومنٛزٕ کأنٛسہِ کانٛہہ گَتھ۔ اَمہِ پتہٕ دژ ایہِ دوٚشوَے بالکل خاموشی سان گُٹھِ منٛزٕ نبرَ۔

---

صأبرَن گُر پزی دَنہٕ پنہٕ لٔگِتھ گُرِس خدمت کرٕنی شروع، تٔمی گٔری تم

سأرِ ے نوسخہٕ تہٕ ٹوٹکہٕ، حربہٕ تہٕ طِلسمات اِستعمال یم تمی اَز تام پٕچھمتی تہٕ ورتاوی متی
اَسی، مگر گرِس آیہِ نہٕ صحتس اَکھ سِر سائے تہِ فرق بلکہِ گود وہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ
پتھے گژھان۔ صابرس اوس نہٕ تسند دود اتھہِ یوان، ہر وقتہٕ اوسس خیال
یوان بچارِ خبر کیاہ آسہِ ہے تتہِ کھوان۔ خبر روزن جاے، کرژھ آسہِ ہَس؟
خبر کَمہِ قسمچہٕ گژھ اَسس حال؟ خبر گژھ اَسی سا دِوان تہِ کِنہٕ نہٕ؟ خبر کھر کھرِ
اوسہٕ ساشششتر وکِنہٕ بدل کُنہِ دانتُک؟'' خبر۔۔۔خبر۔۔۔یم 'خبر' اَسی صابرس
تتھہٕ پاٹھی دِماغس سوار گژھان زِ باسان اوس پوٗرِ بومبرِ گوڈ چھس دِماغس
ژامت۔

یپاری اَس گرِس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ حالت ابتر سپدان۔ وونی اَسس
یال تہِ رَسہٕ رَسہٕ نیران، راگہِ پٹھ تہِ اَسس ژم تنی دژ امژ، اَچھو کنی اوسس،
اَنمہٕ ہیوٗ آب رُکی رُکی نیران۔ اَسنز یہِ حالت ڈیشتھ باسیو صابرس زِ یہِ مرِ بے
قضاتہٕ سہٕ گژھِ گونہن منز گیر (ژوٗرِ نیوٗن اوس نہٕ تَس گوناہ باسان تکیازِ تسندی
کِنی اوس اَزل نامہٕ لیکھن والی رِزقُک یہے وسیلہٕ تسندِ باپتھ لیوٗکھمت) مگر گرِس
یہِ حالت وُنی کنبس چھے تتھ اوس صابرس پنُن پان ذمہٕ دار باسان۔۔۔یمن
گونہن چھ تَس پانہٕ جواب دِین۔۔۔۔۔۔صِرف تسی جواب دِین۔ تسند

منطق اَتھ نو قطس پٕٹھ واتہٕ وُنے وۄتھ سہٕ فأصلہٕ کُن انداز س مَنٛز تھۄد، گر

کۄڈُن گانہٕ منٛز نبر، اکہِ اَتھہٕ رٕٹِن پٕنٛنس سوارِ گُرِس لاکم تہٕ دۆیمہِ اَتھہٕ کرِن بیمار

گُری ہٕنٛزِ رَزِ تھپھ۔۔۔۔۔۔ پۄر راتَس رۄ دِ پکان، سِرف کۄڈُن 'پٹنہٕ' تھکھ،

گُرِس دُیتُن دانہ وغأر تہٕ راتو رات دزاو بروٗنہہ کُن۔ گاش پھولُس 'گُپکارٕ'

تھی جایہِ ڈیڈ پٕٹھ یٖتہِ پٕٹھ سائیس گُرِس چکرَس کڈان اوس۔

گُرُ چھتھے گیہِ أنٛدرٕ سأری ہیے ترُے۔ ہسَر لگی حأکمَن کیھونو کرَن

مہاراجہِ بہودُر سُنٛد گرہتھ اوس کُس تام پانے آمُت۔۔۔۔۔ صأبر ژۄ نگھ نرِ

تھپھ کرِتھ اَندر زَن مُجرِم رۄٹمُت اوسُکھ۔۔ حأکمَس رۄ برۄ کۄر رُکھ پیش

۔۔۔۔ حأکمَن کۄر وارِیاہ رۄعب وارِیاہ سوال جواب، وارِیاہ جرح۔

صأبرَن وۆنی گوڈٕ پٕٹھٕ أخرس تام سأرِے داستان ہینہٕ ہینہٕ۔ حأکمَن ہۄز جگرٕ کہو

کنو، مگر تَس ۆ رنہٕ صأبر فکرٕ ے، ترِ ہس تہٕ نہٕ فِکرِ تکیٛا زِ حأکمَن چھِ نہٕ اَکثر صأبر

فِکری تران!

---

یہِ ہرگاہ پادشاہ کتھ آسہِ ہے تیٛلہِ گرِژھِ ہے حأکم صأبر ہٕنٛزِ ایماندأری

پٕٹھ خوش تہٕ پٕنٛنس شأہی کیھو فوجی طبیلَس پٕٹھ تھوِ ہَس حأکم اعلأ بلکہِ مأدِیہ ہَس

اَتھ لیاقَس تہٕ دیاتَس پٮ۪ٹھ پننِس کوٗرتہِ نیتھری تہٕ سآری کرہَن اَتہِ اور راجا تاجا!

مگر یہِ آس نہٕ پادشاہ دلیل ، یہِ اوس حقیقی گُدرُن ۔ حاکمَن کوٗر بڈ زِس کھنڈس سوچ ، سہُ اوس شاید سزاہَس مُتعلِق سوچان ۔۔۔ وُٹھَن پٮ۪ٹھ آس ہلکہٕ اَسُن تہٕ اُمی اَسِنہِ ہوٚنجہِ وٚوٗنُن صابرَس۔

''ژٮ۪ے چھے ژوٗر کرمژ''

صابرَن ژھُن کلہٕ بون کُن ۔

''گُربن ہُند شوقین چھُکھ''

''جناب صحیح'' صابرَن دیُت موختصر جواب ۔

''گوسزا تہِ گرٛھی میلُن تہٕ چون شوق تہِ گرٛھہِ پوٗرٕ سپدُن تیلی سپدِ اِنصاف ،ٹھیک چھا؟'' حاکمَن پرٛژھ صابرَس تتھٕ پاٹھی زَن صابرٕ سنز منظوٗری طلب اوس کران ۔

صابرَن دیُتس کلہٕ ستی آنکار کرتھے جواب زِ 'ٹھیک چھُ'

حاکمَن بوزنو وفاصلہِ ۔

''اَزی کہِ پٮ۪ٹھ کرکھ ژطبیلس منز کام یُتھ ژٮ۪ے گُربن ہُند شوق پوٗرٕ

سَپدی، سزاپھے ژنےٚ یہِ زِنہٕ چھے کأنسہِ گُرِس سوأری کرِنی ،نہٕ زین، گنڈُن تہٕ نہٕ یم پننہِ مرضی کُن کڈِنی ،اَکھ نفر آسی ژنےٚ ہمیشہِ ستی روزان، باقٕے رٕوز گُربن ہنز خدمت تتھ گژھی نہٕ کانٛہہ شِکایت ئنِز ۔۔۔ رگو شوق تہِ پوٗرِ تہٕ سزاتہِ ۔۔۔۔روزُن طبیلَس نخٔ کوٹھرِ منز، گو بندوبست مُکمل۔

-------------------------

حأکم اوس بڈٕ چالاک شاید اوس تو ے حأکم تہِ !۔۔۔۔یہِ سزا گو صأبرَس موٗتہٕ کھوٗتہٕ سخ ،تَس ئ چھِنٛی کھوٚہوٚری أسی گُرِی گُری ،اَکھ أکی ہنٛدِ کھوتہٕ اعلیٰ مگر صأبرَس أس صِرف یہِنز لبدٕ ٹلٕنی ،یم چھٕلنی چھوٚکنی، کھرِ کھر کرُن ،مألش کرِنی ،ژأرِتھ دانہٕ کھیاوِنی تہٕ یہِ سورُے کرُن وقتچہٕ پأبندی سان ۔۔۔سہٕ نہٕ ہبکہِ ہے یمن کُن کڈِتھ تہٕ نہٕ سوداگرِ تھ ۔سوأری کرنک اوس نہٕ سوالے ووتھان کأژِہ لٹہِ گوتَس مَتھ زِکُنےٚ ژھالہِ دِمہٕ کأنسہِ گُرِس پیٹھ ووٹھ تہٕ یال ئٹتھ کرَس نَی راگہِ پیٹھ ژوٚپنجل سوأری ۔۔۔مگر سہُ گیو وجُرم ۔۔۔یتھ سزا آسہِ ہے۔

سوأری کرَن وألی أسی بدلٕے ،تم أسی یوان ،سوأری کران ، گُر ژاوان تہٕ سیٚوٚدِ ے محل خانَس منز اژان ۔صأبر اوس تمن گُربن صاف تولیہ ستی عرق وَتھراوان تہٕ لبدٕ ٹلان۔

گُربن اِتھ پأٹھی وُچھ وُچھ زَن پھُٹ ہیٚو صأبر تہٕ وارٕ وارٕ گیہِ تَس سوے وَنَن یوسہِ سفید گُرِس ''وہنہٕ گُرکس'' گُپن گانَس مَنز گییہِ ۔ صأبرَس اوس ووٚنی ووٚتھُن مُشکِل گژھان، سہٕ اوس کوٚٹھن اَتھہٕ دِتھ ووٚتھان ۔ کامہِ وِزِ تہٕ أسِس ووٚنی اَتھہٕ وارٕ وارٕ پکان۔ ـ ـ ـ ـ ـ سہٕ وقت تہٕ آوٚیلہ صأبرَس اکثر گُری سُنٛد عرق وَتھراونہٕ وِزِ تولیہ اَتھہٕ مَنزٕ ؤسی ؤسی پھوان اوس یا کھرٕ کھرٕ اَتھہٕ مَنزٕ وسران اوس۔ ـ ـ ـ ـ حأکمَس أس اَتھہٕ سأری ہے پیٹھ نظر مگر ونان اوسُس نہٕ کینٛہہ ۔ اَمہِ پتہٕ آو سہٕ وقت تہٕ یٚیلہِ سہٕ اَڈِنے گُربن خدمت اوس ہیٚکان کٔرِتھ تہٕ پتہٕ أسِس شانٛش کھسان مگر عجب کتھا أس زِ یہِ تماہ گوس رسہٕ رَسہٕ زیادٕ سَنان زِ سہٕ کرِ ہے یِمَن گھربن سوأری ۔ تِمَن اَتھہٕ لاگنہٕ وِزِ اوس یہِ جنونن زیادٕ دے ہران، دٔمن بَستہِ ہٕندی پأٹھی اوسُس شاہ تیزان ۔ شاید اوس حأکم تہِ تَسنٛدِس أتھی حالتَس پژاران!

---

شام اوسُن گژھُن ہیٚو تُمت ، صأبر اوس دوٚہچہ کامہِ پتہٕ مورٕد ہیٚو ڈوکھ دِتھ آرام کران زِ حأکم سِپُد بلا صدابرٕ وٚنٛنھٕ گنہٕ نأزِل ۔ تَس اوس اَز تہٕ وُٹھن پیٚٹھ سُے ہلکہٕ گُمنیار ۔ صأبرَن کرِ یہِ تھوٚد ووٚتھنٛچ کوٚشِش مگر حأکمَن ہوٚوس

اَتھ ہستی زِبیہہ، تھۆ دوونٛچ چھےٚ نہٕ کانٛہہ ضرۆرت تہٕ کُنہٕ تمہید بغارٕ ے ووتھُس

"وونی چھُکھ نہٕ ہبکان ژٕ کآم وترٲوِتھ، اِوموٚکھ گیی ژٕ ے پٔہکہِ پیٚٹھٕ

چھُٹی، ژٕ ے آسی وونی گُربن ہُنٛد شوق تہِ پورٕ گومُت ۔۔۔۔ پگاہ صُبحن ہرگاہ سُلہِ

نیرَکھ شام تام واتکھ وارٕ کارٕ گھرٕ ونان ونان کڈی تٔمۍ بٹوٕ منٛزٕ ترٕ ے ہَتھ روپیہِ تہٕ

تھاوٕنس برٕ ونٛٹھہٕ کُنہِ ژٕ نکہٕ کھنجہِ پیٹھٕ "یہِ گووٕ ے ژٕ ے محنتانہٕ" سہٕ وۆتھ تھۆ دتہٕ دژاو

دروازٕس کُن ۔ اتہٕ نَس وۆنہٕ نَس بیٚیہِ پۆت پھیرِتھ ۔۔۔ "پگاہ صبحن"

-----------------

صأبر ووت دوہہ لوسنہٕ وِزِہیٚو واپَس پٔنُن گرٕ ۔ اَتہٕ اُس نہٕ تٔسنٛدِ نیرنہٕ

پتہٕ خاص کانٛہہ تبدیلی آمٕژ ۔ دَپھ تٔسنٛد درواز اژٕ وُنے زن لوٗگ سأری ہے کھولو

،سأرِ ے آیہِ الکنہٕ تہٕ ولنہٕ، کینٛژٕ س کالس روٗ دچرٕ ی گیوٚش، یوٚت تام صأبرَن دَم

سنبھول تہٕ چایہِ پیالہٕ کھنڈ چون، تٔمہِ پتہٕ گو دوٗ ہہ دِش ہُنٛد لوہ لنگر شروع، صأبر

ٹوٗٹھ آو واپَس ، اَتھ پیٹھ اُسی سأرٕ ی خوش مگر صأبرَس اوس حأکمن زندگی ہُنٛد

مقصدٕ ے ژٕ ہتھ نیومُت ۔ تَس اوس نہٕ تیوٚت توانگر زِ سہٕ سوچہِ ہے زِ نوِ سرٕ کتہِ

پیٹھٕ کرٕ شروع، ہمسایہِ ماشٹر :۔۔ اُردوٗ ماشٹر غلام نبی باسٔیوس معقول اِنسان یَس

ہستی سہٕ مشورٕ کٔرِتھ ہیکہِ ۔ ماشٹر جین یوٗزِ تٔسنٛز سأرٕ ے دأدی کانٛگرِ تہٕ ژبتھ دِتھ

وونہٕ نَس زِ کیشُن دوٚہَن کرسوٚرِ ے مُشرِتھ آرام یوٚت تام ژٕ ے ہیٚیہِ کامہِ ہُنٛد توانگر یہ یِی ۔۔۔ باقٕے گوتَمہِ پتہٕ سوچُن !

مگر باقٕے سوچنَس آیہِ نہٕ وٲرِی۔ اکہِ دوہہٕ شامَن شوٚنگ صٲبِر صٲب تہِ پتہٕ تہِ وۆتھ نہٕ ۔۔۔ وِدُن رِوُن گو، سینہٕ کوبی سَپز ۔۔۔ سوٗرِ ے کینٛہہ سَپُد تہٕ پتہٕ آو صٲبِر صٲب سُپر دِخاک کرنہٕ ۔۔۔ پیوٚ رتیار کرنٕک سَپُد سَنٛز۔ اُردو ماسٹرس آووننہٕ زِپیٹھ ژٕنو کینٛہہ عبارتھ ۔۔۔ شایانِ شان۔ ماسٹرٕ زَن اوس اَتھ مُتعلِق بڑ وَنٛتھ پیٹھے سوچان، ہکہٕ ژُلس نیٖرِتھ ''شاہ سوار'' ۔۔۔۔ شاہ سوار لیکھیوٚس، تَمہِ پتہٕ لیکھیٖ توس سنہٕ وغیرٕ، یہِ تحریر کرُن لأزمی چھُ۔

---

تنہٕ گو ووٕنی واریاہ کال، واریاہ دولابہٕ آیہِ زمانَس۔ اَز چھُ صٲبِر گلہٕ وانہٕ سنٛزِ قبرِ ژٕچھنِ کھورِ ژٕستھ گرٛھنہٕ ستی واریاہ ملبہٕ کھوٚتمُت، پیوٚ رچھُ وُریہٕ گرٛھِتھ بےٚ مانے ہیوٚ گومُت " شاہ' چھُ ملبَس تَل، صرِف چھُ 'سوارِ ے یوت بوزنہٕ یِوان !

صٲبِر چھُ دلیل بنیامُت، ستھ گتھ گرِی ووٕنی وبتارِ حسابہٕ کِنان چھِ !

---

# شٕر ز

"بلکُل ییٚمی جایہِ پیٛٹھ اوس شٕر ز وُڈو کران"

"اِس خبر چھم" مےٚ وونُس ژٕٹوٗنی گرِتھ، تِکیازِ مےٚ أسی خبر زِ سو چھےٚ بسہِ پڑارنک عذاب کم کرنہٕ خاطرٕ زیٹھر اوان لٔنڈتہٕ بہٕ اوٗسُس امہِ عذابُک ووٚنی عأدی بٔلکہِ اوس ووٚنی یہِ میانہِ زندگی ہُندا کھ حصہٕ ہیوٗ بنیوٗمُت۔

" تیلہ اوس نہٕ یہِ گُل ییٚتہِ نَس" تمہِ وون بیٚیہِ۔

"تتہِ چھم خبر" مےٚ وونُس تنگ یِتھ باقی گتھ پوٚر کران۔ نہ أسی خلکھ ییٚتہِ نَس پننہِ پننہِ بسہِ پڑاران، نہ أس تارکوٚلچ یہِ سڑکتہٕ نہ یہِ بجلی کوٚٹ۔" مےٚ اوس خیال زِ امہِ پتہٕ کرِ سوٗ ژھوپہٕ، پوٚز تہِ سپُد نہٕ۔ میانہِ امہِ گتھِ ستی آیہٕ سو

زیادٕ دے وۄلسنٕس ۔ ظأہرا باسیوٚس زِ تسۍ زِ اتھ گژھِ ستۍ چھےٚ مےٚ پزۍ دِلچسپی ۔

"مبلگل، بلگل تی ۔ ژے، کتھٕ پأٹھۍ چھےٚ خبر؟" تمہِ کوٚر سوال

"تی چھُم بوٚ زمُت" مےٚ گر بیٹھِ ژٕٹونی ۔ "أڑی دپان زون کھنگ اوسُس ہوٚس تہٕ اَڈبن ہُند خیال نالہٕ مَتہٕ رٕٹنگ اوسُس اَمار۔"

"پوٚز کیاہ چھُ؟" تمہِ کوٚر تتھٕ پأٹھۍ سوال زِ مےٚ باسیوٚ وزَن سو پزۍ زانُن أس یژھان زِ پزَر کیا چھُ، شرز اوسا زوٗن کھبٕہ کہِ ہوٚسہٕ تَس تام واتنٕچ کوٗشِش کران کِنہٕ سو نالہٕ مَتہٕ رٹنکہٕ اَمار؟

"خبر دے زانان، ہوٚس اوسہٕ سا کِنہٕ اَمار" میوٚن یہِ جواب بوٚزِتھ گیہِ سو دِل ملوٗل ہِش تہٕ بڑ ژٕرس کھَنڈَس گٔرِن ژھوپہٕ ۔ بہٕ تہِ گوس خوشے زِ بَسہِ پزارنک عذاب کرِ ووٗنی پانٔے برداشت تہٕ مےٚ پُشرِ نہٕ کیٚنہ ۔ مگر تمہِ وون خابہٕ مٔنزۍ زَن گتھِ کران ہیوٚ ۔

"پھِل ژٕنڈٕ رٕہش زوٗن درایہِ نہ دژ اییہِ زِ سُہ اوس اَکھ نظر، صرِف اَکھ نظر ہیوٚ رزوٗنہِ گُن ٹُلان، شایَد یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ واتُن گتھ جایہِ چھُم، پتہٕ اوس پوٗرٕ جستہٕ سان گُنی وُپھ أتھی سیدِ سیٚو دٕٹلان ۔۔" ونان ونان گٔر تمہِ تتھٕ پأٹھۍ ژھوپہٕ زَن وُپھِ ہُند سُہ ژیٚوہ سوزوان أس ۔

''تہٕ تمہِ پتہٕ؟'' مےٚ کوٚر سوال تہٕ سوزَن گیہِ خابہٕ منٛزٕ بیٚدار۔

''پتہٕ کیاہ؟'' تَس اُس آواز زَن کھوکھرِیمٕژ۔ ''پتہٕ اوس سُہ اَڈی ژھٕکِتھ تَمی رفتارٕ واپَس بون لاینہٕ یِوان یَیمہِ رفتارٕ کھوٚتمُت اوس تہٕ بونہٕ گنہِ ۔۔۔بونہٕ گنہِ۔۔'' وَنان وَنان راٚوی تَس لفظے تہٕ مےٚ کوٚر تَسُنٛد جُملہٕ پوٗرٕ۔'' تہٕ بونہٕ گنہِ اوس سُہ چھکرنہٕ یِوان، تانَن اُسِس کیٚمی و وتھان کیٚمی اُسی اَکھ اَکِس کھوان، آخرَس اوس اَکھ روزان، سُے اوس بیٚیِہِ شرز ہُتھ بیٚیِہِ زوٗنہِ گَن لاران۔۔۔زانہِ دَے کھٕنٛکہ ہوسا کِنہٕ نالہٕ رٕٹنکہِ امارٕ''

تَس گومیٚانٛی یہِ گَتھ بوٗزِتھ خبَر کیٚاشکھ تہٕ سبٹھانیٖہ ییٚتھ وٗنن شھَن شھَن منٛزٕ رے۔'' ژےٚ ہرگاہ یِیہ پےٚ چھےٚ تیٚلہِ آسی یہِ تہٕ خبَر زِ سُہ کیٚتہِ چھُ ووٗنی، کیاہ چھُ کران، تَس کیاہ سپُد، سُہ اَمار کیٚاز ژرٕ ووٗن؟''

''اَمارآ کِنہٕ ہوَس'' مےٚ پرٕ ژھُس۔

''خبَر تہٕ چھَم نہٕ خبَر!'' وَنان وَنان پھیٚر سو دوٚیمِس طرفَس کُن۔زَن سو کیٚاہتام کھٕٹِتھ اُس تھوٗن یژھان، ووٗنی ہیٚوٗتُن مےٚ باسُن ئلکہِ گوم یقین ہیٚوٗ زَن سو چھےٚ نہٕ صرِف بَسہِ پژارنٛک عذاب کَم کرنہٕ خاطرٕ ریوت گَتھ زیٚٹھراوان۔پوٚز خبَر کیٚازِ اوسُس نہٕ بہٕ توتہٕ پنٛنِس اَتھ باسنَس پیٚٹھ پژھ کرٕنی

یژھان۔ خبَر کیاژِ آومےٚ پننِہٕ اَتھ باسٕنٕس پپٹھ أندرٕ زَن زنمہٕ زَنمَن ہُنٛد کرٕ چھُر ووٚتلِتھ تہٕ مےٚ دِژ تنگ یتھ کرحمنہٕ زیچھِ تارکول سڑکہِ کُن نظر زِ بَس ما گیہِ کُنہِ بوٚد۔ شاید اَمی کرچھُر کہِ احساسہٕ ووٚنُس مےٚ ''تَس سَپُد یہِ زِیہِ وولہٕرِش وٕژھ، خبَر کیاژِ؟ تہِ چھُ نہٕ پوٚرِ پاٹھی کانٛسہِ پَے، شہر گام ووٚتھ ہُوٚے۔۔۔۔ دوٚیُکھ زِ اَسی چھِ نہٕ تہِ یہِ اَسی چھِ۔ تہٕ یہِ اَسی چھِ تہِ چھُکھ نیوٚمُت۔ کُس تام چھُ پھوٚرمُت۔ گولہِ چَلییہِ تہٕ جلسہٕ سَپدی تِمی وِنیو وواریاہ زِیہِ چھُس شرز، پوٚز پَژھ کُرِس نہٕ کانٛسہِ ئلکہِ تُل لوٚگو پھوتہِ۔۔ ثأبت کرِ ہے مگر۔۔۔ کُنی پہچان أسِس زوٚنہِ تام وُپھ تُلنُک توانگر۔ مگر تمہِ پننِم دژایہِ نہٕ زوٚنے، تمہِ اوس شاید گوڈے۔۔۔۔۔۔۔۔ یہِ اوسُس وُنہِ جُملہٕ مُکمل کرنے زِسو وٕژھی پپٹھے ''ژٕ وَن صرِف شرٕ زَس کیاہ سَپُد؟''

''کیاژِ؟'' مےٚ پرُژھُس۔

''تِکیاژِ زوٚنہِ ہُنٛد قصہٕ چھُ واریاہ ژھوٚٹ تہٕ واریاہ موختصَر تہٕ بَس ینٛس چھُ وُنہِ واریاہ کال۔''

''گوژ چھُکھ صرِف بَسہِ پژاران؟''

''تہٕ ژٕ؟'' تمہِ ووٚن لب خندٕ کرِتھ۔

"ووٚنی بہٕ تہٕ"

"کیاہ سَپُد شرٛ زَس؟" سو آیہٕ بیٚیہٕ شرٛزٕ سٕنزٕ ڈلیلہٕ پیٹھ۔

"کیاہ سَپُد س، دِل ہنگہٕ منگہٕ پھٹنہٕ گوس رَتھ باڈٕ، وُپھنگ تو انگر گوس ختم تہٕ پزٕ ی رأوس پہچان، وأتی متنو ووٚنُس زِ اَتھ چھےٚ ڈٕرکہٕ اِعلاج" پوٚ زدژ کہٕ گری أسی گر تام بُستی ترٛأوِتھ ژٕلی ٕتی۔ تِکیازِ ووٚنی اوس نہٕ کأنٛسے رَتھ باڈٕ گژھان، تیٚوٚت خون اوسُے نہٕ کأنٛسہِ۔ سُہ اوس شاید وولہرٕش ووتھنہٕ وِزِ وَتن چھکنہٕ آمُت، خاکس منٛز جذب گومُت، تہٕ باقٕی یہٕ کینٛژھا روٗ دمُت اوس تُمی اوس رَنٛگے بدلو ومُت، اَنہارٕ ے تبدیل کوٚرمُت۔ تھٕکِتھ ژٕ ٹنووٕ تُمی سہ اَنٛگے یَتھ رَتھ باڈٕ اوس گومُت، سُہ اوساوُ ڈٕ وکرنٛک ولولہٕ کِنہٕ زوٗنہِ ہُنٛد اَماریُس تَس ژٕ ٹناوُن پیو، یہِ چھُنہٕ تَس بغیر کأنٛسہِ پَے" یہٕ اوسُس بزٕ ونٛہہ کُن کیہنہ وننہٕ خأطرٕ شیٚہے سومبران زِسوئٕ ژھ بےٚ قرار ہیوٚ گژھِتھ پیٹھے، "اِل پتہٕ"

"پتہٕ کیاہ؟ پتہٕ رأوتَس پزٕ ی پہچان"

"تہٕ ووٚنی؟" تمہِ پرٛوٚ ژھ بیٚیہٕ

"ووٚنی" مےٚ ووٚنُس اَسان اَسان "ووٚنی آسہِ سُہ تہِ چأنی میأنی پأٹھی گُنہِ جایہِ، کُنہِ گُلس نعتہٕ یتھے پأٹھی بَسہِ پرٛاران!"

''کتہٕ نَس گتھ گُلس تل ،ژنے ہرگاییٚ پتہٕ چھے تیلہِ آسی یہِ تہٕ خمر زِٕ سہ اوسازۄن کھنکہِ ہوسہِ کھسان کِنہٕ سونالہٕ مَتہٕ رٹنکہِ اَمارِ؟''

تسٕنز بےٚ قرأری أس، وونی حدٕس پیٹھ وأژی ہٕز تہٕ اَمہِ بڑ وٚنہہ زِبہٕ دِمہٕ ہاتَسٕند بن سَوالَن کانٚہہ جواب اچانک آیہِ پوٚتُس پتھ زِ بَسہٕ ۔سوکھٕو پننہِ تہٕ بہٕ پننہِ بَسہِ ،پوٚ زبَسہِ کھسان کھسان وۄنُس مے ''یہَے گُل چھے نِشانہٕ آینٕد ییٚلہِ یِتی سَمکھو وَنے پتہٕ کیاہ سَپُد ---۔پوٚ زشاید چھُ تنہٕ بیٚیہِ کیا ہتام سَپُد مُت ، شاید وولہرِ ش آمٕژ ۔سہٕ گُل چھنہٕ سرٛکہِ دۄردۄرتام کُنہِ نظرِ گژھان ،یُس اَسہ دِۄبارٕ سمکھنگ نیب اوس۔

---------

# کینٛہہ اٚنہٕ کھنجہِ

دُنیاہچ ووسہٕ دژ وسہٕ چھےٚ لامحدوٗد،

ووسہٕ دژ وسہٕ ہنٛدِس اَتھ بےٚ اٚنتھ سمندرَس منٛز چھےٚ زندگی ہنٛزٕ واریاہ سَنہٕ وُشہِ کہاٚنی جٹ جہازٕ چہِ دِہی رِ رکھِ ہندی پاٚٹھی گوڈٕ اٚندٕری گتھ تامٕ نیلس اَسمانَس زَن چاک کران تہٕ پتہٕ بےٚ آواز وارٕ وارٕ اَمی اَسمانک اَکھ حِصہٕ بنان۔ یوٚ تام اٚخرَس اَسمانَس پنُن رَنٛگ ڈلان چھُ، احساس چھُ عذاب، دیوانگی ہُند دوٚیِم ناو۔

مےٚ چھُ اَز یہِ مکانہٕ ترٛاوُن، پنُن ماچھم، کرایہِ ہُند مکانہٕ۔ مےٚ مگر باسَن زَن بہٕ جلاوطَن چھُس گژھان۔ یُس مکانہٕ بہٕ وُچھنہِ چھُس گژھان سُہ تہِ چھُ کرایہِ پیٹھے رٹُن۔

''جے ہِند !'' درواز س اَژِ وُنے چھُ کُمی تام شُرِ اونٹرِ کھونٹرِ پاٗٹھی لیٚو کھمُت ''بھوشن کُمار کول چوتھی جماعت۔ رول نمبر ۱۲۔ سیکشن بی''

بھوشن کُمار، رنگہٕ پرٛ ون، تہٕ مُکنڈٕ ن پیٹھ وۄشلُن اُر گرِتھ بہتھ، اُچھ زوتہٕ وِنہٕ چمکدار، وُٹھن لاجورد پنسلچ میل لارِ یمژ، بوٚ ڈ کِتابہٕ بیگ ناٗلی، کِٹ کمرِ نِشہٕ بون وٕستھ روٗنکھچہٕ اُڈی جہِ پیٹھ اَلونٛد، تلہٕ کوٗٹھو بون ووتھمُت، مندرِ کہِ حمامہٕ کِس پاٗنرِ ہٕندی پاٗٹھی قمیضہٕ پتہٕ بُتھہِ ڈھیر گومُت تہٕ لبہٕ چاکھوٚ کِنی لرِ کانہِ گنٛزرانہٕ یِوان۔

وُنہٕ چھُ اُمس بھوشنس باہَن '۱۲' ژۄدہَن '۱۴' وُری یَن پرٛنے یوت۔ اِمتحان دِنی، پاس گژھن پتہٕ نوکری ژھانڈٕنی۔ کِرایہ مکانہٕ بَدلاوٕنی تہٕ بَدلاوٕنی ۔۔۔۔۔تہٕ بَدلاوٕنی !

نِیلس اَسمانس گژھن خبَرٕ کِتی جٹ جہازٕ دِہ لکیرٕ وٕتی زِ حصہٕ، زٕ حِصہٕ، ییہٕ زِ حِصہٕ گرِتھ۔ دِہہ گژھِ تحلیل سپدان یوٚٹ تام نیٖلِس اَسمانس پُٗن رَنٛگ ڈلہِ۔۔ واریاہ کِتابہٕ چھپَن، واریاہ اخبارٕ ن شُنی یِہس لگہِ ژھانٛڈ۔۔۔ تہٕ واریاہ سپر گژھن فاش۔۔۔

حبس چھُ عذاب!

''۔۔۔چوتھی جماعت رول نمبر۱۲۔۔۔'' اَمہِ پتہٕ چھےٚ چاکہٕ رکھ سیٚو دہیرِ لبہِ لبہِ دٕویمہِ پوٗرٕ کِس لوکٹہِ گُٹھِ کِس درواز َس تام گرٛھان۔ اَتھی خطس منٛز چھُ بیٚیہِ لیکھت ''یہ کمرا میرا ہے''

بھوشنہٕ چھُنہٕ وُنہِ تھوٚکمُت۔ وُنہِ چھےٚ نہٕ تَس اَسمانکس رَنٛگس پیٹھ نظر پیمٕژ۔ وُنہِ لیکھِ یہِ بیٚیہِ واریاہَن جایَن یتھےٚ پاٹھۍ۔ پانَس تسلا دِیِن تہٕ چھےٚ اَکھ بڈٕ گتھ۔ خام کاٗری تہٕ ہکوس وٕنتھ۔۔۔!

پوٗرٕ زورٕ سان دَکہٕ دِنہٕ ستی آو کُوٹھرِ ہُنٛد درواز ٕ کرر کرِتھ مُژراونہٕ تہٕ ستی ژٲلیہِ زٕ (۲) ترے (۳) گگر ووٗتھ کھبتھ کوٚنہٕ چہٕ اَکِس واجہ منٛز۔ واجہِ نبرٕ گنہِ چھےٚ واریاہ ڈوٗنی کنٛجہِ چھکرانہٕ آمٕژ۔ اَتھی کوٚنَس سیٚدٕ سیٚو دچھُ بوٚڈ زٕلری زال۔ زالَس منٛز اَکھ موٗمٕژ مچھ۔

پیٚٹھی مِس تاخچَس پیٹھ چھُ اَکھ ژھیٚونمُت بُلاٹنگ پیپَر دٕویمہِ جمأژ ہنٛز پرٛأنی اُردو کتاب، یتھ کوٚن بیرٕی ہکی پاٹھی وٹنہٕ آمٕژ چھِ۔

''پہلا سبق۔ اندھے کی کہانی'' یوٗرٕ چھُ بھوشنَن لیٚو کھمُت ''میرا ماسٹر اندھا ہے!''

میٚون اَنٛد ازٕ چھُ شاید غلط۔ بھوشنَس چھےٚ اَسمانکہِ اصلی رنٛگ شاید پتاہ

،اَسمانٔس زِھصہٕ کرن واجینٛہ دٕچ لکیر چھےٚ نہٕ ظأہرا تِہنٛدِ خأطرٕ کانٛہہ نٔو کتھا روٗز مژ۔

ہُنہ مُچھ یِیمہِ ساتہٕ اَتھ زٕلرِ زالَس اُنجُس آسہِ خبَر کأژاچکہٕ آسَن تمہِ دِژمژ

"ہے بھگوان مُجھے پاس کردے نہیں تو مُجھے مار ڈال" بھوشنَن چھُ کتابہِ ہنٛدِس اَخری ورقَس پیٹھ سُے فلسفہ پھیٚوٗ رمُت یُس تمی بُزرگن نِشہِ بوٗزمُت اوس۔ بھوشنہٕ چھُ تِتی نَس یتہِ نَس تیٚنٛز پتہِ م۔ تمہِ برٛونٛہہ تہٕ تمہ برٛونٛہہ پیٚر اُس۔۔۔ جٹ جہازٕ چ رفتار چھےٚ آوازِ کھوتہٕ تہِ تیز ہبکان سَپدِتھ۔ مگر دٕچ لکیر چھےٚ اَسمانٔس زِھصہٕ کران، گُنہِ تہِ رفتار پیٹھ۔

حسرِ اَتھ رفتارِہ؟

اِنسانَن نَے بھگوان تہِ بنووُمت آسہِ ہےسُہ کیاہ سنا کرِ ہے؟

خاہشَن ہُنٛد دأیرٕ چھُ سٮ۪ٹھا وسیع تہٕ بےبُسی ہُنٛد دامن چھُ اَمہِ کھوتہٕ بوڈ۔ پرٛتھ تمنا چھےٚ اِنسانہٕ سٕنٛزِ بےبُسی ہُنٛد اِظہار۔

بیاکھ کُتھ چھُ اَمہِ کھوتہِ ہنا بوٚڈ پہَن۔ اَژٕ وٕنی چھُ سیٚدِ سیٚوٗ دلبہِ پیٹھ ۱۹۵۹ ٹھک کلینڈر، اکہِ کوٗنہٕ برٛنجہِ ستی الونٛد روٗزِتھ تھوٚکمُت ہیٚوٗ۔

کلینڈرَس چھےٚ أکس مشہوٗر فِلمی جورِہنٛز تصویر۔ اَکھ أکس گٕن مایہِ بُرٛژ وٚنظرَ و وُچھان۔ احساسَن مجبوٗر گوٚھتھ چھُ کٔمی تام اَکھ شیشہِ محل تعمیر کوٚرمُت۔ پتہٕ دُنیا کہِ ہمہٕ پانٕے اَتھ شیش محلَس پھینٛٹ کڈٕمٕژ۔

شیشہِ پھُٹنہٕ چھُ نہٕ تیٚوٗت تکلیف سپدان یوٚت شیشہٕ چوٗرِ ستی زخمی سپدنہٕ موکھٕ گژھان چھُ۔

دِل چھُ اَکھ احرام۔ خبر کأتہِ کالہٕ پیٹھٕ ارمانن ہنٛزِ لاشہِ تہٕ احساسَن ہنٛز دولت ژٕوٗ رِتھاوِتھ۔

پُتھرِس چھِ واریاہ لَژھ تہٕ گرٕد۔ کُٹھِ کس أکس کوٗنَس منٛز چھُ ژھیٚونمُت تاکہٕ فرٕد، دأیمی مریضہٕ ہٕندی پأٹھی أخری شاہ گنٛز راوان۔ تاکہٕ فردِ کس کوٗنَس تَل چھُ دأشتوِ کنگوٚیک اَکھ کوٚن بوزنہٕ یِوان۔ دأیمی مریضہِ ہٕند بولَرَ و تلہٕ دژاو اکہِ وقتُک موٗلُل راز۔ اکہِ ژِہچ کاینات، اَکھ عالما۔

تاکہٕ فردِ چوٗ دٕرزَ وٕ کنٕز اَس نیلس لِفافس پیٹھ گرداوٗ نگجن ہٕندی نِشانہٕ ہٕش پیمٕژ۔ زَن کٔتھ تام پولرِس بُتھس بےٚ شوٗنکھ پأٹھی دُوٗدرٕ چیاتھ لِگتھ لاہہٕ آسہٕ کھٕرٕمٕژ۔

کٔمی تام چھُ کٔس تام محبت نامہِ لیٚوٗکھمُت!

دوٚیمہِ طرفہٕ چھےٚ لَبہٕ پیٹھ پلۓ بورڈٕ چہ (Plyboard) اَکھ ہٕر لگاوِتھ۔ اَتھ پیٹھ چھےٚ اَکھ نیم ژھینٛیٚ مٕژ فِلمی کِتاب، خٲلی کرٛیمہِ بوتل، کیٛشہ بنگرِ کھنجہِ۔ أتھی بونہٕ گنہِ ژٕنٛس پیٹھ چھُ بوٚڈ سیاہ تپلہٕ داغ۔ اَتہ نَس کُس سنا آسہِ ہے بیہان۔ وارِیاہ زیوٚٹھ وقت چھُ تِمی اَتھ ژٕنٛس ہٕتی ڈوکھ دِتھ گزورمُت۔ وٕری وادِ، اَکھ وانٛسا۔ لٕر چِھ جایہِ چھےٚ اَتھ بِڈس کرٕہنس تپلہٕ داغَس لٕٹ ہٕش دژامٕژ۔ یہے کرٕ وہُن گلہِ افتاب ہٕیٚو، ژٕنٛس پیٹھ وٕٹسی گومُت۔ ظٲہرا چھُ سبٹھا بڑ وٹھ آفتابَن یپاٚری کھسنے ترٛوومُت!

یہٕ چھےٚ کٲنی۔ اکہِ لَبہٕ ہٕندِ بن بارٕ تُھن منٛز چھُ سبٹھا پڑ ون تہٕ لوکُٹ أنہٕ پوٚٹ قید، یَتھ مُچھ چھےٚ پیٚمٕژ۔ وارِیاہو بُتھو چھِ اَتھ ضرب دِتی مٕتی۔ خبر یہِ وُچھِتھ کیاہ زِ چھُ مےٚ گنٛدٕ پانیک سہُ دوٚب یاد پیوان یَتھ أسی لوکچارٕ واتِل دوٚب ونان أسی۔ أنَس سیٚدِ سیوٚد چھُ پیٹھ گنہِ سینٛڈرِ ہٕتی اوم بناوِتھ۔ موٚچِہ سینٛڈرِ ہٕندِ بن وٚٹھن وٚٹھن ریزن پیٹھ چھےٚ ہاے جمیمٕژ۔ زن ابا أسی بَدنَس بےٚ شُمار شُشلی دژامٕتی۔

یہٕ أنہٕ پزِ عذابہِ نشہِ موکلاوُن!

بےٚ شوٚنگی پاٚٹھی وٕژھ مےٚ ہکہٕ نٕرتہٕ کُنی مَشتہٕ گیہِ أنَس وارِیاہ ٹکرٕ۔ أنہٕ

تلہٕ دژایہٕ صاف لَب ۔ بالکل صاف ۔۔۔سوٚنتھ تاپہٕ اَسمان ہیوٚ وُنی کرِ ختم گُس جٹ جہازٕ شوٗں گٔرتھ اَسمانَس دِہہٕ رِکھہٕ ستیٚ زِ حصہٕ، پتہٕ بیٚیہٕ زِ حصہٕ تہٕ پتہٕ بیٚیہٕ۔یوٚت تام اَسمانَس رَنگے بَدلہِ۔

"ٹھیک چھُ" ہیرٕ بون لِوزبس بالکل صاف!

یُس مکانہٕ مےٚ ترٛ ووتہِ تہِ چھُ گُس تام میانین نِشانَن اِتھے پاٹھی ہُر پھِران!'

احساس چھُ دیوانگی ہُند دوٚیم ناو!

---

# نکھۍ تلُک ووپَر

الغائبہٕ لوٗگ تَس میانہِ دَکہٕ، کِنہٕ تٔسنٛدی لوٗگ مےٚ بہٕ ہبکہٕ نہٕ سبکہٕ
پأٹھی وٕنتھ تِکیازِ لوٗگن ہٕنٛز بیرٕ بیرَ ےأس تیٚژ زِیہِ وُنن اوس مُشکِل زِ دَکہٕ چھا
اوٕرِ یِوان کِنہٕ یورٕ
خلقتھ گیہِ ہُران۔
سأری أسی پراران زِوُنی نتہٕ وُنی یِیہِ۔
تٔسنٛدِ أمارٕ اوس لوٗگن گرَن گُلُف دُیٚن تام مُشتھ گومُت ۔پرٛتھ کأنٛسہِ
زَن اوس ہِتھ زِ ازگرٛ دِنہٕ کانٛہہ پھٔرِتھ۔مےٚ أس کالے ییتھ جاے رٕٹمٕژ تِکیازِ

بہٕ اوٗسس زأنتھ زِبرٕ وٕنٹھ گنہِ جاے میلنٕ گژھا، پگاہ آسہٕ نہٕ ییٚتہٕ پوٚ دتڑ اوٗنس تہٕ وتھ ۔پوٚ زتہٕ گرِتھ تہِ اوٗسس بہٕ دَ کہٕ دَ کہِ ستی پننہِ جایہِ نِشہِ واریاہ پتھ ووٗتمت۔

تہٕ ووٗنی ییٚلہِ واریاہ کالہٕ کہِ کھولہٕ پتہٕ لگھ قرار سان یہِ ڈٕپہٕ زِ تہٕ تِہہٕ اُسی پیٹھیٕ متی تَس لوٚگ میانہِ الغأبہٕ دَ کہٕ تہٕ مےٚ تَسنٛدِ ۔تَسنٛدِ ستی بیٚیس پتہٕ بیٚیس تہٕ پتہٕ بیٚیس تہٕ تتھٕ پأٹھی گیہِ سأری سے ہوٚجؤمس تمہِ آیہٕ گڑاے زَن بَرجستہٕ داں ڈوٗرِس اکہِ انٛدٕ ہوارِنگہِ دَ کہٕ دُیٔت۔

''یہِ گیہِ چین ری ایکشن (Chain Reaction) تمِ

ووٚن تہٕ مےٚ کوٚرُس کلہٕ ستی نکار زِ یہِ گیہِ نہٕ۔

''پتھ اِدِ ؟'' تمی پرٛژھ۔

''یہِ گیہِ بےٚ قرأری۔'' مےٚ دِیُتُس جواب۔

''اِں'' تمی ووٚن پانہٕ سے ستی تہٕ بیٚوٹھ تتھٕ پأٹھی پڑارنہِ زَن تَس بہتھ اوس زِبہٕ وَنہٕ مزید کینٛہہ۔پوٚز مےٚ اوس نہٕ ووٚپرس وَنُن لایکھ کہنی۔اَکثر چھُ یِلی سَپدان ییٚلہِ ہوٚجؤم بڈان چھُ نکھٕ تلُک چھُ ووٚپَر آسان ۔شور آسان مجمس منٛز واریاہ مگر کانٛہہ نہٕ کأنسہِ ستی کتھ کران ۔کتھِ رٕنگی باسان بہٕ چھس گن تہٕ مےٚ أندی أندی چھُ گہُل جنگل۔

''خبر کیاہ آسکھ فأصلہٕ کوٚر رُمت ؟'' یوٚت تشویش تٔسنٛد بن لفظن منٛز اوس تیوٚت اوس نہٕ تٔسنٛدِس لہجس منٛز۔ تٔمۍ وٚون ئمۍ شاید لنٛڈ زِٹھر اونہٕ خأطرٕ۔ گتھن آسہٕ مےٚ تہٕ پھٕچِہ گأمژٕ مگر وو پرس کیاہ اوٚ زِ۔ عمل پھٕر اونہٕ خأطرٕ دِیت مےٚ تہٕ تسنٛزِ گتھ ئمۍ جواب۔

''رُتے آسہٕ، رٕتھن موٚ ہنٛو بن ہُنٛد فأصلہٕ تہٕ آسہٕ رُتے۔''

تٔمۍ وُچھ اورٕ تتھ پأٹھی زَن تَس میانہٕ گتھ پٹھ شک اوس۔ حالانکہٕ مےٚ تہٕ اُس، صرف بوس ژھأنٛژ ھنا ونہٕ خأطرٕ ے گتھ کرٕمژ۔

اَمہٕ پتہٕ گیہ پیٹنس کھنڈٕس ژھوپہ۔ صرِف روٗد ہیو مک شور، پوٚز کانہہ اوس نہٕ کأنٛسہٕ ستی گتھ کران، تِکیازِ پرٛتھ کأنٛسہٕ اوس نکھٕ تلک ووپر، امہٕ پتہٕ گو یکدم شور تہٕ بند۔ بلکُل بند، زَن سارِنے مأنتھرٕ اسکھ دِژمژ۔ خبرٕ کتِس کألس روٗ زیہے حالتھ تہٕ پتہٕ کھتی گوڈٕ مَشقی تہٕ تمو کوٚر پنٛڈالہٕ تامچہٕ وَتہٕ چھرکاو ۔۔۔ ژھوپہٕ اُس بدستوٗر قأیم، صرِف اوس چُھر کھ، چھر کھ، آب چھکنگ صداکَن گرژھان۔ تم پتہٕ پأٹھی بےٚ صدا آیہ تتھے پأٹھی دژایہ واپس۔ تِہنٛدِ پتہٕ کھتی فراش تہٕ تمو وَہروو پنٛڈال تام وَتہٕ زیٹھِ زیوٚٹھ ووزُل قألینہٕ۔ یتنٛس یتنٛس شُہُل اوس تتِہ نَس اوس قألینہٕ خوٗن ہیو باسان تہٕ یتھ جایہ تاپھ اوس

پھوان تتہٕ نَس اوس باسان زَن نارٕ چپاٗژ چھےٚ ووتھان ۔ فراش دژ ایہِ واپَس تہٕ
بژنژی کھٔنڈی کھڑٕ پُشنہِ، تمو کوٚر رسأری ہے پِنڈ اَلس کیہو سڑکہِ پوشہِ وَرشُن تہٕ
دژ ایہِ اَدبہٕ سان گلہٕ نوٚ مرأ وِتھ واپَس ۔

''ووٗنی کھسہِ نأ گی راے!'' تمی وٚون وُٹھو تلی مےٚ کُن ۔

تی نتہٕ تی سَپُد، گوڈٕ کھٔتی اُمرا، مصأیب تہٕ وزیر تہٕ تمو پتہٕ سہُ پانہٕ
۔۔۔۔سہٕ اوسانأ گی راے کِنہٕ نہ تہِ ہیٚوک نہٕ کأنسہِ وٕنتھ پوٚز زیوُنے کوٚر تمی
دودِ کڑ ایہِ وٕستھ ذات پرٕ زناونُک طریقہٕ منسوخ تہٕ اعلان آو کرنہٕ زِ أزِ کہِ پیٹھٕ
چھےٚ سأنی شِناخت یہٕ زِیَس تہٕ کأنسہِ کُنہِ اَنگس، کُنہِ بَندس پیٹھ لکھچُن آسہِ سہُ چھُ
نہٕ اَسہِ منٔزٕ، سہُ چھُنہٕ أسی ۔ یہَے چھےٚ سأنی شِناخت، سأنی پہچان، سون تشخص،
لکھچُن چھُ داغ تہٕ داغ ہیکہِ نہٕ ۔۔۔۔۔

تمی وٚون اَمہِ پتہٕ تہِ واریاہ کینٛہہ پوٚز تہٕ بوٗزنہٕ کأنسہِ تِکیازِ ذات
پرٕ زناوُنک نو واعلانہٕ بوٗزنَس ستی ووٚتھ ہوٚ جوٗمَس منٔز بےٚ پناہ شور۔ سارِنے ٕئج
چھگ، أڈی أسی بتھِ ژلان تہٕ أڈی پتہٕ لاران ۔ مےٚ تھوٚو تژہرِ تھ بُتھِ پیٹھٕ کِس
لکھچنَس پیٹھ اَتھِ زِنگھِ تلُک وو پَر ووٚتھ دِلاسہٕ دِنہٕ کہِ اَند ازِ ۔

''گابَر مَہ سأ بابا، ووٚلہٕ مےٚ ستی، پرٕتھ کُنہِ چھُ علاج'' ۔۔ ونان

وَنانے دِژتُمی مے نَرِ تھِسھ تہٕ بچأوِتھ کوٚ ڈنَس ہوٚ جوٗمہٕ نبر۔

ووٗنی اوس نہٕ لکھچٕن لال 'پڑزلن' نہ' 'ہرٕنی' ژھال، تہٕ نہ 'زُلفچ اَر' ۔۔۔ ووٗنی اوس یہٕ شاپھ، اَکھ گوناہ، اَکھ روٗگ، یتھ چھوٗہ اوس تہٕ یہوٚے چھوٗہ مِٹاونہٕ خاطرٕ واتنووُس بہٕ نکھٕ تٕلکی ووپرَن گمَن گمَن باکمال اِنسانَن نَش۔ اَڈبو کوٚرمے خوٗنس ٹیسٹ، اَڈبو پرکھأووسہٕ ہٕنز ساخ تہٕ اَڈبو ماز چ کھو اَڈجن ہٕنز بناوٹھ۔ مگر سارنے ہٕنز اَس گُنی راے زِ تژھ چھےٚ نہٕ کانٛہہ فرقا یوسہٕ دُرست کرِتھ لکھچٕن غأب گژھِ۔ مےٚ ووٗنکھ عاجزی سان زِ کوٗرِتھ تہِ ہیکہِ نا کڈنہٕ یتھ۔ دَپانَے سرجری چھےٚ کمالس وأژھمٕژ ۔۔۔ یہٕ بوٗ زِتھ گرنو ونکھ تٕلکی ووپرن مےٚ نوسرٕ مُلاحظہٕ۔ بہٕ کھورہوٚس مشینَن، ایکس رے آیہِ تُلنہٕ، خوٗنس تہِ سپُد نوٚو ٹیسٹ۔ سارنے ہٕندی رپورٹ سپدی جمع، رِپورٹن پیٹھ سپُد مشورٕ تہٕ امہِ پتہٕ ووٚتھ ماہرَن ہُند زیٗٹھ مےٚ کُن۔

''بباتہِ ہیکہِ نہٕ بنتھ، یہٕ ہیکہِ نہٕ کوٗرِتھ کڈنہٕ یتھ!''

''کیاز؟'' مےٚ پرژھس۔

''تِکیازِ اَمکی موٗل چھِ سبٹھا سٔنی، چأنِس خوٗنس منز، چأنِن اَنتہ کرنَن منز، چأنِن سنسکارَن منز، چأنِن جینزن منز ۔۔۔ پیر ہا پیربن منز ۔۔۔'' سہٕ

بیٚوٹھ بڑ وٹھ کُن وننہِ ۔۔۔۔ ''ہرگاہ یہِ کڈٕنچ کوٗشش کرِو، ژےٚ ڈٲلی رَنگٕے ،

شکلہٕ بدلی۔ ژےٚ راوِی انہارٕ ے، ژٕ روز کھ مُشکلَن ژھاے، ننہٕ خٲلی بڑٕ م''

تَسنٛز کتھ بوٗزِتھ گوس بہٕ سَخ موٗیوٗس تہٕ میانہِ کھوتہٕ زیادٕ میوٗن نگھ تلُک ووپر۔

''گابرمہِ پیر فقیر چھِ وُنہِ باقی'' تٔمی وٚون مےٚ تسلا دِوان۔

''دَپان اَکھ وو تمُت مَستانہٕ چھُ آمُت ، شُمشان بَلہٕ چھُ روزان ، بڈٕ

توٗت چھُ ۔۔۔دَپان ننہِ کراماژ چھُ کران۔''

تہٕ یٚیلہِ بہٕ تٔمی مستانَس ہووُس ، تٔمی کٔر اَکھ نظرا مےٚ تہٕ اَکھ نگھٕ تلہٕ کَس

ووپرَس ، پتہٕ تجُن اَسمانَس کُن اُچھ تہٕ بڑٕ ژٕس کھَنڈَس نَبَس ؤنی دِتھ ہیٚوٚ پھشیٚو رمےٚ

کُن ''یٚیمہِ دوہہٕ اُمِس تہٕ حاجتھ پٚیِہ یُتھ نہٕ دَغا کرِہٕس ، پانَے أنی زبن یور،

مےٚ نِش''

اَمہِ پتہٕ ژٕھنُن جولہِ منٛز اَتھ تہٕ اورٕ کوٚڈُن ماژٕ نتھر دِتھ کرٕ ہُن کال ہیٚوٚ

بیٚوچ ۔۔۔''یہِ چھُ چانہِ دادِ یٚک دوَا'' تٔمی وٚون بیٚوچ اَتھَس منٛزٕ یتھ۔

''مگر ۔۔۔۔ مگر یہِ کُس اعلاج چھُ''

''یوہے چھے کُن اعلاج، یتھ پاٹھی ینگہٕ دِنہٕ گُل ہَران چھُ، تتھے پاٹھی

ہَری یہِ لکھچُن تہٕ پیچ ہِشدِ زہرٕ ۔'' ونان وَنان ژُل تٔمی بیٚوچ تہٕ ٹوپھ دِہٕ ڈکی کاٹتہٕ زٕتھوٚر

نَس میانہٕ بُتھِ کِس لِلھچِنِس پیٹھ۔ مأنتھر پھُٹر اُون تہٕ بیوٚچ آو حرکتس منٛز۔ بچ

سوور گوڈٕ کأنٛژوٕ ستی میانہٕ لِلھچُنگ ووگنیار پینٛتس کھنڈٕ ۔ س، اَمہٕ پتہٕ رُکیا وہَناتہٕ پتہٕ

کُرِنی لچہٕ ہنٛدی سأری زہر برِتھ بستوٚ رکھڑا، برٕ ونٛہم کأنٛژہٕ ژٕھکرِن میأنس لِلھچِنِس

تہٕ دِژِن اَکھٹوپھ، پتہٕ بیا کھٹوپھ، پتہٕ بیا کھ، پتہٕ بیا کھ تہٕ پتہٕ خبر کأژاہ ٹوپہ

۔۔۔۔۔بہٕ گوس بےٚ ہوش تہٕ یٚیلہِ مےٚ ہوش آو، بُتھیگ لِلھچُن اوس پزٕی پأٹھی

ہرِتھ پیٚومُت تِتھے پأٹھی ییتھِ پأٹھی یینگہِ دِنہٕ ستی کُل ہرِتھ پیوان چھُ۔ مگر زہر

اوس مےٚ رَگَن رَگَن پھیٚوٚ رمُت۔ میأنس خوٗنس میأنین موٗلَن تام ووتمُت۔

نمَن نمَن اوس صِرف زہر تیلان۔۔۔۔۔بہٕ اوسُس تو تہِ خوش زِ یو سہٕ دَگ چھَم

تہٕ سوٚ چھَم أندری پوٚ زنیپری کرٕ بم نہٕ ذاتَس پیٹھ پہچانہِ پیٹھ، شناختَس پیٹھ کانٛہہ

شک۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔۔

بیٚیہِ لوٗگ مجمہٕ، لُکھ آیہِ طرفا تو پیٹھٕ ژٕستھ، بہٕ آس کالے جاے رٹنہ،،

تِتھے پأٹھی پیٹھی خلَق تہہٕ تہہٕ۔

''خبر کیاِ فاصلہٕ آسکھ کوٚ رمُت؟'' تِتھے پأٹھی پرٕژھ نگھٕ تلکی

ووپرَن، تہٕ میٚتہِ دُتیٚس تِتھے پأٹھی تِ جواب۔

تِتھے پأٹھی کھٕتی گوڈٕ مشقی، پتہٕ فراش تہٕ پتہٕ پُشنہِ، تہٕ تِتھے پأٹھی وٗون نگھٕ

تلکۍ دوپرٕن وُٹھوتلی ----

''وُنی کھسہِ نأ گرراے!''

تی نتہٕ تی سپُد، تتھے پأٹھی آیہِ گوڈٕ مصاحِب، اُمراتہٕ وٗزیر تہٕ اَمہِ پتہٕ سہٕ پانہٕ -----سہٕ اوسانأ گرراے کِنہٕ نہٕ تہِ ہیوٚک نہٕ اَزتہِ کأنٛسہِ وٗنتھ۔ پوٚز یُوٗنے کوٚرتُمی تتھے پأٹھی دوہٕ کڑایہِ وٗستھ ذات پرٛزناوُنک طریقہٕ منسوخ، فرق روٗز صرف یہ زِ اعلانہٕ سپُد زِ أزی کہِ پتھٕ چھے سأنی پیچان یہِ زِ یَس تہِ کأنٛسہِ کُنہِ اَنگس، کُنہِ بندس پیٹھ لکُھچن آسہِ نہٕ سہٕ چھُنہٕ اَسہِ منٛز، سہٕ چھُ نہٕ أسی، یہے چھِ سأنی شناخت، سأنی پیچھان، سون تشخُص۔ لکھُچن چھُ خوٗبصوٗرتی ہُند نشان، حُسنٕچ علامتھ تہٕ یُس نہٕ خوٗبصوٗرت آسہِ سہٕ ہکہِ نہٕ --------

تُمی وٗون اَمہِ پتہٕ تہِ واریاہ کینٛہہ پوٚز تہِ بوٗزنہٕ کأنٛسہِ تِکیاَ زِ ذات پرٛزناونک نوٚ واعلانہٕ بوزنَس ستی لُج لوٗگن چھگ، أڈی ژٕلی بُتھِ تہٕ أڈی لارے یہٕ پتہٕ۔

نگھِ تلکۍ دوپرٕن ژھُن موٗیہٕ سی سان کلہٕ بوٗن کُن تہٕ مےٚ وٗنُس ''گابرٕ مسابابا، پزتھ کُنہِ چھُ اعلاج'' تہٕ نرِتھچھ کرِتھ واتنوٗم شمشان بَل مستانَس نِش۔ مستانَن کوڈ تتھے پأٹھی جولہِ منٛزٕ بیوٗچ تہٕ مأنٛتھر پھُرٕتھ تَس بُتھی لبہِ پیٹھ

تھَوان تھَوان ووتھ مے کُن۔

''مےٚ أس راے دوکھٕ مادِہَس۔ اَتھ تہٕ چھُ تی اعلاج!''

تتھے پأٹھی دِژِنچ تسنزِ بُتھی لبہٕ أکی ہے جایہٕ بےٚ شُمار ٹوپہٕ۔نکھٕ تلک

ووپرَ گو تتھے پأٹھی بےٚ ہوش، یٚیلہِ تَس ہوش آو،ٹوپَن ہنزِ جایہ اوس گول گُرٕہُن

نِشانہٕ گومُت، بلکل لکھچُن ہیُوٚ۔ تَس تہِ اوس رگَن رَگَن، نَمَن نَمَن زہَر پھٕہلیٲمُت

مگر سہٕ تہٕ اوس میٲنی پأٹھی توتہِ خوش زِیہِ دَگ چھَم أندری،نیٚبری کرَہم نہٕ ذاتس،

پہچانہِ ،شِناختس پیٹھ کانٛہہ شک۔

اَمہِ پتہٕ دڑاو سہٕ پانَس تہٕ بہٕ پانَس۔ ووٚنی چھُ اَسہِ اَکُے ہشر زِ سہٕ تہٕ

أندرٕ زہرٕ ے زَہَر تہٕ بہٕ تہٕ أندرٕ زہرٕ ے۔

-----------

# شیٖم تنتر

نٚبرٕ ووٚتھ کیٛاہتام شور، کیٛاہتام وولٕہرِش، واریاہَن لوٗگن ہٕندِ پکنچ گیہِ آواز، شاید سپُد پتھراوتہٕ چکرٕ دھرتہٕ سورن سدِ ھژایہِ بامبرےٕتی ہی اَندرتہٕ درواز کوٗ رُکھ چیرٕ بَند، پَتہٕ پیٹھی تھَپہِ تھوسہِ رَکھ بَد لاونہِ۔ تِمن اُس نہٕ بامبرِ منٛز اَسہِ پیٹھ نظر پیمٕژ ۔۔مےٚ پرٕ ژھُکھ۔۔۔

''یہِ کیاہ چھِو کران؟''

''رَکھ بَد لاٗ وِتھ ذات کھٹان'' سورن سدِ ھن ووٚن اَتھٕ روٗ، کتھ۔

''تہٕ درواز کیٛاز زِ کوٗ روٕ بَند؟'' مےٚ کوٗ رُکھ ہِیہِ سوال

''نٚبرٕ مہِ وولٕہر شہِ نِشہِ محفوٗظ روزنہٕ خاطرٕ'' ووٗنی دُیت چکر دھرن جواب

مے آو پانسے ستۍ اَسن۔

''اَسان کیاز چھُکھ؟'' سورن سِدھن پرُژھ

''تہنز سادگی پیٹھ'' مے وۄنُس۔ ''ذات کھٹنہٕ برٛونہہ چھُ ضرورۍ ذات پرٛز ناونۍ تہٕ تٔمِس پتہ وولھِر شہِ نِشہِ محفوظ روزُنہٕ کھوتہٕ چھُ اہم أندرِمہِ وولھِرشہِ نِشہِ محفوظ روزُن، ذاتیچ وولھِرش چھےٚ زیادٕ کیڑ آسان''

''تہِ کیاہ گو'' تمو پرُژھ اِکہٕ وٕٹہٕ۔

''تہِ گو یمس نہٕ یمہٕ زٕ گتھہِ وبڑارنہِ تگن تس سَپدِ سوے وَنن یوسہٕ اَسہِ سپز''

''تو ہہِ کیاہ سپُد؟'' چکر دھرن پرُژھ تہٕ مے گرپنٕز یہِ گتھ شروع۔

تمہِ وَہرأ وزٕلرٕ زالکی پأٹھی پچھر دأنی بسترٕ پیٹھ کرِ تہٕ مے باسیو پچھر دانہِ أندر رُپُن پان بِلکُل محفوظ تہٕ مُطمین!۔۔۔تمہِ ژٕہتر شاید میأنی یہِ بشاشتھ توے اُمجۍ وننہٕ

''یہ چھُس سونچان مے برٛونہہ کیاہ آسہکھ ژٕ کران۔''

''گوڈٕ ژٕم کھیٛاوان کیمین کرلن اتھہِ پتہ کرٕ وژٕھ ترٕ اوان۔''

''سورفہٕ سنٛدی پأٹھی آ؟''

''اِن'' مےٚ دِتِس موخصَر جواب۔

''ذات کیاہ چھے؟'' تَمہِ پرٛژھ۔

''ناگرائے چھس نہٕ'' مےٚ وۄنُس پرٛژھ بیٚہوٗن۔

تَس سپُد اِطمِنان تہٕ بجلی ژھبہٕ کرِتھ ژایہِ سو تہٕ مچھر دانہِ تل تہٕ

ترٛووُن مےٚ لَرِلۄرڈاپھ۔ مےٚ گوگوڈٕ نکہِ پھرِ احساس زِ تَس چھُ مُشکھ یوان

یِہوٚے گاڈٕ شیہلُن ہیوٚ، مےٚ چھُ گاڈٕ شیہلُن خوش کران، پوٚز تَس وۄنُم نہٕ۔ خبر کیاز

ظُہر ایمیٚہ ہمہٕ زِیہِ پرٛژھم بیٚیہِ زِ ذات کیاہ چھے۔

کھُلہٕ دارِ منٛزی ژاو زوٗنہٕ گاش وُلہٕ منٛز تہٕ ڈاپھ ترٛووُن مچھر دانہِ پیٹھ،

اَمکی نکی نکی گٔدی گیہِ زوٗنہٕ گاشَس منٛز زیادٕ واضع تہٕ مچھر دانہِ أندٕ رٕ گیہِ اَسہِ بے

شُمار خانہٕ۔ ووٚنی أسی أسی اَکھ أکس تام مچھر دانہِ منٛزی چھأنتھ واتان۔

''یُتھ نہٕ شونگکھ'' مےٚ وۄنُس۔

''کیاز؟'' تَمہِ پرٛژھ۔

''یَیلہِ مےٚ لَرِلۄر کانہہ نیٚندٕ رترٛاوان چھُ مےٚ چھُ سہٕ پانس نِشہِ سبٹھا

دوٗر باسان''

''کینہہ ترٛاوِ نہٕ نیٚندٕ ر'' ونان ونان تُج تَمہِ ژرٕ تہٕ ترٛاوِن مےٚ پھیکہِ پیٹھ

مےٚ باسیو وزَن پھیٚکیٚنک یہِ حِصہٕ موٕملی پاٗٹھی وبگلان چھُ ۔ مچھر دانہِ نیٚبری آسہٕ ووٚنی واریاہ کیٚمی ذاٗژ اَنٛدر راَژنہٕ خاطرٕ ووٚتل بُجہِ کران ۔ کمرٕس منٛز اٗس بلکُل ژھوپہ صرِف اوس محسن تہٕ مچھن ہُنٛد گاٖں گاٖں کنٛن گژھان۔

''گژھ دچھتھنہٕ وُچھمُت زانہہ ؟'' تمہِ پرٕ ژھ ہنگہٕ منگہٕ۔

''اِں'' مےٚ ووٚنُس۔

''کیٚتھ چھُ آسان'' تمہِ پرٕ ژھ بیٚیہ۔

''آسان سہ تہِ اَکھ جاناوارا'' مےٚ دِیُتُس جواب۔

''تھوتیٚلہِ چھتھن نہ کیٚنٛہہ وُچھمُت'' تمہِ ووٚن زَن خوش ہیٚوٗ گژھتھ۔

''اچھا ژ مان تہٕ تی، توتہِ کیاہ گو''

''کِنہہ گونا؟'' تمہِ ووٚن تتھٕ پاٗٹھی زِ مےٚ باسیو زَن پزی پاٗٹھی واریاہ کیٚنٛہہ گو، زَن گژھ دَس متعلِق زانُن زندگی خاطرٕ سبٹھا اہم چھُ۔

''تیٚلہِ وَن ژ ے کیٚتھ چھُ آسان'' مےٚ پرٕژھس۔

''مےٚ ییٚلہِ خبر آسہِ ہے تیٚلہِ کیاز ِپرٕ ژھہے ژے'' تمہِ تہِ ووٚن پوٚ زِ مےٚ بیٚوٗ ٹھنہٕ۔

''ژ چھکھ اپزٕ ونان'' مےٚ ووٚنُس۔

یہ بۆ زِتھ کُرتمہِ تتھِ پاٹھۍ ژھوپہٕ زِمےٚ باسوٚ شاہ ژھیٚونُس ، مےٚ تھوٚو ہکہٕ تَسنٛدِس وٕچھَس پیٚٹھ اَتھٕ ۔

''چانہِ خاطرٕ چھسہٕ بہٕ أہم کِنہٕ میٚون پوٚز اُپز ؟'' تمہِ وٚون وارٕ وارٕ میأنِس اَتھَس پیٚٹھ اَتھٕ تھٲوِتھ۔

''تہِ کیاہ گو'' مےٚ پرٛژھُس ۔

''یُس نہٕ یہِ فأصلہٕ تگہِ کرُن زِ تَسنٛدِ خاطرٕ کیاہ چھُ أہم تَس گژھِ تی یہِ مالِس رازٕ ہسنٛزِ رانہِ گو !''

''سہٕ کُس اوس مالِس رازٕ ، تسنٛزِ رانہِ کیاہ گو؟'' مےٚ پرٛژھُس تہٕ تمہِ وُنی یہِ گتھ ۔

پَتھ کالہٕ اوس راز اأکھ تیٚمِس مالِس رازٕ ونان أسی ۔ یہِ اوس بڈٕ بہوٗدُر ، پوٚزنیٚش بوٚ داوس ۔ أمی کوٚر بڈٕ چکہٕ چاوِسان چترآ ناوِچہٕ أکِس وبد وان برٛہمَن کورِ ستی خاندَر ، پوٚز رازَس سَپز سو قدی آدم پأٹر کنی وُچھتھ سبٹھا حأرأنی یوسہِ چترآیہ داجَس ستی أنی مڑأس ، گوڑٕ سوٚنچُن زِ برٛہمَن کوٗر چھےٚ آسبس کینٛہہ ، مگر یٚیلہِ رانہِ یہِ قدی آدم پأٹرٕ پننِس خاص کمرس منٛز پلنگس سیٚدِ سیٚوٗد سجأوِتھ تھأو ، رازَس رٔودنہٕ پأنس تام ، تٔمی پرٛژھُس زِ اَتھ گنہِ کیاہ مہما چھُ ۔ رانہِ وٚنُس

اَسان اَسان زِژٕے چھیِہ یِہ کُنہِ باسان، یِہ چھُس اَمہِ مٔنزی بُتھ وُچھان، پان پأران، یِہ چھُ میٲنی اَنہٕ ۔ رازَس ہیٚوٚ ٹھ نہٕ ۔ 'کُنہِ کِتھ پأٹھی ہیٚکہِ اَنہٕ اَستھ؟' ۔ رأنی اَس وبدٕ وان تَمہِ وٚنُس منطق ''سوال چھُنہٕ یِہ چھا کُنہِ کِنہٕ اَنہٕ، کَتھ چھےٚ یِہ زِ یِہ چھُس اَمہِ مٔنزی وُچھتھ ہیٚکان، اَوٕ موکھ چھُ میانہِ خاطرٕ یِہ اَنٕے'' ۔ رازَس تۄرنہٕ تَسُند یِہ منطق فِکری تہٕ کیاز ِ سہٕ اوس بہوٗدُر، صرف بہوٗدُرتہٕ بَس، باقٕے نٔیش بۄد، تٔمی وٚنُس زِ 'یِہ کیاز ِ چھُس نہٕ تیلہِ وُچھتھ ہیٚکان' ۔۔۔ اَتہِ نَس توٚگ نہٕ رانہِ فاصلہٕ کرُن زِ تَسُندِ خاطرٕ کیاہ چھُ اَہم ۔۔۔ تَس باسوٚ رازٕسُندِ کھوتہٕ پنہِ زانہٕ ٹُک' اَہنکار زیادٕ اَہم، زیادِ ٹوٚٹھ، تَمہِ وٚنُس ''اَنس زَن تھَوٲنہٕ بڑوٚنٹھ کُنہِ تَس پیا کیٚنہہ بوزنہٕ، کَسر کَتھ چھےٚ اَنس کِنہٕ اَنی سٕنزَن اَچھَن ؟''

رازٕ چھِ مأنی آسان، یِہ بوٗزِن گو رازَس موتہٕ کھوتہٕ سَخ، تَس پھُٹ دِل، تٔمی ترٛ ووسوُرے راج تہٕ ژٔول جنگلَن کُن، پھیران پھیران ووت سہٕ منتھرکؔ ریٚشی سُند آشرَم، منتھرکؔ ریٚشی یِیلہِ رازٕ سُند حال بوٗزتَس آیہِ دیاتہٕ دیا یِتھ دُیوٚتنَس گورٕشبد ۔۔۔ دوٚپُنس ''اَہم نہ چھُ اَنہٕ نہ کُنہِ تہٕ نہٕ اَچھ، اَہم ہبا چھُ پان وُچھن، ذات پڑزناوِنی، اَدِ سو کُنہِ آسہِ یا اَنہٕ، پوٚ زسَم یَم چھُ ونان اَنہٕ مٔنزی وُچھنٕے گو جان، کُنہِ مٔنزی وُچھنہٕ چھُ اَہنکار گژھان ۔؟ گورٕشبد بوٗزِتھ آو

مانس رازَس گیان تہٕ رأنی رٔوزتا عُمر پأترو چھس دِتھ لبلہٕ کران۔

گتھ وٕنتھ گرتمہِ ژھوٚپہ تہٕ مےٚ تہِ پھوٚنہٕ جُرتھ تَس پرٛژھنگ زِ گرٛ دکیتھ چھُ آسان أخرَس۔

زٕونہٕ گاش اوس وُنہِ تہِ تِتھے پأٹھی مچھر دانہِ پٹھ ڈاپھ دِتھ تہٕ أسی أسی وُنہِ تہِ پرَنہِ منزی چھأنتھ اکھ أکس تام واتان۔ بہٕ گوس ووٚنی تَس سبٹھا نزدیک تہٕ آرٕ کرٛ وثنڈُل گرِتھ رٔٹم پانَس ستی۔ تَمہِ ترٛ وواتھ میانہِ شانہِ پیٚٹھ کنگوبن درمیان تہٕ مےٚ باسوٚ زَن تَس اوٚنگجہِ زیٹھے یہِ۔۔ اَمہِ پتہٕ گوس بہٕ بےٚ حبس، کِنہٕ نیندٕ رپیٚم، پوٗرٕ چھم نہٕ خبَر۔ تَس تہِ زَن رٕوزنہٕ سود۔ خبَر کوٗت کال آسہے اَسہِ تِتھے پأٹھی گومُت، شاید وأنسہِ ہا۔۔۔ پوٚز ییلہِ أسی ہُشار گیہِ، مےٚ اوس سورفہٕ سُند کوٚنڈُ ے یوت موٚ ژیامُت تہٕ تَس أسی سأری ہے نیلہٕ پیٚی داغ پیٚمتی۔

"بہٕ وَنہٕ یہِ گرٛ دکیتھ چھُ آسان" مےٚ ووٚنس

"نہَ، أسی دزٕلیہِ دوشوَے اَپزیأری" تَمہِ وٚون

"کیازِ؟" مےٚ پرٛژھس

"اَسہِ تھوٚو ذات کھٕلِتھ" تَمہِ وٚون

''کھٹِتھ نا ے تھٔونہٕ، دَپھ اَسہِ اوس پانَس تہٕ شک!'' مےٚ دُیُتُس جواب۔

''اَتُر گونیٖرِ نِشہِ محفوٗظ روز ہٕکہِ شرٕ۔۔۔ وَچھٕ ہا گو۔۔۔'' تَمہِ وۄن زَن پانسے ستی، تَس اَسی اَشی ٹارٕ ی بٕرِتھ۔ اَمہِ پتہٕ گُرمےٚ ژھۄپہ۔

گَتھ بۄ زِتھ وۄتھ چکر دھٕرتہٕ سورن سِد ھتہٕ درواز ہٕکہٕ مٕژ رِتھ دژ ایہِ نبَر۔۔۔ نیٖرِ اوس کیٛا ہتام شور، کیٛا ہتام ولٕہٕرش۔۔۔ تہٕ اَندرٕ اوسُس بہٕ یتھ مچھَر دانہِ، یَتھ زٕلرٕی زالَس منز قاٗدتہٕ مےٚ لَرِلوٚ رتَسٕژ لاش، پٕنٕنی کَنی نیٖرِ نِشہِ محفوٗظ

---

# پرٛتیتھ

''پرٛتیتھ ہسأوٕ ژھےِ بابا!'' تٔمۍ ووٚن یِوان یوانۍ تمہِ اَنداز زَن ونان اوس زِ'' شاہ ہسأے ژھیوٚنۍ بابا'' مگر بہِ گوس توتہِ تِسٕنز یہِ کتھ بوٗ زِتھ أندری کنٕ خوش زِ عذابہٕ نِش گوس آزاد۔ تٔمۍ ژِ تُر شاید میون یہِ احساس۔

''ژےٚ گوےٚ نا کانٛہہ افسوٗس یہِ بوٗ زِتھ؟'' تٔمۍ پرٛژھ حأرأنی سان۔ یوٚت یوٚت تام آم زِ وَنِس ''پرٛتیتھ أس تہٕ وٗژھ آسہِ ہے نَے تہٕ ووتھِہے کیٛا؟'' پوٚز مےٚ زون ژھوپہٕ کرٕنی جان تہِ کیٛازِ بہٕ اوسُس زانِتھ زِ یہِ لاگہِ بحث، ثأبت کرنٕچ کرِ کوٗشِش زِ پرٛتیتھ ووتھنۍ چھُ شاہ ژھٕنِنس برابر، حالانکہ حقیقت چھےٚ یہِ زِمیانہِ خأطرٕ چھےٚ ووتھنۍ شاہ ژھٕنَنس تہِ مَساتیژٕ ہے اہمیت ییژاہ پرٛتیتھ ووتھَنس

چھےٚ ،بلکہِ تمہِ کھوتہٕ تہٕ کم! ۔۔۔"کم گوآسنُک مطلب گو نہٕ ژ چھُکھ زیادٕ ذہین"۔تمی دِیُت مےٚ بیٚیہِ ترٛونٛکھ ،سوٚچُم زِوُنس کتھ کُتول آسنُک مطلب تہِ گونہٕ زِ ژ چھُکھ زیادٕ تُرُک ۔مگر اَتھ سوچَس تہِ دیُوتُم نہٕ زیٚوِ پیٹھ یِنہٕ تہٕ کیٛاژِ یہٕ اوسُس زانٛنتھ زِ سہُ کرِ یہِ ثابت کرنہٕ خاطرٕ تیژ کتھ زِ مےٚ روزِنہٕ زیر گژھنہٕ بغٲر بیٚیہٕ چارٕ ے کانٛہہ۔

تَس چھُ دوٚن سوادُک سَخ خیال اَوے وُنُس مےٚ اوٗری کُن گانٛگلہِ کرنہٕ خاطرٕ گٔمل لٲژتھ۔ "دپان ہاہا کھ چھُ ترٛ ہہ (۳۰) روپیہِ کلو گومُت؟"مگر میٛانہِ گتھِ ستی گونہٕ سہُ گانٛگلہِ ،شاید اوس نہٕ سہُ وُنی کٔنہس تھِس معمولی موضوعس پیٹھ رائے ذنی کرنَس تیار۔ دَم ہیٚوِ دِتھ زول تمی حسبِ عادت سگریٹ تہٕ زِ، ژور دام دِنہٕ پتہٕ لوٚگ اِنتہائی سنجید گی سان وِنہٕ ۔۔۔۔۔۔۔۔:۔

"ژٕناُسی زِنہٕ پڑھ معمولی گتھٕ کران"

"کٕرژھ معمولی" مےٚ پژ وژھُس اَسونہٕ۔

"ترٛشھے زیادٕ اُسی زِنہٕ گلِس ڈوٚل لاگان۔ ژےٚ تہٕ ہاگس کیاہ کأم"

۔۔۔۔۔۔مےٚ توٚگ نہٕ تسندِس اَتھ سوالَس جوابٕ دیُن ،شاید اوس نہٕ مےٚ تسُندیہِ سوال فِکری تورُمت:"مےٚ تہٕ ہاگس کیاہ کأم"

''ژٕ گوکھنہٕ بالکُل تہِ قائٕل''، تُمۍ وۄن تَمۍ سٔنجیدٕگی سان۔

''کمیٛک گوس نہٕ قائٕل'' مےٚ پرٛژھُس۔

''اَمہِ کۄی ہا معمولی کتھَن پٕٹھ پزِ نہٕ چون وقت راوٕ راوُن۔ وُنہِ چھے نہٕ پرتیتھ پۄرٕ پأٹھی وٕزھمژ مگر یِژھو کتھَو ستی ووتھی!'' مےٚ کتھ فِکرِ تأرِتھ بیۄٹھ سہٕ مِیأنِس جوابَس پرارنہِ۔ مےٚ گٔر ژھوپہٕ، اِوٕ کنٕز نہٕ زِ مےٚ کیا اوس نہٕ ونُس لایق کینٛہی، بَلکہِ اَوِ کنی زِ تَس کینٛہہ وُنن اوس فضوٗل، تہِ کیا زِ سُہ اوس تَمو مَنٛزٕ یَمن تھٕنہٕ پٕنبَس ستی ششتر راڈ ہیوٕ 'دُوٗن سوادِ کی' اصوٗل مو چھِ مَنٛز بَنٛد چھِ آسان یِتھی اِنسان چھِ سورِے کینٛہہ بدلاوان، مکانہٕ پلَو پوشاک، کھین چین، کارٕ فرنیچر، زنانہٕ، سورِے کینٛہہ مگر مو چھِ مَنٛز بندٕیم ششتر راڈٕ نہٕ کینٛہہ!

''دۄیمے ناکم گوٚ آسنگ مطلب گونہٕ ژٕ چھُکھ ذہین''، تُمۍ دُیت بیٛیہِ ترٛ وٕنکھ۔

''ووٚنی زَن کیاہ ہیٛو گژھِ بہٕ کرُن'' مےٚ ووٚنُس تنگ یِتھ۔

''پرتیتھ، ----(Credibility) عام اِنسانہٕ ہٕنٛدِس سوچنَس تہٕ چأنِس سوچنَس گژھِ فرق آسنٕی۔ ژٕ چھُکھ نہٕ معموٗلی اِنسان!''

تسُنٛد یہِ أخری جُملہٕ کۄر مےٚ بڈٕ خوش بہٕ چھُس نہٕ معموٗلی اِنسان' أنٛدرٕ گوم گتھ تام گُمبٕنٛدس اَندر آرتھی ہُنٛد سنہٕ وُن تھالجِہ صدا گُس تام رازٕ ہوٗنٛز گوسفید

شین ہشن پکھن واش کڈتھ بیدار تہٕ دودٕ ہر کس سرٕس ڈُ ٹگ دِتھ بیوٹھ زَن موختہٕ کھبنہٕ ! 'بہٕ چھُس نہٕ معمولی اِنسان'۔۔۔تہٕ اَمہِ پتہٕ سوٗچ نہ مےٚ زٕ ہنٛز زِ ہاکھ گٕہِ چھُ کلو۔مےٚ کرِ افلاطونہٕ ہنٛزٕ ہشہِ کتھٕ؛ بجہٕ بجہٕ تہٕ دزَن دار، مارگن منٛز گرِم سأری کٔلی۔خبر کیاہ کیاہ لیوٗکھُم تہٕ کوتاہ وٗ ونم !

سہٕ اوس میانو اِتھو کارناموٕ ستی بڑٕ مُطمعین ۔۔۔سبٹھا خوش زِ بہٕ چھُس نہٕ ووٚنی یِژھَن معمولی کتھن پتھ پٔنن غأر معمولی وقت ضایعہٕ کران زِ ہا کہٕ کلو چھا ترٛ یہِ روپیہِ کِنہٕ ترٛ ہہِ روپیہِ۔شاید أتھی خوٗشی منٛز نیوٗنس تمی بہٕ اِکہِ دوہہٕ أکِس عألی شان بارٕس منٛز چیٚنہٕ ! حالانکہ مےٚ تہِ اوس ووٚنی تقریباً یقین ہیوٗ زِ بہٕ چھُس نہٕ معمولی اِنسان مگر اتھ رنگ روغن، چمک دھمک تہٕ بُہرٕن ہُند پلو پوشاک وُچھتھ باسیوٗ مےٚ پٔنن پان کنڈ بن پیٹھ ہیوٗ، خاص کٔرِتھ ییلہِ مےٚ لبہِ ہنٛدِ آدم قدٕ أنہٕ منٛزی پنہٕ نین کبأڈی پلوٗن پیٹھ نظر پییہِ۔مےٚ اوس نہٕ اَمہِ برٛ ونٛہہ پیتہٕ بڑٕ أنہٕ منٛزی پٔنن پوٗرٕ پان زٕ ہِہ وُچھمُت۔مَتھ گوم تھوٚ د ؤتھتھ پھِرٕ أنس دوٚیمس طرفس کُن بُتھ مگر تہٕ کرُن اوس نہٕ مُمکن تکیا زِ أنہٕ اوس دیوارٕس منٛز فریمہ سان پیوست زَن لبہِ ہُنڈ ے حِصہٕ اوس، مےٚ باسیوٚ کُرسی کھُلہٕ أستھ تہٕ زَن پٔنن پان چارنہٕ آمُت، مےٚ کھأری زنگہِ پیٹھ زَنگ تہٕ کھور برِم ٹیبلس تل، اَمہِ ستی گو

کھور بو گولمُت بوٗٹ تہٕ کرٛیزِ روٗس پتلون میزَس ژھایہِ مگر بولہِ کوٗتھ سپُد أنَس

پیٹھ زَن زیادَے نُمایاں۔ مےٚ ڈاجہِ أنہِ پیٹھٕ نظرِ تہٕ بےٚ مطلب بیوٗٹھس کوٗٹھکی

بٹن گرابَند کرنہِ تہٕ گرامُژِ راونہِ۔

تٔمی ژِتر میأنی حالت تہٕ وُٹھ گمنٲوِتھ ووٚتھ '' ژےٚ چھیٚیہِ خبَر خلق چھِ

چون دوٚپ حوالہِ گنہِ ورتاوان، چأنِس زِندٕ روزٕنکس معیارَس، چأنِس پلَو

پوٗشاکس چھےٚ نہ ووٚنی لوٗکن ہندِ خاطرٕ کٲنٛہہ أہمیت۔ لُکھ چھِ صرِف چانِہن کتھَن

ہُندسنبرتہٕ وزن وُچھان، چانہِ دیپک حُسن تہٕ نورپرکھان۔ ژٕ چھکھ مولُل!''

تیٚسندِ امہِ بیانہٕ سٕتی گیہِ مےٚ پنٕنی حالتھ پنٕنی کباٗڈی پلَو، سورِے کینٛہہ مُشتھ

،أنٛدرٕ گوبیٚیہِ کتھ تام گُمندَس اندر آرتھی ہُندسنہٕ وُن تھالچہِ صدا، گُس تام رازٕ ہوٗنٛز

گوسفید شین ہش پکھَن واش کڈِتھ بیٚیہِ بیدار تہٕ دوٕہرِ کس سرَس ڈُنگ دِتھ

بیوٗٹھ زَن موٚختہٕ کھنٕنہِ۔

خبر بہٕ کأتِس کالَس بیٚہما رازِ ہوٗنٛز سُنٛد یہِ نظارٕ وُچھنہِ زِ ٔتمی اوٗنُس بہٕ

میأنِس گِلاسَس سٕتی گِلاس ٹکرٲوِتھ، زَن نرِ تھپھ کرِتھ امہِ سٔدرٕ بٹھ

پیٹھٕ تُلتھ۔

'' خبر یاد چھُیہِ''، ٔتمی ووٚن اَکھ سِپ چیتھ '' مےٚ ونوٗ مےَ بجٹ پیش

سَپدِ نہٕ بڑونہی یہٕ ہا کرٕ ے مارکیٹس پٮ۪نٕز ساٗرٕ ے سپلائی فی الحال بند۔۔۔۔۔۔

یہ ہاولتہٕ اسمان نوٗ بجتہٕ پتہٕ ؟'' مےٚ کوٗرُس ٲلبہٕ کلہٕ ستےٚ آنکار تکیاہ زِمےٚ اوس نہٕ کُنہ

یاد، تِمہٕ اوس نامےٚ معموٗلی کتھن پیٹھ سوچنس ٹھاک کوٗرمُت ، اِدسہٕ ہا کھ آسہِ ہے

یا تیل ، بزٲ زی آسہِ ہے یا ٹینہٕ ژادرٕ۔

'' اِدتی نہٕ تی سَپُد، قیمتھ واُتی برابر اسمان ، اٲتھی چھِ ونان Calculation !

انداز ، بازرس پیٹھ نظر آسنہٕ''

'' تہٕ ہا کچ کیاہ دلیل ؟'' مےٚ خبر کیاہ زِ ژوٗل ہکہٕ نیرِتھ ، مُشتھے گوم زِ

یوٗھن معموٗلی کتھن پیٹھ چھُ نہٕ مےٚ سوچُن تہٕ اَمہِ برٕونہہ زِسہٕ کرِ ہے مےٚ اَتھ

معمولی کتھِ پیٹھ سوچنہٕ باپتھ تمبیہہ ، مےٚ کرِ یہٕ وٕنتھ پنٕز غلطی پانٕے دُرست زِ''

ژٕ ے چھیہ خبر یوٗزاپزٕ چھُ تِتھے پاٗٹھی بالکل تِتھے پاٗٹھی مکان وزمانٕکس پنجرس

منٕز قاٗدٕ تھِ پاٗٹھی انسانہٕ سٕنز ذات چھےٚ، توٗ ے چھُ نہٕ دوٕ یوٗ منٕزٕ کہنی اَبدی''

میاٗنی یہِ افلاطونی بوٗزِتھ گوٗتس ہا گس متعلق میون معمولی کلامہٕ مُشتھ تہٕ

خوش گرٕ ھتھ لوٗگُم وننہٕ ''وُچھو یہٕ چھُس اَکھ معمولی اِنسان، چانہٕ سوچنٕک یہِ انداز

گتہٕ ترِ مےٚ فِکری۔'' ۔۔۔۔۔۔۔۔۔تہٕ یہِ سوچنہٕ تہٕ دپنہٕ خاٗطرِ گتھ گتھ گیہٕ

چاۓ کی، کیٚا کیٚا آو آوسِتھ تہٕ کیٚا کیٚا گو ہایہٕ تہٕ کیٚا گوراۓسی، تتھ کھاتَس تام دِیُت

نہٕ مےٚ کانٛسی پلنہٕ، پننٛس پانَس تہٕ نہٕ، یٖیمہٕ ؤہمہٕ زِ خبر پرتیتھ ماووتھِ، یٖیہٕ یٖیمہٕ

چاوٕ زِ یہٕ چھُس نہٕ معموٗلی تہٕ یم پولری پشلِی اَتھٕ أگنَس بڑ وٕنٛتھٕ گنہٕ اَتھَس منٛزٕ یتھ

چکہٕ چاوٕ سان مےٚ سُوگرٕ أنی، تمَن اَتھَن گرراۓو سوگرمی، کردٕژا اکھٕ ترِ کٹھ کارَس

منٛز چاۓ کی گرٛہِتھ پھرٛاٹن خون، تورگُن گو نہٕ مےٚ زوٕنہٕ ---- بہٕ مااوسُس

معموٗلی، مےٚ اوس تھوٚد سوچُن افلاطوٗنہٕ ہنٛزٕ ہشہٕ کتھٕ کرنہٕ، خبر کیا کیاؤنتھ تہٕ کیٚا

کیٚا لیکھِتھ کھُر کڈُن، اَتھ وبستار دِیٖن، پَتھ گُن کینٛہہ موٗلُل ترٛأوِتھ گرٛھُن

، یَتھ خلق حوالہٕ کنہِ ورتاوِتھ ہیکَن، تم تہٕ یمن تھنہٕ پہنہٕ وِزی 'دوٗن سوادٕ کر'

اصوٗل بنٛد موچھِ منٛز محفوٗظ چھِ آسان ---- پرتیتھ روزِ قائیم بلکہٕ گرٛھِ ہُران تہٕ

---- پوٚز اکِہ دوہہِ روٗز پرتیتھ أتی تہٕ شاہ ژھیٚون!

موچھِ منٛز بنٛد شششتر راڈِ وول ووتھ دُسہٕ پھردِ پتھرِس پٹھ ؤہراوِتھ مجموٗعس گُن

" ہے یہٕ اوس نہٕ کانٛہہ معموٗلی اِنسان - اَسہِ پزٕ چنٛدٕ گرِتھ شایانِ شان طریقس

پٹھ ژندَن لگرِ ستی اُسنٛد داہ سنسکار کرُن۔ "

امہِ دوہہ پیٚیہِ مےٚ گوڈنچہِ لٹہِ تمَن پولربن پشلبن اتھَن پٹھ نظر یمَن

زِندگی وبستار دِنکہِ میانہِ جنوٗنک قیمتھ ادا کرِتھ چاۓ کرٕ تہٕ پھرٛاٹہٕ آسہٕ گامٕژ - پوٚز

وونی حاصِل ،مێون وقت اوس سور یومُت ۔شاہ اوس ژھێو نمت تہٕ پر تێتھ ۔۔۔

شاید اُس نہٕ وونی سو تہِ رۄزمٕژ ۔

مےٚ وِژ اُندرِ مس گُمبندس ژھاَنڈ ،سوٚرے اوس وأران ،نہ اُس آرتھی

تہٕ نہ تھالجہِ صدا ،نہ رازِ ہوٗنز تہٕ نہٕ دوٚدِ سَر ۔صرِف اوس بُڈس ژھوٹہٕ ڈیرَس پٹھ

اکھ مکٕری کاوژھوٹَس دۄنٕژھ دِوان ۔خبَر کیا ژھانڈان ۔شاید پر تێتھ !

----------

صأبر گلہٖ وانَس تہٕ مہاراجہِ بہودرَس اوس أکِس معاملَس مَنٛز زبردست ہِشَر ، سہٕ گوٚ یہِ زِ دوشوَے أسی گُربن ہٕنٛدی بےٚ پناہ شوقین ، بَلکہِ روزِ عاشق وَنُن زیادٕ بہتر۔ مہاراجہِ اوس بہوٗدُر آسنہٕ علاوٕ مہاراجہِ تہِ اِمو کھہٕ اوٚسُس 'فارم' دُنیاہ کھوٗزأژَل گُربوٗ ستی بَرِتھ صأبر گلہٖ وان گتھ کرِہے اَتھ معاملَس مَنٛز تَس ستی مان ، ووٚں گوٚ سہٕ تہِ اوس نہٕ پننہِ حسابہٕ کیٛنٛہہ کم پایہِ ہیٚوٗ۔ پوٚز چیٚمس کیٛہو کٲشیرِ مَنٛز یٚیلہِ تہِ کأنٛسہِ جان زأژَل گُری سُند ضروٗرت پیٚیہِ ہے سہٕ اوس میلہٕ واد کڈِتھ صأبرس نِشی واتان

شاہ سوار

------------

یٚیمہِ بُستی ہنٛز یہٕ گَتھ چھُس کران ، یہِ چھےٚ سرکأری بُستی ، اِمو کھہٕ چھُ یہِ لأزمی ہیٚوٗ زِ سأرِی مکانہٕ آسَن اَکی اَنہٕ مانہٕ ہیٚوی ! ہرگاہ تہِ وَنو زِ سرکأری بُستی ہنٛز شِناختے چھے ، اَمہِ کٔس مکانَن ہُنٛد یکسان آسُن تہٕ کیٛنٛہہ غلط گَتھا آسہِ نہٕ ۔ پَزر گوٚ یہِ زِ مےٚ چھُ اَوَے پزِھَن بُستیَن مَنٛز روزَن خوش کران زِ پننہِ وجوٗدٕچ اِنفرادیت چھےٚ بُستی ہنٛدِس یکسان مکرِس میٛژِ رنٛگس مَنٛز تحلیل سَپدِتھ میانہِ " یہٕ چھُس " آسنٛک بار ہلکہٕ کران تہٕ پہچان چھےٚ محض کیٛنٛہہ حرف تہٕ ہندسہٕ روزان : بُلاک ڈی / بی ۔۱۰۲ ـ Block -D B-102 (102) ۔ یُس مےٚ بڑونٛٹھ بُستی ہنٛدِس یَتھ کمرَس مَنٛز 'آباد' اوس تَسنٛز شِناخت تہٕ أس یہے

---------------------- B-102/ Block -D ! ----- (تحریر)

بأزی گرَن حاوزوردار پأٹھی ڈابر وأتِتھ دُپچ اٗخری کھیل !
ژرِتُج اوول ییرِ نہٕ خأطرِ دُپچ اٗخری گاسہٕ کٹ !
ہِچ دِژ دُپچ اٗخری ٹوپھ !
گوٗلی لاین وألی چلاو دُپچ اٗخری گوٗلی !
گوٗلہ کھبنہٕ وألی کھیٚیہ دُپچ اٗخری گوٗلی !
زہری دُیت زالَس دُنگ اٗخری وار ! تہٕ ـ ـ
مےٚ تہِ لیچھ ژھرٛ ٹھٕ دِتھ دُپچ اٗخری لأن ! ۔ تہٕ أتھی ستی لوٗس أزیک سرِ یہِ ۔ پتہٕ آیہِ رات۔

( شب گرد )